# کٲشِرۍ تلمیح

ترتیب کار

غلام نبی آتش

موہن لال آش

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

پرنٹر پبلشر
سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹس کلچر اینڈ لینگویجز
پریس
جے۔ کے۔ آفسیٹ پریس۔ دہلی
تعداد

قیمت

سرورق
محمد یوسف مسکین

# عرضِ ناشر

ہرگاہ ہے کاشر زبانۍ ہنٛز اصل ارزتھ صحیح اندازٕ کرُن آسہٕ۔ اَسہِ چھِ پتہٕ اَمہِ کہِ تحریری اَدبہٕ کھعٕ ژُور اَمہِ چہِ لُکہٕ رِوایژ زۆل دِیُن۔ وۄں پٔر حکمرانن ہنٛز دربارٕچی زبانہٕ روزٕ اَکھہٕ اوتٕ اوتٕ نام وانٛسژان۔ ساٰنۍ واریاہ گاٹُل تہٕ ذہین لُکھ رُودۍ کاشرس رۆشتھ وۄں پٔر زبانن ہُلم برٛان۔ مگر ساٰنۍ لُکہٕ رِوایژ روزٕ وٕنُتھ ہیٚنٛدۍ یاگھ ساٰنہٕ زبانۍ منٛز سۍ وۄتلان تہٕ وۄلسان۔ تیٚمہِ چھُ یہِ زٕ کہاوژن محاورن، تلمیحن، مِثالن ہیٚتر منٛز چھِہ کاشر زبان بیٚیِہ باگہٕ برٛژِ لاین حسابس پیوا عترٛاف کرُن زٕ ظاہر آسہٕ ژٕ دُنیاہچہِ کُنہٕ زبانۍ منٛز اَتھۍ نظیر۔ کاشرین ہنٛد تواریخ دانٛی تہٕ حِسِ ظرافت (Sense of Humour) تہٕ چھِہ یمنے لُکہٕ وٕرتاون منٛز باشہٕ کران۔ کلچرل اکادمی چھُ ییٚنہٕ اَمہِ سرمایک بہ خوبی احساس کاشر ڈکشنری مُکمل کرنہٕ علاوٕ چھُ اکادمی لُکہٕ کتھن تہٕ لُکہٕ باتن ہنٛدس سوٚدرس تہٕ سوٚتھ گوناڈ مُت۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ ساٰنین اَسن تہٕ گٔنٛدن ژراین مُتعلق زٕ کتابہٕ تہٕ شایع سپدِمژ۔ اَز چھِہ اَسہٕ اَکھ روشن وٕنہٕ پیچھٕ بیا کھ ژھانٛگ تارسند داوان۔ کاشر تلمیح چھِہ ساٰنہٕ زبانۍ تہٕ ساٰنین لُکن ہنٛدِ اظہارٕکۍ سٔنزتہٕ شاندار انداز نٔنۍ کڈان۔ یِمن منٛز چھُ کاشرین ہُنٛد بیٚنٛج گُدرُن، تہنٛز ظرافت تہٕ شوخی (wit) تہٕ تہنٛد سِننم ظریفی تہٕ برٛژتھ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یِمن منٛز کاشر تہذیبک سٕتر، زیٖچھر تہٕ کھجرٕ نہٕ واش کڈان۔ اَکہِ طرفہٕ چھُ اَمیُک اَکھ اندوٕیدٕ کالکین کردارن کوم کران تہٕ دوٚیمہِ طرفہ چھِہ اَتھ منٛز عرب تہٕ عجمہٕ کین واقاتن، اسطورن ہُنٛد گرٛہز موجود۔ مےٚ چھےٚ پٔرتھ زٕ زیرِ نظر سوٚنبرن کرٕنہٕ صرف کاشر لُکہٕ رِوایژ

وُسعار نوٚن، بلکہ سپدن وار یاہ پژن دٲلی تلمیحن ہنٛد نوٚت منظر بٔنِتھ یمن
لُطف اندوز تہٕ اکھٕنٛے ہیکن تِم یمن تلمیحن ہُنٛد شُرن تہٕ زور بہتر پاٹھۍ بۄد گژھن۔

تلمیحن ہنٛز اکھ اہم خٲصیت چھےٚ یِہ زِ یِم چھہٕ لُکہ رِوایژن منٛز چھپان
تہٕ ورتاوِکس ٹکسالس منٛز نیٚتھ کھسان۔ اَمہِ کِنہ چھُ سانٛے باسان زِ بییمہٕ کِتابہٕ
ہنٛدِس آخری حِصس منٛز یِم "تلمیح" درج چھےٚ کرنہٕ آمژٕ۔ خبر تِمَو منٛز ما چھےٚ
وُنہِ تام ورتاوِ لی کرنہٕ آمژٕ مثلن "نِظامہِ پیرٕنۍ پالسی" یا نوٚوٕ ڈَیہ ہُنٛد ماشہٕ۔ یِم چھِہ
وُنہ وقتہٕ تہٕ ورتاوِ چہِ کوٚتہ منٛز تادٕ تیھرٕنۍ۔ سانٛے چھُ باسان زِ اَمہِ پیٚٹھ ہیٚکہِ
اَتھ سِلسِلس منٛز ذرا تُرتہٕ کٔرتھ۔ بییٚکھ کتھ "کالا پانی" ییٚتِنۍ "خبر چھا تمن
واقعاتی کِنہ تلمیحی۔ اَتھ پیٚٹھ تہٕ ہیکن کیٚنٛہہ سیٚد نتھ۔ بیٚیہ کتھ "باٹری"
دول تلمیح قدیم حِصس سیٚتہ ترٲوِن تہٕ چھُ ہنا لوٚتے باسان۔ مگر لیکن گژھہ
چھےٚ یہ کِتاب کٲشرِ اظہارچہِ کیٚنٛہہ تراوِہ نٔوِ کرِدارس تہٕ سانہِ لُکہ رِوایژ ہُنٛد
اَنبر بٔرتھ راوٕنہٕ کِس سِلسِلس منٛز اکھ اہم قدم۔ تہٕ سانٛے چھُ باسان زِ کٲشری
مُشتاق کرن اَتھ پسند۔

محمد یوسف ٹینگ،
سکریٹری

لال منڈی۔ سرینگر
۵، اکتوبر ۸۵ء

# ترتیب

# گوڈکتھ

ہرٕ بشرس چھِ زِندگی ہٕنٛز ژٕلہ لار تہٕ وۄسہٕ دٲرِ منٛز چھِ پیوان رنگہٕ رنگہٕ وٲرِو وادٕکھ تہٕ حادثات بُچھنۍ۔ یِمو منٛز کینٛہہ کالہٕ پگہٕچس گردشس منٛز راوان چھِ تہٕ کینٛہہ چھِ انسٲنۍ ذہنس اندر محفوظ رۅزان۔ یادٕ ووٚتھرِ ییمَن واقاتن رٕچھِتھ، یم چھِ اکہٕ پتہٕ بیٚیہ پیٚش یِوان تہٕ وانہٕ رۅزان۔ پرٛیتھ حادثہٕ تہٕ کار چھُ انسانس اکھ تجربہٕ کرناوان، تہٕ گوڈٕ زِندگی ہٕنٛز حالاتھ چھِ دوان شمارٕ بدلن تجربن زایتھ۔ نہ صرف بترِ منٛزٕ وولُے اوت بلکہ اَمِیُک مشاہدٕ کرن وول یا مشاہدٕ کرن وٲلۍ تہٕ چھِ یِم منٛزٕ کرِتھ تجربہٕ ہِکوان دٲنِتھ لیکھتھ، یُتھ زن سینہٕ بہ سینہٕ برٛونٛہہ کُن پکہ نادٕ یتھ بینہٕ وٲلین تہٕ اکار بکارِ ین۔ واقاتھ چھِ بےٚ اَنٛتھ تہٕ ناممکن چھُ اکس تواریخ لیکھن وٲلِس کیاہ بیٚیکہ مارِنے واقاتن پیٚٹھ نظر آسِتھ۔ کُنہہ تہٕ زمانُک مورخ چھِنہٕ اَدٕ سو کیٚہہ تِم سٲرۍ واقاتھ تہٕ حالاتھ لیکھِتھ ہیٚکمُت، یم تِیٚتھ زمانہٕ یا تمہ برٛونٛہہ یامِ آسہِ گٲمتۍ۔ عام انسانس تہٕ چھُنہٕ لیکھنہٕ آمتِس تواریخس سۭتۍ غرض۔ اَوے چھُنہٕ عام انسان کُنہہ تواریخی قصس تنٛیوت اہم مانِتھ ہیکان، یوٚت شہ یم قصہٕ تہٕ واقاتھ لولہٕ زٕچھان چھُ، یم نسلٕ نسلٕ زبٲنۍ منٛز شرٛینیمتۍ آسن۔ عام لُکن ہٕنٛز لوکہٕ تہٕ حالاتھ چھِ تہٕنٛزِ زبٲنۍ منٛز موجود رۅزان۔ لُکن یوسہٕ دلیل، یُس قصہٕ، یُس واقعہٕ ہیٚٹھ ووٚتھ تہٕ ٹارِ کھوٚت، تتھ چھِ یم لوٚلہٕ مَنٛتہٕ لاے کران تہٕ سینہٕ بہ سینہٕ برٛونٛہہ پکناوان۔ بامے تواریخ لیکھن وٲلۍ یم قصہٕ تہٕ واقعہٕ کاکدس پیٚٹھ تارِ کرِتھ آسن یا مَنٛتہٕ آسہٕ تن۔

عام پأٹھۍ چھِ ڈیٚشنہٕ آمتین تہٕ مَرنہٕ آمتین تجربَن کیو قصَن ہِنٛدی خلاصے آتی
انسٲنی ذہنس اندر ژھوٚٹین موٚٹین لفظَن منٛز روزان موٚحفوظ۔ ضرورتہٕ وِزِ چھِ یِوان
یِموٚ خلاصو سیٚتۍ اصل واقہٕ بڑِ شہہ کُن۔ یُہے وجہ چھُ زِ کُنہٕ شعوری کوشش
وَرأے چھِ سَرَن والین ہِنٛدی تجربہٕ کم تہٕ ژھوٚٹین لفظَن اندر ژو مَرنہٕ یِوان۔ یِم لفظ
چھِ بڑہٕ مخصوص تہٕ رٔنبلہٕ آسان تہٕ یِموے سیٚتۍ چھِ پرٛیتھ زبٲنی اندر کہاوَژ، ضرب المثل
تہٕ تلمیحات زایہِ لبان۔

تلمیح چھُ عربی زبٲنی ہُنٛد لفظ۔ اَمیُک مانہٕ چھُ "ٹلہٕ ٹارِو چھُن"۔ اما پوز یِہ لفظ
چھُنہٕ پننِس لغوی مانیَس منٛزے حد بنٛد رُودمُت۔ کہاوَژ تہٕ تلمیح منٛز چھے اکھ بأیہ
فرق یِہ زِ تلمیحٲتس[1] منٛز چھِ سَرَن واجِلی شُند ناو تہِ تِہنٛدیس کارنامس سیٚتۍ برابر چلیہِ وُن روزان تہٕ
کہاوَژ خاطرٕ چھُنہٕ تہِ ضروری۔ کہاوتہٕ تہٕ چھے اکہِ زیٚیٹھ تجربُک ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ نتیجہ۔
تہٕ تلمیح تہٕ چھے کُنہٕ گُذریمتِس واقہَس کُن ژھوٚکی پأٹھۍ اکھ اِشارٕ آسان۔ مولانا وحید
الدین سلیم چھُ تلمیح نوین لفظَن منٛز دِہرِتھ ناوان: "زبٲنی ہٕنٛدِ سِہ آدَن کالُک منٛز آیہِ لوکیتھ
لوکہٕ ٹتھ پساد خیالاتن تہٕ موسولی چیزَن ہٕنٛدِ خاطرٕ لفظ بناونہٕ۔ اَسنہٕ آستہٕ پراوِ انسانن
ترقی ہِنٛدِ کر دارِ منٛزِل۔ لہٰذا آسے زیٚیٹھین زیٚیٹھین قصن، واقعہن تہٕ حالاتن کُن خاص
لفظو سیٚتۍ اِشارٕ کرنہٕ۔ یِم خاص لفظ زِیو پیٚیٹھ ہیوان ہیوانے ہیٚکتھ فورن تِم واقہٕ اچھن
برونٛہہ کنہِ ہیٚتھ یِمن کُن زنہٕ تِم اِشارٕ کران آسہٕ۔ یِتھہٕ پٲٹھۍ کاٹھ اِشارٕ چھِ یِوان مانہٕ
تلمیح"۔ یِتھے پأٹھۍ چھِ اُردو زبٲنی ہٕنٛزن تلمیحاتن ہٕنٛز گوڈنیچ لوغت لیکھن وٲلِس
محمود نیازی سٕندِ تہٕ یِہ خیال" انسانہٕ سٕندِس ساسہٕ بدین وری بٕن ہٕنٛدِس زیٚیٹھ زیٚیٹھس
سفرس دوران یِم سماجی، معاشی تہٕ تمدُنی بدلیہِ یِنہٕ ڈرایہ، تِمن سیٚتۍ چھِ اَتھ نہٕ ژوسہ
قصہٕ تولوق تھاوان۔ انسانہٕ سٕندِس تواریخس منٛزلن، رسمن رِواجن تہٕ تِہنٛدن عقیدن

ا۔ تلمیح چھُ یِوان موٚنث تہٕ تہٕ مذکر تہِ۔

نہٕ جنگن جگرٕن سیتھ چھےٚ ساسہٕ بدٕ دٔلیلہٕ وابستہٕ۔ یمن قصن، دلیلن تہٕ واقعہن کُن یُم لفظ، کہاوژ، ضرب المثل یا محاورٕ اشارٕ چھِ کران، تمن چھِ وَنان ادبی اصطلاحس منز "تلمیح"۔

دوس گو، یِہنٛد دٲیرٕ نہٕ چھےٚ ضوٗرری زِ کانٛہہ بڈ کھوتہٕ بوڈ واقعہ نہٕ، بٔس نہٕ عام زبٲنی اندر مرٕن والی شیٚنہِ ناوٕ سان چلہٕ دٕن آسہٕ روٗدمُت، چھُنہٕ یمکان تلمیح بنیتھ۔ باضے چھُ بیتہٕ سپدان زِ کانٛہہ خاص واقعہ یا کانٛہہ عجیب کام دوہنیو چھِ کُنہِ مخصوص علاقہٕ، گامہ یا شہرس ناوٕ سان چلہٕ دِنی روزان۔ تہٕ تتھی واقعہ یا کارتہٕ چھِ بنان تلمیح۔ بییہ چھِ کران گٔنہہ تِتھی چیز یمن زِ یمنہٕ ذٔریعہ منز جاینٛن، بٔس تمن دوہ پرش سپدن والین حالاتن منز ہیتہ عجیب باسہٕ، مگر کہہ زن ساری تلمیح نہٕ نیہنٛدر بُوت مرظر مستقبل تواریخس اندر دیچ چھُنہٕ آسان، تُتہ چھِ تم "تاریخی" نکیاز ذٔری بہٕ وادن زیوٗن بیٚٹھ چلہٕ دٕنی روزنہٕ سبہ چھِ تم عام تواریخچ کامہ دروان۔ ٹلکہ بقولِ پروفیسر محی الدین حاجنی "اگر کنہِ واریہ تُہ، تلمیح چھُ انسانہٕ پیٚشدیس کلامس اندر دوگمت تیلہ، ییلہٕ نہٕ کُنہِ حرف نامہ اسہِ انسانن اسہ ذٔری یاد کرہِ یینہ۔ مگر انسانی تہذیب خاص کر زبان بدلان بدلان چھِ واراہ تلمیح نہٕ زائد المیعاد گژھان نہٕ راوان۔ یم یُم تلمیح ژھرٕ ژھرٕ دوان کُنہِ زبٲنی اندر روزیہٕ چھِ گژھان۔ تمن متعلق یہ خیال کرُن زِ تِم کیاہ آسن تِتھی مانیس منز تاریخی، ییٚمیک اندیوٗر حٲصلی یا پتھی کچھر گژھہ ییہ۔ تم چھِ صرف یتہٕ حدس تام تاریخی زِ اَمہ زبٲنی ہنٛدیو بولن والیو منز چھِ کانٛسہ کانٛسہ انسانن کُنہِ نتہٕ کُنہِ زمانہٕ تمہِ تلمیح ترجمہ منز آسان نہٕ بٔس"۔

ہُمیارٕ چھےٚ تلمیحن شنان ننان کُنہِ قومہ کہ کانٛہہ جارک، بیقلاژی سوبحن ثرایہ، دوہ یتھ بلیحیٚتھ ہنٛد نہٕ کہہ یا باقی چیزن ہنٛدی لگان۔ یہ چھُ حٲصلی ز

پٔہرٕ، محاورٕ، کہاوَتھ تہٕ تلمیح چھےٚ پرِتھ زِندٕ زبانی ہنٛز منسوب۔ صنائع بدایع یِم زبانی ہنٛدِ میچھرٕ، فصاحت تہٕ بلاغتہٕ خاطرٕ سیٹھاہ ضروٗری چھےٚ، چھہٕ ییٚتھ پہلوٗہس منز تہٕ سیٹھاہ اہم زِ لیکھارِین ہُنٛد وقت چھُ، کانٛہہ اہم واقعہ وِز وِز بیان کرنہٕ وِز، ہاٚنی پانٕے بچان۔ مولانا وحیدالدین سلیم چھُ یہ کنٛتھ سمجھتھ پانٛتھ سمجھاوان" ——— بلاغتُک مطلب چھُ یہ زِ کم کھوتہٕ کم لفظن منز گژھہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مانہٕ مفہوم سمجھاونہٕ یُن۔ یہ صفت یُس تام زیادٕ تلمیحاتن منز موجوٗد چھہ نیُوت چھنہٕ لفظن ہنٛدِس بنٛیہ کُنہٕ قسمس منز۔ ییٚتھ زبانی منز تلمیحات کم چھےٚ یا چھےٚ نہٕ، سۆ چھےٚ بلاغتکہ درجہ نیشہ ؤسِتھ ماننہٕ یِوان۔ یِتھن زبانن ہنٛدِ لیکھارِین، بولن والین تہٕ شاعرن والین چھُ پننہٕ مطلب بیان کرنس منز سیٹھاہ جاد وقت حنایہ گژھان"۔

کأشر زبان چھےٚ تلمیحو نِشہ سیٹھاہ بختاوار۔ اتھ منز چھےٚ مختلف قسمچن تلمیحن ہنٛد بار اَنبار موجوٗد۔ مثلن،

(۱) زبانی روایژ ہنٛدِ باناو تلمیح (۲) زبانی روایژ ہنٛدو بیہ ناو تلمیح (۳) کأشرِ نوادرٕکی تلمیح (۴) پرٕمکلکہ بیچھ آمنز تلمیح (۵) ساٚنین بزرگن ہنٛدی تلمیح (۶) کہاوتن تہٕ ضرب المثلن ہنٛدی تلمیح (۷) شیوانن سنٛزِ تولن کھاونٕ وٲلی تلمیح (۸) حال حالکی تلمیح۔

(۱) زبانی روایژ ہنٛدی باناو تلمیح:

زبانی روایژن ہنٛدِ ڈیٚکھ پیٚنٛس قصن، حادثن یا واقعاتن سیٚنٛز منزن وأرِس انسانہٕ شُندناو، ساٚرِی صوٗرتن منز یا ہنٛنا ستن ڈہلتھ ہیوٚکمتی، چیٚلہٕ وُن رۆژمٕت آسہٕ نتہٕ چھےٚ وَنان "زبانی روایژ ہنٛد باناو تلمیح" مثلن ما یارٕ ژھ

نوش شنکرن منکہ فتنہ منتھن بتہ تہ ریکہ واتیجہ ہُنھ پونژو.

(۲) زبانی رِوایژ ہندِ ذریعہ ناو تلمیح :

یتھ زبانی رِوایژ پیٹھ ذریعہ واقعہ ہس سیتو تعلق آسن وول مخصوص انسانن ہندِ ناو چلہ وٕن آسہ تہ رودمت تہ تتھ سیتو آسہ کنہ کانٛہہ کانٛسہ مخصوص پیشہ ورن ہند، کنہ ذاژ ہند یا کنہ قبیلک ناو چلہ وٕن رودمت، سو گژھہ "زبانی رِوایژ ہنز بنہ ناو تلمیح"۔ مثالے، گورِ بایہ ہند کتھ، ہیرو سہ گرِ شر گٕژھ، کھانٛسہ پوریج ہونٛز، دندانہ ہند آسن تہ ہرمعہ کھنک گوسانٛز۔

(۳) کانٛشر تواریخکو تلمیح :

یم قصہ یا کتھہ آسن تواریخن اندر تہ درج چھہ آسان تہ سیمنی چھہ لکو تلمیحن اندر ژھ مراو یتھ زیتہ وٕترس اندر چھ آسان عتھو ہیتھ، یم چھہ یوان "تواریخکین تلمیحن" منز شمار۔ مثالہ پاٹھکو عظیم خانن چنبٹھ، کھوکھہ آوٕ ے، آگر خانن ہوس، لوکھم سانسز ووڈل، لالن صحبتن ہونٛد بست۔

اسہ چھے کینژہ تیم تلمیح تہ یتھ سوبرن منز شامل کرِ ہیتھ، یم پورانن، بھاگوتس یا مہابھارتس منز موجود چھہ۔ یہ ماننہ تہ یوسہ چھکہ یم قدیم تحریرات خاص کرتھ تاریخی کتابہ تسلیم کران، بلکہ اُدہ موکھہ زبانی رِوایژ نسبت ییلہ تحریری طور کانٛہہ کتھ ہیلہ تتھ چھ یژھ پاٹھو جاد، ذریعہ تحریری طور موجود آسنہ سیتہ کرو اسہ پننہ امینہ منکہ یا اہلیا یہ ہندشاپہ ہیوکہ تلمیح تاریخی تلمیحن منز شامل۔

(۴) پرملکو پیٹھ آمتی تلمیح :

یِمَن تلمیحَن ہُنٛدۍ پوٚت منظر کُنہٕ تہٕ ذٔرۍ یِہ دوٚن پٔرۍ دیشِتھ ییٚتھ بییہِ یِتھ کُنہ مُلکچ یا علاقچ زبانہِ منٛز شِر ییٚتھ چَلہٕ دِنہٕ آسَن روٗدمٕتۍ، تِم چھےٚ لوان "پرٛمُلکہ بییِٹھ آمتۍ تلمیح" ماننہٕ۔ امچہٕ مِثالہٕ چھےٚ "نمرودنۍ دم، زلیخایہ ہُنٛد خاب، ہیرٕ ل شُنٛد کِسہٕ" کا ہ دِد۔ پرٛمُلکہ بییِہِٹھ آمتۍ تلمیح چھےٚ مذہبی تہٕ آسان تہٕ غٲر مذہبی تہٕ۔

(۵) ساٲنین بُزرگن ہُنٛدۍ تلمیح :

یِم یِم واقعہ بُزرگن کُن منسوب آسَن تہٕ ییٚم دریٚم لُکہ زبانہِ منٛز شہرت یِتھ بٕرۍ ژٔھنہِ کُن آسَن پکان روٗدمٕتۍ۔ تِمَن قصن ییٚتھ بِنا مٕتین تلمیحن وَنو "بُزرگن ہُنٛدۍ تلمیح"۔ مثلن للہٕ ہٕنٛد نلہِ وَٹھ۔ زیٹھ پوٚر زبہِ کھٹیٚو سال۔

(۶) حیوانن تہٕ جانورن سٕتۍ تعلق تھاون وٲلۍ تلمیح :

بابتہِ چھِ حیوان تہٕ تِمن واقعہ خاص تہٕ کران۔ یِم اسہِ دوٚن پٔرشِرِ منٛز ہنا عجیب باسان چھِ۔ وٕچھِو دٲلۍ چھِ حیوانو منٛز ییٚمہ عجیب باسان چھِ۔ دۄچھن وٲلۍ چھِ حیوانہٕ منٛز یِمو عجیب حرکژ سٕتۍ جانن ییتھ۔ تِم حرکژ یاد تھاوان تہٕ زٕھوٚٹین لفظن منٛز گوم رٔٹتھ ییٚشن کالہٕ خاطرٕ رٔچھان۔ ییٚتھ پٲٹھۍ چھِ زبانن اندر حیوانن حرکژن سٕتۍ یا تِہنٛدین واقعن سٕتۍ تعلق تھاون وٲلۍ استعارہ بییتہٕ بنیومٕتۍ گژھان۔ مثلن ژٔرِ وانٹھ، ہوٗنۍ حمام، کاوِ گانٛٹھ۔ یِمو استعارو منٛز ییٚتھ اَکس خاص واقعہ یا حادثس کُن دۄکھ آسہِ، تِہنٛدِس تلمیح اَسہِ تہٕ تِمَن یِمو استعارن مٕنٛکہ تہٕ تلمیح بنیتھ، یِتھ منٛز کُنہ قصس کُن محض اشارے اوت آسہِ تہٕ زَن گو ژٔرِ وانٹھ چھُہ تَس شخصس کُن لاگنہٕ یوان، یُس سیٹھاہ کم جایہ آسہِ۔ تکیا ژٔرِ ہُنٛد وانٹھ چھُہ سیٹھاہ لوکٹ آسان تہٕ مشاہدٕ کرن وٲلۍ ہُنٛد یہ استعارہ "کم جایہ" انسانہٕ سٕنٛز مِثالہٕ خاطر مشہور۔ لیہٰذا چھُ ژٔرِ وانٹھ استعارہ تہٕ تلمیح تہٕ کینٛہہ۔ اتھ بدلہٕ چھےٚ کاوِ گانٛٹھ

دۄ لفظی استعارٕ اَکس ڈلیلہ پیٚیٹھ مبنی۔ یہ چھُنہٕ ضروٗری زِ ڈلیل گَمہٕ فِسیح آسہٕ، سو دِیہٕ مالاٰیی آسہٕ نٕ، تواٰریخی آسہٕ تِن یا لُکہٕ بانہٕ بناوِمژٕ آسہٕ تِن۔ اَمہِ موکھہٕ ہیٚکو اَتھ استعارٕس تلمیح تہٕ وَنِتھ۔ بہرحال، اَتھ کتھہِ دِن زانن وٲلی بُروٗنہہ کُن ڈل۔ فِلحال چھُ اَمہِ اَتھ بُنیاد پیٚیٹھ، یتھہ کِنہ پہ ہُنر اَکھ لوکُٹ باگہٕ (Potential) ہُریٚ اَوِمُت۔

(۲) کہاوَژن تہٕ ضربُ المثلَن پیٚیٹھ مبنی کیٚنہہ تلمیح :

کہاوتھ گو اُردوٗ "مقولہٕ"۔ اَتھ اَندر تہٕ چھُ زِندگی ہِنٛدِ کُنہِ تجربُک خلاصہ آسان۔ کہاوَژ تہٕ تلمیحن اَندر چھےٚ یہ تفاوُت (یُس ژٕن بروٗنہہ تہٕ وَنِتھ آو) زِ تلمیحن اَندر چھُ تیتھن دٲلیٚ شُنٛد ناو چاپہٕ وُن روزان یا کُنہِ زٕ ژُہُنٛد کُنہِ قبیلُک یا علاقُک ناو تہٕ سیٚنی ہکان، کہاوَژ خاطر چھُنہٕ تہٕ ضروٗروری۔ کیٚنژن کہاوَژن ہِنٛز ہُنٛد یاد چھےٚ آسان کُنہِ حادثٕس یا واقعہٕس پیٚیٹھ، کیٚنہہ چھےٚ تِم یِمن ہٕنٛز بُرٛن کُنہ نشاخ قِصٕس پیٚیٹھ آسان چھےٚ، بلکہ کُنہِ ہِش ہرسٕ تُل آمژن غار موٗمولی کتھن پیٚیٹھ چھےٚ تِم ذریعہ آسان۔ مِثالن نوٗچن کہاوَژن چھِ جبرٕ قِصہٕ یا واقعہٕ ڈیکھس:

(۱) نوٗشہِ لِو یِنہٕ ہارنہٕ کھوٗرِ تُل اَرتوٗس ہیُنٛڈ (۲) کوٗر گیےٚ تور دٕب (۳) لالَن گژھن دٲل آسنہٕ (۴) موٗٹ ہیٚونا نہٕ کھیٚوٗن دانیا ؟ (۵) نہ مانٛجھ تہٕ نہ ٹوپ۔ (۶) ہیٚنٛد وَنٛد ہارنہٕ ژٕ ٹیٚتھ، خربُز موہ ہرتہٕ ژٹیٚنہٕ۔ نوٗچن کہاوَژن چھِ واقعاتھ پوٗت منظر مِثر: (۱) بٲلیم منیقھن میٚیٹھس بر پیٚیٹھ (۲) تھو چیٚہ سہ کامہٕ ہیٚن نی ہیٚہ، دوٚہ پنکھ اَسہٕ ترٛدٕو پانٕتے ! (۳) دُزنہِ دُزٕس تہٕ ووٚنی دُزی تنٛس یہ گیٚدہ ہانہٕ ! (۴) والہٕ والہٕ کھوٗسہٕ کرُن (۵) ہیٚیہ لبیاو کھِہٕ تُل ژٕ وٕ نِیٚیٹھ..... (۶) یتِمہٕ نیتمَ تہٕ نِیتِمَ۔ اَتھ سلسلس منز چھےٚ پروفیسر محی الدین حاجنی سٕنٛز نوعمہ شطرٕ وُچھنہٕ لایق "___ کیٚنژن زانن والیٚن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ قِصہٕ گۄنٛدھ فاٰہی کرِتھ تاٰرِخی آسُن مگر یہ چھُنہٕ ضروٗروٗری۔ اَدبَس منز چھُ تریٚتھ

تہٕ قصہٕ تلمیحس منز ترو مراو تہٕ آسان آمُت، یُس عام لکن ہنٛز زبٲنۍ آسہ کھوٚتمُت۔ بلکہ تہٕ اسہِ تِتھ سۭدمُت یا بٲلۍ چٲلہِ وُن روٗدمُت۔ تۄہے ہیکو اسہِ وارِہٕ ہن محاورن ہنٛدین کہاوژن تہٕ تلمیح وَنِتھ۔ تکیازِ یِمن قصن شوہرت لٔب تہٕ یُس قصہٕ رِوایتن رٕژھرِ تہٕ آو، تمُک اِشارٕ لیکھتھ چھ اسہِ قصہٕ اَچھن تل یِوان۔ یِتھے پٲٹھۍ چھ ڈاکٹر سیّد محمد شمیم تہٕ کیٚنژن ضرب المثلن تلمیحن ہنٛز گِنٛژ گنڈ نسٕ مُتعلق وَنان "——— لوٗزٕ ہے تہٕ ضرب المثلن ہنٛز بِنہٕ یاد تہٕ چھے واقعٕ مٕن پیٚٹھے آسان، اما پوز یِم چھنہٕ مخصوص واقعہٕ آسان۔ تکیازِ یِمن واقعن ستۍ چھے اسہِ قیاسن زان آسان۔ یِمن نہٕ کانٛہہ خاص شوہرتھ یا خصوصیتھ آسان چھے، مثلن "آب آمد تیمم برخاست" مگر یِم ضرب المثلہٕ مخصوص تہٕ مُقررٕ واقعاتن کُن اِشارٕ کران۔ تِم چھ تلمیح بنان۔"

(۸) حال حالکۍ تلمیح:

یُس یِتھ زِندٕ زبٲنۍ منز چھ، دوہ ہٕرِش نۄو نۄو تلمیح پٲدٕ سپدان۔ نۄین تلمیحن ہنٛد زایُن چھا یۍ روزُن چھُ زبٲنۍ ہنٛدِ وُسعتچ تہٕ دوہ یِتھ بوٚرچ علامتھ۔ بوزٕ شہ تہٕ نۄی تلمیح چھِنہٕ کُنہِ زبٲنۍ منز تلمیحن ہنٛد کانٛہہ مُستقِل قِسم۔ تاہم تہٕ چھ اسہِ "حال حالکۍ تلمیح" ناوۍ کر چھکس، اَندر کیٚنہہ نۄو تلمیح شٲمِل کرِتھ۔

یہ آو بوزنہٕ تہٕ وَنُن زِ کٲشُر زبان چھے تلمیحو رٕنگۍ سیٚٹھاہ بخناوار مگر زمان چھُ اَتھ موضوعس پیٹھ سیٚٹھاہ کم لیکھنہٕ آمُت۔ یِم کتابہٕ لیکھنہٕ آمژ تہٕ چھاپس کھٔژ، مٕژ چھے، مواد کین گٔنٹھارس کُن وُچھِتھ، چھے تِمہ ہٕنٛد ڈیجیز تِنہٕ آسنس برابر۔ جے۔ ہنٹن۔ نولز صاحبنۍ "کٲشرین محاورن تہٕ کہاوژن ہنٛز لغت" تہٕ شُدرشن کاشکٲری ہنٛز "ظرافتِ کشمیر" (The Wit Of Kashmir) "دوٚلوۓ" کتابہٕ چھے انگریزی زبٲنۍ منز۔ کاشکٲری ہنٛز کتابہٕ اَندر چھے کہاوژ، تلمیح تہٕ ضرب المثلہٕ

بیتر یکہ وٕنہٕ درج تہٕ فقط چھہٕ تِمن مانہٕ لیکھنہٕ آمت تہٕ خال کُنہِ چھہٕ شرح تہٕ سیٹھاہ تہٕ بیٚنٛہٕ ہیٚتھو ہیکو۔ نو ولز صابٕ سنٛز کتاب تہٕ چھےٚ محاورن مثالن تہٕ کیشرن تلمیحن ہنٛزٕ رلہ ملہ سومبرن، حالانکہ ناوٕ تلہٕ چھہٕ باسان زِ یہٕ گژھہ ڈکشنری آسنٛی مگر تہٕ چھہٕ نہٕ کینٛہہ۔ سیٹھا چھنہٕ اُتھ منز تہٕ تحقیقاتی تٲر موجود۔ پی۔ این۔ کے۔ بامزی تہٕ مرحوم نور محمد صابن چھےٚ ساینہٕ ترٕ کٲشر مثالہٕ چھاپ کرٕمٕژ۔ مثالہٕ تہٕ محاورٕ سومبراونٕچ تہٕ چھاپناونٕچ ہیٚنہ جایہ سیٹھاہ اہم اقدام۔ یِمو مصنفو تہٕ محققو تہٕ چھنہٕ محاورن، مثالن یا تلمیحن ہنٛدِ بجنیٖر نظر تل تھٲوی مٕتی، تاہم تہٕ مقبول اَسہٕ زیرِ نظر کتابہٕ ہنٛدِ خاطرٕ یمو کتابو منز کافی مواد۔ پروفیسر محی الدین حاجنی صابن تہٕ کرٕ گوڈنیچ لٹہٕ کٲشر شرح کتابہ "شرِ مثالہ، محاورٕ تہٕ ترٕژھ بینٛز شامل، امہ پتہٕ چھہٕ آپ حاجنی صابن ۱۹۶۱ء اندر مقالات بیچہٕ منز تلمیحن سیٹھا اکھ خاص مقالہٕ شامل چھہٕ۔ یوزوے تہٕ کٲشر زبانی منز چھےٚ تلمیحن سیٹھاہ باضابطہ کام کرنٕچ بہاے گوڈنیچ کوشش، امہ وراٰے چھنہٕ اَسہٕ تلمیح سومبراونٕچ تہٕ ہنٛدِ شرح تہٕ پسٕ منظر سیکھنٕچ کانٛہہ روایت موجود۔

یِمہ تہٕ بنٛہ چھہٕ ہمیشہ وارہ کتابہٕ بیٚنہ اَسہ اکہ نَتہٕ بیٚیہ صنفو تہٕ کینٛہہ چھنہٕ مانہٕ تھٲونہٕ خاطرٕ پسٕ منظر لبنہٕ موکھ، یا بدل کُنہِ غرضہٕ پیو اَسہ کافی کتابن ہنٛد مدد ژھانٛڈٕ رٕنہ۔ یِمن ہنٛد فہرس کتابہٕ ہنٛدِس انڈکس پیٹھٕ درج چھہٕ۔ اَسہ چھہٕ تِمن سارِنٕے کتابن ہنٛدین مصنفن ہنٛدی شکرگزار، یِمو اَسہ کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ فایدٕ واتنوو یہٕ کتاب تیار کرنس منز۔

تلمیحہٕ سومبراونی، تِہنٛدی معتبر شرح موکوٕم کرنی تہٕ تِمن ترتیب دِنی چھنہٕ دوہ دِش کھیل۔ بلکہ چھہٕ وارِیاہ ژٕکہ تہٕ مشکلاتن سپنہٕ یوان دارِنہٕ یِہ چھہٕ پرٛزرٕ تہٕ تعلیم یافتہ اقلیتس بیٚیہ کٲشرِ زبانی ہنٛدِ صنایع بدایع سومبرنہٕ خاطرٕ ان پر

اکثر کٔریتس تامین روزن۔ اَسہ پٔز زانُن زِ سائنس اَنٛدی کچھ اَندر چھہ کُتُلی محاوٕرٕ، مثالہ پرٛزٕ چھہ، کہاوٕژٕ، ضرب المثلہ تہٕ تلمیح بیتر وَرتاو۔ تارٕ چھئے سانین اَدیبن تہٕ محققن ہندٕ رَلُم کٔرتلُن ہیمن موضوعن پیٹھ قلم۔ اَسہ یہ کینژھا پننہ مقدوٕرٕ موجب کرٕمژ ہیوٚک تہٕ چھہ سانین پرن والین برٛونٛہہ کنہ۔ والاٚیا ٚی چھنہٕ نٔچھ وُسان، سہہوتہٕ وُشفہٕ چھُہ آمٕنٕئے۔ اَسہِ چھہ صحت منٛز اصلاحی مشورٕ دِنٛنہٕ خاطرٕ نہ صرف تیار بلکہ پرٛاران تہٕ، یتھٕ تٕ زٕن آیندٕ سانٛی یہ کام سہل بنہ۔ حالانکہ بے شمار تلمیحن ہندی شرح تہٕ پوت منظر ہیٚکہ نہ ژھنٛڈتھ اَسہ معلوم سپدتھ۔ یِمہ خاطرٕ اَسہ کوٚشش جٲری تھٲوتھ چھہ مثلن سلہ ہندی زانی۔ سوٚ نٛدرٕ ہنٛدرِ نشانہِ۔ بالہ پایہ ادانگجہ۔ فاطمہ ہنٛزٕ واتہٕ دٕن۔ کھکھسو میٚرن بیوٚر۔ شکس شُن چھنہ تہٕ یکہ چھانہ ہُم کو کرٕ ہچہ برن بیتر۔

غلام نبی آتش

موہن لال آش

# شُکرانہٕ

(۱) جناب پروفیسر محی الدین حاجنی صاحب ییٚمہ ہیوٚن نیٚزٕ اَسہِ کُنہِ رنگہٕ تہٕ مٔنزٕ اوٚتھ ہمو یہٕ کتاب تیار کرنس منٛز اَسہِ پٲٹھی قسمک مَدَد آسٕ دیتٕ تھوٚو۔ تِمو کوٚر نہٕ اَسہِ صرف مشورٕ سیٖتی اوت رہنمٲیی بٔلکہ دِیتکھ پننہٕ نِیہ کتابو منٛز کیٖنہہ ضروری حصہٕ نقل کرنک تحریری اِجازت تہٕ۔ اَسہِ چھِ تِہنٛزٕ دٕریا دِلی ہنٛد شُکرانہٕ سیٖٹھاہ انکسٲری سان کران ؎

گر قبول افتد زہے عز و شرف

(۲) ہمو دوستو، رفیقو، بزرگو، ماجہ بینہو تہٕ باقی کٔو ییٚمہ کتابہ ہنٛدِ تلمیح تہٕ تِہنٛدِ شرح کیو پوٚت منظر معلوم کرنس منٛز اَسہِ مَدَد کوٚر، تِمن ہنٛد شکریا کرنہٕ ورٲے روزِ یہ کتاب نامکمل۔ اَوے چھہ اَسہِ دٔرِہ وٲنٛجہ کران تِہنٛد تہٕ شُکریا؟

(۳) علی محمد لون چھُ ریاضی ہنٛد طالب علم تہٕ کٲشرِس ادبس سیٖتی چھُس کٲفی دلچسپی۔ کشمیر یونیورسٹی منٛز تعلیم حاصل کرنس سیٖتی آدرٲ سیتہ تہٕ روٗد نار نک یہ ذہین طالب علم ییٚمہ کتابہ ہنٛدی واریاہ حصہٕ نقل کرنس منٛز اَسہِ مَدَد دِوان۔ ییتھے پٲٹھ چھُ عبدالغنی کھانڈے آتش صاحبن دِرِ نسبتی وارِہن سلسلن منٛز، یہ کتاب لیکھنہٕ وِزِ اَسہِ اکارِیگار آمُت۔ لہٰذا چھُ ییمن دوشوِنی رفیقن ہنٛد شُکریا کرُن نیٚزٕ اَسہِ لازم زانان۔

(۴) تِمن سارنے مصنفن ہنٛدی تہٕ چھہ اَسہِ شُکر گذار، ییٚہنٛزو کتابو نِشہ اَسہِ کم یا جاد استفادٕ حاصل کوٚر۔

ناٸل۔ اننت ناگ
۳ جنوری ۱۹۷۷ء

غلام نبی آتش
موہن لال آش

زبانی رلوائڻ ھشندی بانأو

تلمیح

## ۱- بُدی بُدٹُن داند

بُدی بُدٹس اوس چُھرا اَکھ داند۔ اَکہ سوشتہ کہ اُن اُست داندس
اُکس ہمسایہ بشندیس داندس پہنوا یہ سود۔ گوڈنکی دو یہ ہیلہ داند جتھرہ کترس
پیہٹھ واتناوُن، داندو دو یُو ہلہ نا و لڈائے۔ لڈایہ دوران ڈال بُدی بُدی نسے
کُنیس داندس رو نکھ نیر یتھ۔ پیچھہ تیچھ آو داند گر واتناوبہ۔ گر وا تیچھ روٹھ بُدی
بُدٹ آشنہ "اُٹھ ہتہ پھر دنیا مے، داند کرنا وتن آنچتہ، دلو کرد سہ۔ اگر مو تمٹ
آسہ ہیچھہ، گوڈ سو شتے ا گر جھہیسے یہ ڈبہ ڈاس!"

بُدی بُدٹس اوس داند سند سنج پتیسراں۔ بہہری اُکو وڈنن آشنہ "ڈپکے
چھمنا صلاح، اُزی کہ ہون آنچتہ۔ رونکھ نہ چپس دوا کرانیے، اُکھتے بلہ نس
دو نوے دادی۔" آشنہ کوڑس اقرار۔ بُدی بُدٹن اڈن شرتر نہ بیٹوں داند شو نزرا دِیہ
دو یُو عذابو سیتو گو داند رانس شرے مرہتھ۔

کا نہ شخص بیٹلیا اُکی وقتہ اُکہ کھعہ نہ جاد فائدہ ڈھاپہ اُکھ نہ پیس
نہ بدس اُلی کہ راوہ یس بیغلا ژی نہ نحو د غرضی سبہ مول نہ۔ دیان چپس، ہے اَکھ کار سے
گو ـــــ بُدی بُدٹُن داند!

## ۲- میہر دیلہ ہُنشہ کا شچ

میہر دیلہ چھٹے چالا کھ جبڈا اُسیمش۔ دیان اُمہ اوس گرس شرشہ سوٹے
سامانہ ٹھونڈمت، پیچھہ سینی انسان کامہ شر آدر روز ہے بشلن بیہمر دو نشاد تیچ کنگو
بُندر، اُبسُن، کدس پیچھ اُڈلیچ پیتیچ، زانکی جبہ ژو کسہ ہیچھہ نہ وچہ پیشدر بیتر

ہوِکھ چھیِ۔ باپتھ آسہٕ سُندرس پنٛاہ پنٛاہ کران۔ تیمَو اوس کانٛہہ زنانہٕ اژھان میہرٕ درٕ آسس کانٛہہ نَنہٕ کانٛہہ ساماپنہٕ برٛونٛہہ کُن آنان۔ "بلا یِہ لگےٚ بیٚییَن ژھورٕ تمبو دِتھ ڈلِو ڈلِی کرِتھ۔ ہنٛزٕ یتھ ژادرِ کیٛا بی چھِ تمہِ تیغ چار!" ساماپنہٕ برٛونٛہہ کُن وأنِتھ اوس ہمساےٚ باپہٕ یا پیٚٹھ باپہٕ کانہہ کُن کانٛہہ چار لگان۔ میہر دیدرٕ آسہٕ مرٕد وُچھِتھ تیزی کران۔ "گوٚبرٕ یا! رٕٹھ وَندسے، تیمسٕ ژأنٛگو جہٕ دِکھنا نان وار اکھ زٕ۔" مرٕد بِچارٕ اوس ہیکان کھینتھ دٕنتھ۔ یتھ پاٹھو آسہٕ میہر دید کینٛہہ نَنہٕ کینٛہہ کأم کرناوان۔ یلہٕ تان أہنٛدین انگن اُستادن تہٕ ہمسایَن اوٚہ ہنٛد کرِیٛہ أزنس کانٛہہ ژاو۔ ینہٕ اوس نٕادِ غمہٕ وِزہ ییوان میہر دیدِ تمِن زار پارس کرنٕ مگر توتہٕ آسِس نہٕ لیوان۔ تیمسٕ انسان چھانہٕ نور ہنٛدرہ پاٹھو پانہٕ سےٚ کُن آسہ۔ پانےٚ ہمیشہ بیٚیَن اَچھَن کیچھ ژھینٛتھ ینٛن۔ شاید زٕھادن روز تمہٕ سُنٛد تذکرہ کرن وِزِ چھِ ییوان یاد ——— میہر دیدرٕ ہنٛد کانٛہہ۔

## ۳۔ عمدی شیخنہٕ تراہ

عمدو شیخ چھُ نانلہٕ کین زالدارن ہنٛد طلبی مٔو ہنٛزو اوسمُت۔ اکہٕ دوہہٕ ژوٚل یِہ رٕو شیِتھ تہٕ کنیلوٚن گامس تَر۔ رٕو دا اکِس گرِ پیٚٹھ تیس نِش طلببس۔ دوہا دوہا گرِ عمدس مٔولھ زالدارِ یٛنٛگ ہُرٕ۔

دوہ بہٕ أکہ اوس کنیلوٚنہٕ أکِس گرِس کورِ خاندر۔ لکھ آسہٕ مفلِس تہٕ میٚسی پانہٕ آسکھ نہٕ کینٛہہ۔ اوٚسیہ سوٚزکھ عمدُ نانلہٕ زالدارن ہنٛد زِیٛنتہٕ کھینہٕ خاطرٕ ان سانٛہ تراہ۔ دوٚپہس ژلمے چھےٚ زالدارن سیٹھ پرٛون اخلاص تہٕ نکار کرنےٚ نہٕ کینٛہہ ازشامن دانتاوی زِ تراہ۔ عمدُ ووت زالدارن ہنٛدن تہٕ ہیوس پرٛون زمانہٕ یاد۔ تیمو تہٕ دوٚنُس "ہے اُسہ اوس چوٚن پھیرٕ۔" دوہ نی گڈٕ تہٕ رانہٕ پیٛنٛو۔ عمدُ گو رانسٕ أکی روزتھ۔

پگاہ ہیوٚ عمدس یاد زِ خاندرٕ ہٕلی آسن ژرامہِ پٔراران۔ ژرامہ تیٚمِن بوٚجھ کھچِس تہٕ خاندرٕ پتہٕ اوس ہٕیارِ کنتر بانٕ منٛز سال ڈیٛنٛمُت۔ مہربیٚنی تہٕ اُس دٲرِ ہِ ہٕرٲنٛز ہِشی تہٕ عمدن کٔر شیٚخ دوت، ژرامہ ہاہ ہیچھن۔ شیٚخ ہیوٚ اٲری کرِ ہٕس " اَہا نو، تہٕ سال اوس راتھ شامن اَز کیٚنٛہہ کرِ چھِکھ ژرامہ پکنادان ؟ عمدُ دوٚپ تھکٕتھ " اِہنساٚ تہٕ ہیٚمیٚن سٕتہٕ ژھ مٔر ہٕشند اخلاص چھُ تہٕ اُکس شٕنٛدِس تہٕ رودِ زِ نا! "

اَز ہُرگاہ تٔمِس ہشی قصیہٕ شُنٛنہٕ ییوان چھُ لیکن چھےٚ عمدنی شیٚخنہٕ ژرامہ یاد پیوان یا اگر کانٛہہ ناجلی کامہ سوز ہون۔ گوڈٕے چھِس پاوان یاد ـــــــ شُنٛنہٕ عمدنی شیٚخنہٕ ژرامہ کرِکھ ! "

## ۴ - ٹوٚنٛڈِن پوٚٹ

وارہیاہن تلمیحن ہُنٛد پوٚٹ منظر چھُ مختلف آسان، مگر تُنٛہیجہ چھِکھ آسان ہیوٚسے تہٕ کینٛژَن ہُنٛد پوٚٹ منظر چھُ گٔژھ آسان۔ فقط چھُ علاقہ دار پھیر مِثلن ٹوٚنٛڈِن پوٚٹ تہٕ رسُل شیرِن پوٚٹ۔ یِمن دوٚنٛہِ زِنٛہٕ تلمیحن ہِنٛدی پوٚٹ منظر چھُ لَگ کنٛنی۔ حاجی صاحبن چھےٚ " حاجنکین حال حالہ کین" تلمیحن منٛز " رسُل شیرِن پوٚٹ " تلمیح یِتھہٕ کٔنٛہ وِیرتھنا ونیٚمژ۔

" رسُل شیر ناو ہُو اوس سانہِ گامہ اکھ شیوٚد ساد زمیندار۔ یُس پٔنٛنِ پوٚٹ منٛڈنہٕ ڈرِکو یاوس پہٕ پٔتھ گو۔ مانٛڈ دِوان دِوان آسہٕ اُمس اَتھہٕ ٹیٛٹھ ڈرِکو یاوس اندر زِ زٕٹِلے گرایہٕ ژرا اوتر۔ منٛڈن تِنٛہٕ سِنٛزِ نزد پکھہ اوس آب تیز پکان۔ دوٚیمہِ گرایہِ نیوٚ رسُل شیرس آبہٕ گرایہ پوٚٹ۔ اُمہٕ کرِیا وہ پوٚٹ رٔٹنس سیٹھاہ زور۔ اما پوز آو لیٚنس اندر آس زِ اکھے رسُل شیر آو اُچھن ہاوان ہاوان گرِ۔ اَتہٕ پِرٕژھ ہِس " پوٚٹ کتہٕ تھوٚو تھٕ " اُمہٕ دوٚپ نَکھہ ـــــ

"نشہ ژاو سورُسے"!

سائنس علاقنش منز چھے ئیھے تلمیح بِشمہ گاچہ زیسیڈیس ساڈس شخصس اکس اُس "ٹوبہ" رہژدہ۔ اُمو ہیے اوس مُشُل لاگنکُ سخ طمع۔ واراہ کالس سوء مبراُوی اُمہ ژادیہ سوٗمب پوٗنسیہ۔ گوٗتہ اُبن ہیمن پوٗنسن ژادر اکھ شلو۔ ژادرا عمس رینیاپرژ۔ ٹھہ نین لاگچ ئیھے ژادر مِنڈرنی۔ لنۂ پوٗنشیہ دِژنس تہٖ ژادر گتیہ نیپر ہتہ۔ اکھ رونزیہ زُمیہ را مھڑ کُنیہ موجوٗ بیھیہ پا کھو آو نہٖ تسن ہیچاریس کینہہ حاصل۔

ہیٹیلہ کُنہ کارس منز مشُول نیرادِ نہٖ مُرشسے تہٖ، دیان اکھ کار ہیسے گو ٹوٗنیشُن پوٹھ۔

## ۵۔ ستہ بلہٕ ہُنز اُڈِچ

ستہٕ بلو اوس پرٹبکل حکیماہ۔ بُنجس اکس رُگ ماز جکراوان ہیدوان اُچھ کُن اُڈِ چہ پھلیچ چھیہہ۔ واتان واتان ووت یلاچہ خاطر ستہ بلوس نیشس۔ اُمہ لوکس دواہ پوٗ نناہ تہٖ دوٗ بیسن یوٗتاں اُچھ وارہ بلی، توٗتاں گژھہ دوہہ ہیئن تہٖ ہیہ دوا لاگنُ۔ بُنجس اوس لاگی ہتیہ دوا ہیوا وُک اثر کینشژن گنشن تامیچھ روزان۔ لہٰذا اوس ماز پاوِہن ہیچھ پرہیحھ دوہہ حاضر گژھان۔ بُنجس اوس نہٖ دود بلان تہٖ حکیمس اوس نہٖ گژھان مازس تھکہ۔

دوہ ہیہ اکہ اوس حکیم سشبکہ خاطر کوٗت نام گوٗمت۔ اُمہ دوہ ہیہ جُبھائیہ آو بُنج ماز پاوہ ہیچھ دوا لاگناوہ۔ حکیم سِشندی بأسے ووچھ اُمس بُنجس اُچھ تہٖ گوٗد نُش مُشیہ زنگیہ شُمب اُڈِ چہ پیوٗ نناہ۔ دوا لوگنس تہٖ گوٗ رُن رواہ۔ بُنجس بلے پیہ اُچھ تہٖ پیکاہ آو نہٖ کینشہہ۔

پیکاہ شامس ہیٹیلہ حکیم ستہ بلہ دُس ماز ورائی تبتہ ووت برونہہ کُن

زٕ پنُکھ، از اوس ناتیٚچ آمُت؟ یٲے وۄنُس چھیپر بِچھ " راچھ ہسا اَدٕ آمُت، بیچارِس اَچھ ہنٕز اوسُس پھٹے اُڈی، چے ہیوٚنتاہ شہ گوٚڈُس ہیٚلے نیبر تہٕ اَچھ گیٚیس کولاب ہیش"۔ سٕتہ بلہ وۄس گٔیہ یہ بوزِتھ اَچھ سٕتھ سٕتھہٕ پلہ " آما تیٚتہ ژٕ کُس لُقمان اوسُکھ؟ مٕتے ژٕ ہے نا چھیکھتھ کرِٕ نیٚ! دپیا ہم تونٕ بنہٕ دٕریٚس کھنٕڈس ماز پادٕ پادٕ! اَدٕ ژٕ سٕتے پھرِتھ ساری پیچھش"۔

بیٚلہٕ تہٕ کاٚنسہ دوہے دوہے کاٚنسہ نِش گژھتھ کانہہ حاجتھ پوٚرٕ گژِھ، اَلبتہٕ را دیس لیدٕ سکے دین۔ گاکھ چھیس دپان ـــــ اَمِس ہسا گٔیہ سٕتہ بلہ وۄنی اَڈرٕ چ!"

## ۷۔ رٕیکہٕ واتیچ ہُنٕد پوٚترھوٚ

پوٚترھو چھُ بیٚھتھ کالہٕ اوسمُت کٔشیرِ منٛز اَکھ سٕکہ۔ یہ اوس آسان ۵ پیٚسن ہارن برابر تہٕ اَڈٕ پوٚنٛترھو اوس صرف ۱۲ پیٚسن ہارن برابر مانٛنہٕ یوان، حالانٛکہ ۲۵ پیٚسن ہُنٕد نِصیف گیا و سارٕ باہ، مگر تہٕ ساڈِھ ہٕن ژٕ بیٚھتھ اوس پیٚسن اَڈٕ پوٚنٛترھو تہٕ ونٛنہٕ یوان تہٕ باڈکن تہٕ۔ رٕیکہٕ واتیج چھیٚلے اَسیٚہر کو سِتام لوٗزٕ تہٕ سفید پوش زٕنانہٕ۔ یٔمہ تہٕ پوٚشنیہ اوس زانہہ بیٚھتھ دٕ چھمُت۔ اَمی سِے بنیو دوگہ، مزوٗری کٔرِ کٔرِ اَکھ پوٚنٛترھو۔ اَمِس باسیو زٕ شوبِھ لوب راش تہٕ لج گٔہہ ریٚنز کو سِنٛدی پاٹھِ زٕ ہینس پیٚچھ اَکے کھور ژٕ راو تہٕ یعہ لج دا تہٕ یٔتہ وانہٕ یہ پوٚنٛترھو کھیکناو تہٕ۔ یُس چھیپر داہ پوٚنٛترھو لوے تھتھ تہٕ اَمِس دپان دُکانٛدارس، نِسا: اَکھ پوٚنٛترھو دِ مے! یِتھ پاٹھی سو تمہٕ ساری سے بازرس زٕ شوبِھ تہٕ ہسا چھیٚلے دیا رٕ واتیٚچ! مگر سودا کوٗرُن نہٕ کیٚنٛہہ۔

مرگہہ کاٚنسہ شکس، لدس پھکّے پاٹھٕ کانہہ چھیپر یا پوٚشنیہ ژونٛک بنہٕ، یٔتہ

چانٹھ پیتہٕ چانٹھ پھیرِتھ سۄ چیٖر کولاگِہ، اَکھ جیٖرس لھٕکہ ناو، لکھ چھِس دَپان، ہا اُمس شٕکسہٕ لدس ہسا گومُت سٕے سۄ —— رٕکہٕ وانجہ ہٕنٛد پۆنٛز ھوٗ

# ۷۔ حاٗدی کھار وَنہٕ ناوٕن

حاٗدی کھار اوس اَکھ سۄ شخص یُس گرس منٛز زٕنیٛتھ اوس۔ مگر زِ بھٕل اُمِس نہٕ چلان کینٛہہ۔ یوٚہَے لوٚر دستار خانہٕ داراہ چھُ اوسمُت۔ بیٛیھ عقلہ ہوٚٹ مزاز ہٕنٛز واش، وۄکُرُتھ تۄزکرۄ۔ اَمٕہندِ تۄرِ شوٗ اُمس گرِکی سارِی باٗژ تالہ کینٛہ اٗنی ہنٛتہ اُمِس اوس بیٖقل خیال زِ یہ تَس دَنٛدِ بَرِ نیٛرتھ گژھہ، تَمہ گژھہ نہٕ کُنٛدی چہ دانٛیہ فرق گژھہٕ ھٕو۔ اَما پوٚز چلُن اوسُس نہٕ کینٛہہ۔ بیٛیلہٕ نہٕ گرِکی باٗژ مانان اُمِسٕ یہٕ اوسِکھ لیکہٕ خاش پرِان، وۄہیوان ہنگہ اَکھ اوس نہٕ ٹُنانٕے کانٛہہ! سارِی اُسی پنٕنہ پنٕنہ کامہ ہَن کران۔ حاٗدی کھار اوس نہٕ، یہ خبر اُسہٕ تہٕ زِ شوٗہٕٹس چھٕے پرٕتھ وُزھمُن زیوِہ پھٕٹتھ تھوان۔ سۄ اوس تونہٕ پھِرُن زِ چھُہ رٕکہٕ پنٛیچ کوٗشِش کران، مگر گرِکی باٗژ اُمِس زانان زِ ھیوٗن چھُ وورانِ نہٕ کار فانٛہ پکان۔

لکہٕ لھٕکہٕ اَمی سُنٛد ناو یِتہ مانیس منٛز چلیوٗن زِ بیٛیلہ کانٛہہ کار گوٗ سۄ ہٕنٛزِ مرضی خلاف کرٕنہٕ ییہ، اَکھ پیٛیھ تُلہٕ سۄ شور، مگر تور کُن سنی نہٕ کانٛہہ، تَمہ وِزِ چھِہ وَنان —— ہا وَنان چھُ اوٗری حاٗدی کھار! یا بیٛیلہٕ کانٛہہ شخص تنگ ییہٕ کرٕنہ، سۄ کرِ واویلا، تَس نہٕ چھِہ دَپان، ہا سۄ بِچارٕ —— وَنہٕ نوٗ کھ حاٗدی کھار۔ ہَرگاہ کانٛہہ شخص کُنہِ کارس اَنٛدر سِیٹھ ناکام گژھہِ، دَپان چھِس —— کیٛا سا وَنہٕ نوٗ ہٕکھا حاٗدی کھار!

حاٗدی کھار یا ہاٗتی کھار اوس مشہوٗر صوٗفی شاعِر وَہاب کھارُن بب مگر یِتھ تلمیٖحس سیتۍ چھُنہٕ تَس کانٛہہ تعلُق۔

# ۸ - مُنوَرشٲہنۍ باڑی

مُنوَرشاہ اوس چالاک تہٕ ٹھُکہٕ گوٚر۔ تٔمۍ سُنٛد ٹھُکہٕ اوس زَن پولاوس اُتھر۔ اَما پوٗز سُہ کُس تُلہِ ہے سیٹھاہ مُنہ جَپہ زِ مُنوَرشٲہنس ہیٚکہ ہے ٹھُکہٕ کٔرِتھ اَنِس تھٔکی آمِہٕ بٔنہٕ کاٗنٛسہ زٔسمے وو ہتھان۔ اَکہ دوہہٕ گوٚو تٔمۍ اَکِس مونٛسِرَ بجہٕ ٹھُکہٕ۔ بٔچہ ہِنٛدی نٔیِچوی ہیٚلہِ پوز قَسم کھیون زِ اَمِیک آنٛچہ ہورِنہٕ ورأے تہٕ روزِنہٕ۔

مُنوَرشاہ اوس گاش پھولونے نیٚنٛدرِ وو ہتھان تہٕ گرٕ ھان مُشدِ مَنٛز نِماز پَرِنہٕ۔ پٔتھلے کلان اوس تہٕ مُنوَرشاہ گوٚو پَنٛنہٕ سٟتۍ نماز بمُشدِ گرٕ اکھ اُسی سٟتۍ مُنے، سُہ اوس مُشدِ مَنٛز گٔنے زوٚن۔ حمامہ کِہ وُشنیر سیٚنٛز آیہ مُنوَرشٲہس نیٚنٛدرِ۔ اَمِس اوس عادتھ ییٚلہِ گرِ نیرِ ہے، ییزار اوس تُلان نکھس بیٚچھ۔ اَمِہ دوہہٕ تہٕ اوسُن ییزار نکھسے پیٚٹھ تُلمُت۔ وُشنیرِن ییٚلہِ زور کوٚر تہٕ او برُونٛہہ گٔنے وُکراوِنہٕ۔ پٔنٛنۍ کینٛہ کھوتُس پٔچھیرِن ہیٚور پیٚٹھن، تکیازِ تہٕ اوس تہٕ وُنہہ گٔنے بٕہِتھ۔ گٔنٛنہٕ کھٔنٛڈ گرِ ھِتھ ووٚت بٔچہ ہُنٛد نٔیِچوی، اَتہٕ وُچھُن مُنوَرشٲہس بٔہہ کوٚر پاٹھی نیٚنٛدرِ بٔہِرِ۔ بٔچہ ہِنٛدی نٔیِچوی گَڈ چَنٛدِ مَنٛز باڑی تہٕ ھٔتھ نَس پٔنٛنۍ کینٛہ سَترِ چَہ جایہ دِزٕ وِنۍ۔ پانہٕ دُرا واپس۔ یٔہرا گرٕ ھِتھ آیہٕ باتہٕ نِماز کٔرِ، اَتہٕ وُچھِک کُستاھَت پٔنٛنۍ کینٛہ گاش زوتان۔ یِم تَرٕہرِ سے تہٕ۔ آخرس تہٕ کوٚر کُلہ جِگر دوٚرِ اَندر اُنٛتھ وُچھکھ تہٕ مُنوَرشاہ۔ باڑی ژھیوٚر کھ نہٕ کینٛتھہ مُنوَر شاہ دِزِ نو دُکھ۔ دوٚپُنس "ہے، یہ کٔمۍ ماے چھے ٹھُکہٕ کوٚرمُت"؟ دیان مُنوَرشٲہن بٔنٛیلہِ تہٕ حالِ بد وُچھ، گوس ہیٚلہہ تہٕ مکود آمی سٔنہ سیٚنٛز تکیازِ تہٕ اوس گوٚڈنیک ٹھُکہٕ یُس مُنوَرشٲہس کٔرِنہٕ آو۔

چالاک اِنسانس ییٚلہِ ورِ ییتھہٕ کُنہٕ وُکریہ والنہٕ یاگاہ چارُک پٔرِم ییہ

پھُٹراوِنہٕ۔ حالانکہ تس آسِنہٕ اَمیُک گمان تہٕ، تس چھُ طنزٕ ونِنہٕ پیوان ——

کرٕہس پیٚٹھ اَمنور شِہنٕچ باٹری۔

## ٩۔ لالہٕ ملیٚنٕہ گاو

یہٕ تلمیح چھےٚ حاجنی صابن "آغر بٹنٕہ گاو" ناوٕ کی تلمیح ہند پوٚت منظر دِوان پیٚٹھ کُنہِ وٕہرٕ ہنا ونمُت:

"آغر بٹ اوس آلُٹھ۔ یہ زانِہ ہےٚ یہ زانِہ تہٕ یینہٕ گاو گاسہ یا کوٚم اُنٛزٕ سوٚن بچار اُس گژھ یُنہٕ گژھ بڑٕ پساونہٕ اَتان۔ یٔتھو کٔرِس اَتھ ہےٚ اَنکو بسکین اُسہ ژوٚر وٲلیچ اُس چاوان۔ یتھ کُنہِ داہن گژن داہ تھکیہ گاسہ کھینہٕ اُسی اُسہ داہن حیات نکھ چاوان۔ گژ داتھ آسہ اَمی شرٕ بجہ بلکل خوہ نٔکے آسان گژھ۔ اَتھ تلمیحس متوازی چھُ "بڑٕ نشہٕ ہُن گرٕ" یہ۔ اَمس گٔرِس اوس یہ پٔتہٕنُن حالکھ بڑی شاہ پژٕ ہان۔ ہُشِرٕ ہُشِر پھیرنہٕ ٹھوکھ اوس سورے گام اَمس یور ساران، اما پوز حالکس اوس اَمی شرٕ بور سارٕ ہند ارمانے روزان —— (از مقالاتِ حاجنی)

سائنس علاقس منٛز چھےٚ "لالہٕ ملیٚنہٕ گاو" تلمیح مشہور۔ دوٚیِمہٕ دٔنی منٛز چھےٚ فقط ناوَن ہُنٛز فرق تہٕ وَرتاوس منٛز چھےٚ کُنہِ وِسے مقصد و خاطرٕ اَنِنہٕ یوان۔ اما پوز اَمہٕ تلمیح ہُند قصہ چھُ سائنس علاقس منٛز بدل۔ سہ چھُ سُے قصہ یُس مشہور رومان پرور تہٕ ہجو گو مثنوی نگار مقبول کرالہ واری گرِیس نامس منٛز نظم کوٚرمُت چھُ۔ دوٚیِمِہ کٕنی گو مقبول صابن چھُ یہ گریستس کُن منسوب کوٚرمُت تہٕ عام کٔتھ چھےٚ لالہٕ ملیٚنس ناوس سیتی ژھکنو مُت۔ قصہ چھُ یہ:

لالہٕ ملُس اُس گاو۔ یتھے کُنہِ اَمو کستام۔ پونسہ رٔٹِتھ تہٕ دوٚپُنس "ہے بابا

اکر مبون بوزُکھ، دوٕنۍ ٹھوٚہَن ہیٚے نیٚش اُڈٕرچ۔ اُسی کرٕو اُڈٕ کُدری ہیچھ دوٚمید
اُڈٕ چانہٕ کیٚنہ چھُہ خدا تہٕ رسولؐ۔ اگر نےٚ نِصیف دوٕ ہٕہن آسہ ہوٚسے گرٕ وانہٕ وان
پٔنُنہ گو گاو تہٕ چانٕی تہٕ ٹھوٚتر چوٚسنے۔ اُسی کرو فقط دوٕ پاو ۂنز لاکِھ۔" خرِیدارن
زون غنیمت، دوٚپُنس "ہٕنہ ساہ باخدا ترٛاوِسے ۂسے اُڈٕرچ۔" دوٚہ جورا گیِٕ تہٕ آو
بیا کھ خریدار، لالہ مٔلن ٹۍ اُمس تہٕ پوٚشِیہ تہٕ پوٚہسے نٕل دٕہنہ ژٕٹن گاو گرٕسے دٕلہٕ وٕلہٕ
کینہ اُمی یہٕ گاو کِھہن خریدارن، سارِنے نیٚش ژٕٹن اُڈٕرچ۔

کیٚنٛہ ژٕنہٕ کالہٕ گژھنہٕ آیہ ساری خریدار اکہ اکہ تہٕ دوٚپہٕہس۔ "گاو ہسا
نِمہون اُسی گرٕ۔" اُم دوٚ ٹھکہ۔ مال چھُہ مُہندٕ۔ بہ ہیکہ قسمس ہیٚٹھ ٹھِیرِتھ۔ بیوٚ سا
پچھہ نیٚسوٚن پٔنٕنہ گاو۔" اکا بوزِ سارِنے ٹھوٚدن ہیٚوٚن بتوٚن وق۔" اُکس دوٚپُن
تہٕ اُتی تہٕ دمہٕ بچہ باگ۔ سو پُٹھن ترٕ اکی وقتہٕ گژھن تہٕ تم ساری وانٕنے۔

لالہ مٔلہ دوٚٹھ یکاہ کاش پھولہ وُنے نیٚہندٕ، گاو تراوِن پرٕو شیٹھ پرٕو
تہٕ وانہٕ گوٚن اُکس ٹھدِس چھٕبتس ہیچھ، اتہٕ ژھینن ڈٔلہ تہٕ آو گرٕ۔ شرٕین باغن
دوٚدن لاگو سا دٕدن۔ پان تہٕ ٹیہ۔ پٔنٕنی سون گرٕ کانہہ اُژان آسہ، تیمہ وِز گژھہ ہے
تُلمُن۔ اتہٕ ہیٚلہ دٕدن بوٚدن شروٚع گو، حتیٰ ہمسایہ تہٕ انگ اُشناو تہٕ شیمہ یہ۔ بوزِتھ
زِ گاو چھَنک ڈٔلہ گمٕژ۔ شیخ چھیوٚ ژکھ۔ یُسے خریدار پٔنہٕنس وقتس ہیچھ گاو تہٕ
وانان چھُ آسے چھُہ وٕدن وان بوزِتھ پریشان گژھان۔ خریدارن چھےٚ گژھان گاو
ۂنز شتیہ تہٕ تِم چھےٚ لالہ مٔلنین شُرین باژن ہٕشُ ہمدارِ کران۔ چھٕبتس ہیچھ گژھنہ
گاو نظارہ دِوان تہٕ گژھان پانس۔ یِتھہ پاٹھو دیٚٹ لالہ مٔلن سارِنے تالسن نشوٚنٹھ
تہٕ زیارہ ۂنز پراوِن۔

کاٚشِیہ کوٚرِ پالس اگر وارہ گوٚ برہانی ۂلمہ داٚرِتھ ین، کورِ مول دینہٕ کیٚنہ

گُنہٕ جاے کن طنزن چھس وَنان، ہیٚے بَلکہ ——— لالہٕ مَلِہنو گاو کرنس!

## ۱۰۔ ٹھُکہٕ شُکُر

مُفلِسا اَکھ دار ہیٚے خوجس اَکِس دِبار، تمہٕ اَسِس نہٕ کُنہِ رنگہٕ نٕکھ وَنان۔ گرٕ اوسُس کوٚنژٕ حہ بوٚے، ییٚمِس ناو اوس "شُکہ"۔ اما پۄز اوس بیقل، آلژھ تہٕ سخ نحوہٕ ژٕند۔ اَکہ دوہہٕ آو یہٕ مُفلِس اَمِس خوجس، دوپُنس "حضنہ"، ہمنہ مِیٚے تہٕ دوٚہ ٹھٕنہٕ ژون قرض نکھہ، چھُنا فلاح میون لو کُٹ براد رُشکہ رٕٹہٕ ہن طلبس اَدٕ بیی ژٕنیٚے خوش گژھی، نی دِتس طلب

خوجن دوٚپنس "اَہنو تہٕ شہ کتھہٕ کارس لگہِ میٚے؟"

مُفلِسن دوٚپنس: "نہ حضنہٕ آب سارنس تہٕ لگہِ نا!"

اَخر روٚٹ خوجن شُکُر طلبس۔ شُکرُ چھُ ژٕکہ بیقل، سیدا تہٕ کامہٕ ژوٗر اَمہِ لوگ اَتہٕ جادے کَلِس ڈول۔ خوجہ گرٕ اوس کارُک ژٕکجار۔ شُکرِس چھِ وَنان گژھہ آبس کُن، شہ گژھان خوشکس، دیان چھِس گژھ دہ خوشکس شہ گژھان آبس ہُمیارِی اوس شہ سخ اوٚپ، اَڈ کتھہٕ تہٕ اَمِس نہٕ روزان۔ اَمِس ٹھٕی اگر موٚمکلی مشوٗر نہٕ کرِہن شہ اوس ضرور دہن اَسن واتان۔ خوجہ بیٚنٕدر بأژ زٕ آسے تالہ کِنو۔ شُکہ اوس فقط عرفس گواہ تہٕ مینٛنٛڈِمن شریک، اَدٕ سبہٕ آو شُکرس شند بوٚسے ناد دِتھہٕ اَنناو تہٕ خوجن دوٚپنس۔ ہیٚتو بایہٕ پانِس خدا دِ ننمہ یہٕ شُکر کتھہٕ پیٚٹھ ٹھوٗونہٕ ژٕلہٕ میٚنہ چِلہ ہیو ٹھُکِتھ! پوٗنسہ گیٚہی ژٕیٚنے، یہٕ بلاے بٕتن یٚنہٕ نہٕ کرٕ!

تکوٚ ٹھوٗو "ٹھُکہٕ شُکُر" یاد تہٕ عام وَرتاوس منز۔ اَتھ وِز کور کُنہ مختلف مطلبن منز استعمال۔ مثلن کانہہ لحاظ دار یٔلہ کانسہ کانہہ کام مٕنہٕ ٹھیو، تس آسہٕ

یہ کرنس غرض دپان چھیس —— بٔھوو ھٔم سأ ٹھٔکہٕ شُکُر! کأشہِ زَن ھٔیو کأشہِ چیٚنٹہِ ہیٚنز کأماه مَیٹھ، سُہ دپان —— ہا بٔھوو ہم ہسأ ٹھٔکہٕ شُکر! یا ۂنگٕنہٕ اَنِنہٕ وِزِ یا گرزامنٕز اَنِنہٕ وِزِ تہٕ چھُ کأشہِ ہیٚنٕز لچہٕ ذود دوٚ بٔھٔنہٕ سَبہٕ وَنان —— اوٚ نَہِم ہسأ ٹھٔکہٕ شُکُر۔

## ١١۔ مَلِک صأبُن جأگیٖر

سانہٕ زبأنی منٛز چھےٚ اَکھ کَہاوَتھ —— "خوٚجہ سأ جأگیٖر نیٚوو ہے دوٚ ہینکھ اَسہٕ تُہٕ دوٚ پانٕے!" اَمیُک پوٚت منظر چھُ یہ:

کٔشیٖرِ اُس حال حال تام جأگیٖر دأری نِظامس تَحتَ گرٛیٚٹھ پشنہٕ تہٕ پٔریٚنہٕ چھانہٕ آمُت۔ زمانن دیٚت لَر پھیٖرٕ، جأگیرداری نظامس آیہ اوٚبرِ کو یأ کھوٚت ڈینگہٕ ووٚٹھنہٕ، محل خانہٕ آیہ آزأدی ہینٛزِ وُبٔنلِ بیٚٹھ سیٚتھ چھٔلہٕ چھٔلہٕ پھتر لاینہٕ۔ یٔلہٕ سَنہٕ ۱۹۴۸ یہِ جأگیرداری نِظامس وُگُو آوُ وٚٹھنہٕ، زمین آیہ لاگنٕے کرن والین کاشتکارن دِنہٕ۔ ہیٚارِی اوس جأگیردار رٕچھوٚ وٚلن ہینٛد اَہرٕ گرٛیٚستین ہینٛدی اُس بَند کرناوُتھ۔ کأشہِ اوس تہٕ ظألِمن خلاف اَکھ کَتھ تہٕ ہیٚکان کٔرِتھ۔

مَلِک صأب تہٕ چھُ اَکھ جأگیردار اوسمُت۔ جأگیردارَو یٔلہٕ جأگیرٕ ونشہ اَکِنہٕ چھٕوٚل، اُمس مَلِک صأبس تہٕ آو جأگیر اَتہٕ ہینہٕ۔ اُمس اُس بروٗنٹھےٚ خبر زِ دوٚنی چلہٕ سون ژور۔ اُتھ دورانس منٛز اُیس گرٛیسی ژور پتہٕ پتہٕ پکان۔ اَکھا دوٚ بٔھوس "حضرت تُہی تہٕ نیٚوکھ ہیٚو جأگیر!"

"کوٚت سأ رٕن۔ سُہ کُس ماجہ ہٕنٛد گوبُر آسہ؟ دوٚن گو یہ جأگیرٕ ہُنٛ اُسنا کولہٕ اپارِ، اَمی کولہٕ تارٕ موکھ، ژھٔنُم پانسے تراوِتھ۔ مَلِک صأبن دوٚنس کَمامہ سان

یہٕ لُکہٕ زٕتھ کرٕ رگرٕ پیسو تھٲوو پےٚ:

مگر تن چھُ تمہٕ وِزِ مُلکہٕ حٲکمن یہٕ حباکِر ژھٔنِس پیوان، یِیلہِ کانٛہہ اَسہٕ کانٛہہ چیز
زبردستی ہیٚنہٕ ییہٕ تہٕ سُہ دِیہٕ ہٕنے تُرٕوِ پانے!

## ۱۲۔ سُبحان کھارُن گاڈہٕ دٲگُل

سُبحان کھار اوس ییٚڑٕ تہٕ بیچھ شخصا۔ امَا پوٚز شیخ چالاک اوس۔ اکہ
دۄہہ آسہ اَکہِ گرٕن گاڈٕ رٕنیمٕتۍ۔ سُبحان کھارس لوٚگ سپدۍ۔ اُسِ میٚچھرٕ اوسہ سیٚہ چھ
میرِ شام وٲرنیمٕتۍ۔ گرٕ والیو شوکَس زِ یہٕ چھُ اَمُت گاڈٕن ہینٛد مُشکہٕ۔ تہٕ بہتر چھُ اَسہ
بوٚزٕنیتھ دِیہ دیُن۔ گرِیٚچ خانہٕ دار ییٚمہِ وُزٕرِ تہٕ اونس تٔنہٕ بانہٕ بوٚزٕ نیٚتھ کُنی۔" ہےٚ دوستا
نیٚے چھےٚ دوٚر دانٕ، خبر چھا نبانہٕ زیرہ نیگی، اَتہٕ سیٚہ کھٕنی تہٕ بوٚزٕ نیٚتھے بنتہٕ۔" دوٚیمٕتۍ دل
بانس ھٔنز اَکھ۔ اَتہٕ وُچھین موٚنگہ دال۔ تِنہٕ نکُن زٕ شوٚکھٕتس تام کھ پیس۔

ہتہٕ کھیوان کھیوان دوٚپھ سُبحان کھار:" بلا سے آیا تہٕ یمن موٚنگہ دالہ،
تہٕ ہمِس گِیہٕ یہٕ زیادے وقور۔ اَسہ تہٕ اُمس یہِ ہا تھ موٚنگہ دال زٕ ژٕ ہرٕ دِیہ دِیُن ہیبانہٕ
تہٕمِس نُوہ شہ تہٕ ہیٚنزٕن سان نہ پیچھ وُاُنس۔ تمہ ییٚلہٕ ٹیکرٕ وٲرِنٕچ دانہٕ پیٹھ، دوہ کہ ہنگہ نگہ
گوٚ اَکھ ٹیکرٕ ژوٚد۔ سا ییٚہ دال زٕنٕچ نیبرِ تھ۔ دوٚہہ ہمِس پٕانہٕ گٔیہ کینٛہ، ییٚنہٕ بیچھ
(دانہٕ ریچھ سیتۍ ہاوان ہاوان) تتہٕ ہیٚنزِ ہس ہمتہٕ گاڈٕ دٲگُلس نام!

پتہٕ زِ ییٚمِچ پےٚ بیٚنیس آسہٕ، ییٚلہٕ نس نش ژُوٚدرٕ خنہٕ یہٕ ییہٕ، تمہ ٹِلہ پاچھ
چھُہ سُہ رانہٕ دار سُبحان کھارنہٕ گاڈٕ دٲگُلکہٕ پٲٹھۍ اِشارٕ کران تہٕ راز تھٕو راوان۔

## ۱۳۔ لسہ ہاگہ سے سٕنزِ کُھوکر

"بطخ پوٚتی کَٹہٕ ھنو" تہٕ چھ ساہنہٕ زبٲنہٕ منز اکھ ضرب المثل۔ یاسان چھُ

مذکوٗرٕ تلمیح چھےٚ ہندیٚس پوٗت منظر چھُ، سُہ چھُ ییتھٕ ضرب المثلہٕ سیٚتھ قریٖبی تعلُق تھاوان۔

لسہٕ ماگرے اوس بالہٕ دامنس تَل اَکس ژھیٚنبہٕ پیٹھ منٛز بسان۔ اَکہ دۄہہ ڈرا وشا میٚہ سُلی چکرس، بالہٕ دامنٕچ پکان پکان پییس نظر اَکس بڑس پلیٚس کُن۔ نزدیک دٲیتھ وُچھن اَتھ پٮ۪ٹھ ژھایہ اَکس ترونیس منٛز ٹھوٗل داہ باہ۔ بسیٹھا خوش گوٚ تہٕ ہلمس لدیتھ وانہٕ ٲنن پیٚم ٹھوٗل گَے۔ "اَشیٚنو ڈٔزھُس"۔ اَدٕ بیٚہ تہٕ اَسِس ڈیان یہ سأنی کٔہ کر کٔتہ پچھے ٹھوٗل ترا وان۔ دراصل چھُ یِم سانے کوکرہ ہندی ٹھوٗل۔ "کوکرہ مٲنا اَسیٚتھ پرایہ آمٕت۔ یِم ٹھوٗل دِنیتھ اُموٚسے۔ وقتس بیٚہٹھ ڈرایہ ٹھُلہٕ لو منٛز خوٗنی لونہٕ پیٚوٕ۔ یُہُنُتے مِنا پوٹھیٚیہٕ لسہٕ ماگرے ییٚن ترٲوی بالہٕ دامنس کُن یہ سوچتھ زِ کُکُر کیٚنزِس منٛز چلکینہ کانٛسہٕ ہندِ خطرٕ وُچھان وُچھان کیٚہ ساری لیٚٹی وُڈِتھ۔ کٔہ کرٕ نہٕ کُرٛت کُرٛت کرٲن کُنی نٔنی۔ لسہٕ ماگرے ییٚن کھیٚوا افسوس تہٕ دوت کٔہ کرٕ ہیٚہتھ گیہ۔ گرٕ وٲتنہٕ دۄپُن ذرا صل بھیٚرنے یہ پانہٕ یے۔ اَسہ تُلا گیتہ بوزُن تِم ٹھوٗلی چھِہ اَسمیٚہ دٲن کوکرہ ہندی

کُنہ کانہ بیٚلہٕ نہٕ وومید کُرتھ کینہہ حاصِل ییٚہ، تتھ چھِ گژھان —

لسہٕ ماگرے سیٚنہ بوکوکر!

## ۱۴۔ نندہ رامنی شربتھ

کنجوٗس دیانہٕ وولا اوس۔ سُہ پیوٚ سخ بیمار۔ حکیمن ڈیژِس شربتھ۔ نندہ رامن تھوٚو سینس پل ڈکھہ تہٕ ڈبل پوٚ شیشہ شربتھ ہیٚہتھ دوت گیہ۔ اَکھ ڈنگاہ چون تہٕ آیس اُلٹی۔ اَمی خیالہٕ کینو زِ ہرگاہ یہ شربتھ واپس آیہ، اَکہ ڈبل پوٚ ژیہ گو ضایہ، کرٕ اَمہ اُلٹی ڈکاونچ کوشش۔ اُلٹی ییٚلہٕ نہٕ رُکے ییٚس، اَتھ نووُن تھال تہٕ کینٛژھا شکمہ منٛز واپس کھوٚنُس تہٕ ترووُن اَکھ تھالس منٛز۔ اُلٹی رُکے ییٚس۔

ننا نسن مشر ہے کبشڑھا تردومٹ اوفتن نا نیوکن بٹیہ چشخہ۔ "نکو پڑڑھس"۔ ہلے درو کہ بٹیہ چشنس کبرتہ کشنو آدُے سہم ء؟" دو پنکہ" یا گو انفا اس نا شر بخہ ہنے مڑہ۔ اگر اکہ ڈبل بوشنسے چھٹنا کہینو!"

خدروس کنجوس انسانا شر کنہ دو تھینہ وقتہ چھٹے ——— ننا راہنو شر بخہ یاد بیوان۔

## ۱۵۔ مومہ ڈارنا گاڑ

مومہ ڈار اوس یاہ فردُ مو تہ سفید پوش شخصا مفلسی مشرتا اوسنہ ژہنگرہ کہینس بنجتہ برہان۔ اگہ دوہی اوس اَمس گل ہیٹل دان منٹ موجود۔ گاڑاہی تا آدہ گاڑہ ہہ ہیتہ" مومہ ڈارس اوس تہ پوشا ٹو نکاہ کیشہ۔ مگر گاڑ کہینہ درافسنی تہ دا روز ہے! دان منٹ کوژن گاڑہ ما ژرس خوانہ تہ ہیشرن گاڑ۔ گاڑا آتہ پرمسا لہ تیار کرنہ۔ بنتہ اوسٹس نہ کہینونہ، نہ شامن کہشیا ونا دناون شرہ باژ گاڑسے اوسٹہ۔ فاقہ ذہن کوڑ کہ منظور، مگر گاڑ کہینے رودینہ۔

مفلس فضول خرچ انسان ہشہ پن اسراف چہ ونانے یم گیہ ——— مومہ ڈارنا گاڑ۔

## ۱۶۔ کرم ننہ وور

کرم ننہ وور اوس اڈہ بڈ گڑ ہنس تام ننہ وورے پکان۔ لوا تام نکو "ننہ وور۔ ننہ وور" ریڑدہ تنجس۔ ریڑدہ سیتہ آو اَمس جیبرتہ لوگن کھو بانہ مگر نکو تنجس نہ تفینچے۔ نہ صرف مرنس نام رکویس "ننہ وور" ونان۔ بلکہ نژدو ننمو

پانس پننہٕ کاشرِس لُکہٕ ادبس منز بہٕ تلمیح تہٕ۔

اَز چھُ کرِم ننہٕ وور پٕہتھ تمہٕ وِز یاد پیوان یٔلہٕ کاشُرِس کُتھہٕ انزس پیٹھ رِیز

چھیٚہ آسان رٕنکھ ہیش لاٗرتھ گمژ۔

## ۱۷- فتح مٔتیٚن بَتہٕ

فتح موٚت چھُ کُنتام مجذوب اوسمُت، یُس پٕہتھ کاٗشِرس اوس

زوٗرٕ گرٕ ھان کرٕ اَژتھ تہٕ منگان بَتہٕ۔ بَتہٕ یٔلہٕ پرُونتھٕ کُن واتان اوسُس، کھیوان

اوس نہٕ کینہہ۔ ہُنا اوس حیانا وارٕ ژراوان، ہُنا ہوٗنن تہٕ باقے اوس اور یُہ چھکان۔

باقہ اوس نٲلی گرٕ ھان تہٕ منگان اوس بییہ بَتہٕ۔ تتھہٕ تہٕ اوس یی کران۔ ییتھٕ پاٹھۍ

اوس بہٕ گرٕ کین پاٹھٕ فاقہٕ کران مگر تمہ اُسِس نہٕ ہیکان وٕنتھ کینہہ۔

کُنہٕ چیزس یٔلہٕ تِیتھے کُنہٕ واوُر لگہٕ، ٲمۍ کُنہٕ ٹھٔنی ضنایہٕ گژھ یا یٔلہٕ

کانہہ چیز بیہٕ دردی سان فضوٗل پاٹھۍ خرچاونہٕ ییہ، تمہٕ وِز چھِ وَنان اُتھ ہُسا

گو ــــــــ فتح مٔتیٚن بَتہٕ!

## ۱۸- رسوٗل لونُن سوٗن

رسوٗل لون ناوُک، اَکھ سیٚدٕ ساد شخصس سمکھیا یہ اَکہ لٹہٕ زٕنی جورا۔

دوینہٕ وٕسے اُسی سنٕخ پرٕٹِکل تہٕ دغاباز۔ دوٗیمس ہے بابا، ژٕ سے ما کینژھہ چانٛدی موجود،

اُسی دِمہٕ ہوسے تتھٕ سوٗن بنأوتھ۔ اُسی چھِ یُہے کارکران۔ رسوٗل لونن واتناوۍ

ژھم ژہٕ وٕسے گرٕ تہٕ سنٕخ پاٹھۍ کوٗرُکھ کھینا چِنا۔ پَگہہ لاج سوٗن بناوُن والیو انٛگنس

منز ژول تہٕ اُتھ پیٹھ لاجِکھ کٕنتر لیٚچا۔ رسوٗل لونس دوٗیکھ اَن سأرہ چھ۔ رسوٗل

لونٕن اوٗن نوشِن کورِن ہمشِہ سورُے گھٕنہِ تہٕ کوٚرن کھ شوٗالہٕ۔ تِہمو ہقووٗشہ گھٕنہِ دٲبٲدِ یتھ تہٕ لیٚچہٕ ہقووُ کھ ٹُلِس لیٚوب کرٕتھ۔ رٕسُل لونس دوٚپکھ، ترٛٲٹِن دوہَن گژھ یتھ لیٚچہٕ پاکھ دِیُن۔ اَمہِ پتہٕ گژھِس لیٚوب ٹُلُن۔ بس روزِہ اَمہِ اَتھہٕ منٛز ترٛاوو۔ تتھ آسہِ سونہٕ سیر بنیامتٕ۔ یہ وُنِتھ ڈرایہِ سونٕ بناوَن وٲلی پنُن گرٕ کُن۔ ترٛیٚیہ دوہ گژھتھ تُل رسوٗل لونٕن لیٚچہٕ لیٚوب ہقووٗد تہٕ اَتہِ وُچھُن فقط گرم آب تہٕ سونٕ نہٕ کہنہِ۔ بتھہ بتھہ پونشہٕ دِتِن تہٕ کھیٚیٚن کتھ۔

ییٚمِس شخصَس خود غرضی سبہٕ عقل راوِ تہٕ نوقصان گژھتھ افسوس کھیوٚن پیٚیہٕ تِمِس چھہٕ دپان اَمِس گوٚ ——— رسوٗل لونٕن سونٕ!

## ۱۹- مادھو بلہٕ وُنی شونٹھ ہَن

مادھو بلوٗ چھُ اَکھ مُفت خور راہ اوسمُت۔ ییٚمی چینٛدس منٛز ژھیمبہٕ شونٹھ اُس اَمہِ غرضہٕ ہقاوِ منٛز یتھ گرس شہ جان سینٛن وُچھ ہے، تولت واٚتِتھ اوس سونہار اَندر رٲتھ والین وَنان" شونٹھ چھوا ترٛاوِ منٛز اَتھ سینس؟" یی وَنان وَنان اوس شونٹھ پھُٹِہ کڈان تہٕ دِوان سینس منٛز منادار یتھ۔ یُتھ زَن کالہٕ چھُن اَمی حیلہٕ امہٕ ندِس سینس منٛز پکھ روز ہے!

گُنہِ کارِس اَندر ییٚتھے کُنہٕ منٛز پکھ روزِنٕس چھہٕ وَنان ——— "کرٕ تھس ہسہ مادھو بلہٕ وُنی شونٹھ ہَن"!

## ۲۰- حسینِ غم خوار

یہ مرکب چھُ شاید فارسی زبانٕی پیٚٹھٕ کٲشُر زبانٕی منٛز وومُت۔

حسن ناوٕ شخصا اوس سیٹھا جساس تہٕ ہیٹہٕ ہیٹہٕ لوکن ہنٛدین غمن منٛز شریک سپدان۔ اَکہٕ دوہہٕ گوٚ اُمس جادٕ سے بُتھ اَلونٛد۔ کمیٚ نام پرٛژھس، کیاہ سہٕ اَز کیاز چھکھ ژٕ جادٕ سے پریشان؟ تمیٚ ووٚنُس" مےٚ ہیساٚ وٕچھ اَکھ کھوٚٹ گرُ تہٕ توٚے چھُس غمگین!" دوٚیمہ پرٛژھس" اَمہِ نہٕ غم کیاز ہیوٚ تُھک؟"

حسنن ووٚنُس: "اَہن ساٚیُس اَکھا اُمِس گرُس کھَسِہ، تس چھُ اُمس زبن چارُن۔ زبن دَری نہٕ اگر تہٕ دُرٕج آسِس۔ دُمچہ ہنٛدِ خاطرٕ چھُ لوٚٹ خنوٚروٚزی۔ مگر یہٕ گرُ چھُ کھوٚٹ۔ لہذا یُس اُمس کھَچہِ گرُس کھَسِہ، سُہ پیٚیہ خنوٚروٚر پتھرٕ تہٕ پھُٹِس نان، توٚے کیٛاہ ساٚ چھُس یہٕ پریشان"۔

اَز یُس کانٛہہ گُنہٕ پتھوٚ سے وقوٚ عَس ہیٚچھ بےٚ قیل پاٚ کھوٚ اَکھہٕ ماوٕ موٚکہ تس چھُ وَننہٕ یوان ——— "لوگتھ سہٕ بُلیٚ حسین غم خوار!"

# ۲۱۔ وٕنان مَلہٕ لَسنہٕ کتہٕ دَر

اَکھ رِوایت چھےٚ زِ یہٕ مَلہٕ لوٚس اوس پرٛانہٕ وقتہٕ کتہٕ نام بہان تہٕ بیاکھ رِوایت یہٕ زِ یہٕ اوس کمےٚ کال بژوٚ شہ شرٛاکہٕ وارٕ (تحصیل بارہ مولہ) بَسان۔ قرین شیچھٕ وٕہرٕ گژھتھ تہٕ اوس تہٕ کاٚشیہ ھٕشدہ مانان۔ نہ اوس زانٛہہ نماز پران تہٕ نہٕ اوشُس بٔنےٚ واٚری سینٛہ اثرٕ گژھان۔ یورٕ دپیاس کیٛشہہ اورٕ اوس لاکان دَم۔ یوٚتام لوکھ لگو وَننہٕ زِ مَلہٕ لَسیس بَدَل ہیسہ چھُ اُسہ زنتہٕ اُمہٕ شرٕ لرٕ ہنٛزٕ کتہٕ دَرٕ وٕنان۔ تہٕ توٚے چھِنہٕ اورٕ زانٛہہ تہٕ گُنہٕ کتھہٕ واد کران۔

دَپان بُڈھتھ گوٚ یہٕ اَکہٕ دوہہٕ درویش آیہٕ سنٛگرٕ ناوٕ کامَس اَندر یُس شیرنارٕ واو علاقس منٛز چھُ۔ اَتہٕ ووٚنُس تاجہ ناوٕ اَکہٕ زنانہٕ زِ کوٚچھٕ چھِنہٕ اولاد

یمان مےٚ کرتہٕ دُعا۔ مَلہٕ لشی کوٚ ڈپھنہٕ شیر ہیٚشر دانا تہٕ دیتنس تہٕ دوٚ ہنس۔ اگر نیچو زاوُسے تہٕ مےٚ واتہٕ شراکہٕ وور اَکھ داند بطورِ نیاز تہٕ ہیمہٕ۔ خدایہٕ سُند کرُن زِ ہا جِس زاو نیچو تہٕ اَمہِ اوٚن یتہٕ نیس خانہٕ دارس تہٕ ہیتھ مَلہٕ لشیس اَکھ داند تہٕ۔ اوٚ تام اوس تہٕ مَلہٕ لوٚس درویش ناوس پیٹھ موشوٗر گوٗمُت تہٕ اَمہِ دوٚن ہیہِ پیٹھ لیچ لگن شراکہٕ دور کرُن لمیہٕ۔ وار یہن اوس تہٕ نیاز دِتھ تہٕ حاجتہٕ نیران تہٕ قمِ اَسی پننِس بےٚ فایدہٕ نیازس "کنہٕ ڈر" وَنان۔

چناچہ ووٚنی لوٚگ یہٕ لفظ مَلہٕ لشیس دوٚ یہٕ اَندہٕ برابر ہنر۔ کنہٕ نہٕ بوزنس پیٹھ مکانہٕ بیج کنہٕ ڈر تہٕ چیٹہٕ پیٹس پیٹھ عام "کنہٕ ڈر" ییمنہٕ دوٚن ماہنین منز چھے کاشرِس منز یہٕ تلمیح ہیلہٕ ووٚنی رٔزہٕ مٕژ۔

## ۲۲۔ لوگ تھمسہ شعبان منڈیال

کشتوارس نزدیک اَکس گامس منز اوس شعبان منڈیال ناوٕک اَکھ تھپیل انسانہٕ روزان۔ یس تعلق وَننہٕ چھِ یوان زِ سہٕ اوس وَتہٕ گننِ دوٚ ہلہٕ لوٗٹان۔ اگر کانہہ بُتھ پھیر ہیس تس اوس بوٗنہٕ وُق ہاوِتھ رُعب کران۔ یہٕ نام اُمی سُند تنیہٕ وانہٕ لوٗٹھ کشتوارس منز مشہور گوٚ۔ چناچہ اَز تہٕ چھِ تنیہٕ تس شخصس کُن، یُس دوٚ ہلہٕ ٹھگل کرِ، یہٕ تلمیح وَرتاونہٕ یوان۔

## ۲۳۔ مُسنن تیٚپا کیسے

پہتہٕ کالہٕ اوس شخصاہ اَکھ، اُمی سے اوس مُسہٕ ناوٕک شخصا دوسِ۔ اُمس کھوٚت اَکہٕ لٹہٕ جادہٕ قرض، یُس تہٕ نکھے وَسان اوسُس۔ آخرس آو مُسنس

ننش تہٕ ووٚننس " یارا ! ہہٕ چھس فرضدارو چور مٕت ' کانٛہہ تدبیر اوٚنتم ، ییٚمہ
سیتہٕ ژٕ گرایو نیشہ بچہٕ ہا ." ہٕتَن ووٚنس " ژٕ لاگ گرٛاٮ۪نگل . یور ییس کانٛہہ ہا
یہٕ کینٛہہ ژھاوُنی . اوہٕ ونزُ " کیپس ، کیپس ، کیپس ! فرضدارن گژھہ پانے تسلا
تہٕ ژٕ بچکھ تہٕنٛزِ دٕ گرایہ ننش ." اَمہٕ شخصن لوگ باوہٕ . اوٚرٕ اَمہٕ سٕتہ لوگن موٚت ییٚلہ
ژٕ ہیٚتہ کتھہ دۄد یہ کینٛہہ کیپس وَنان ، سارِنٕے تورٕ فِکرٕ زِ یہٕ چھُہ نِلہٕ گومُت .

دُپان یہ شخص دار پٮ۪ٹھ ہُتس تہٕ کمہٕ جایہٕ رقم ہُتن ییٚلہ اَمس ووٚن " ہیو
مٮ۪ٚنہِ کیاز چھکھہ مٕنُن رقم دِوان ؟" یہ ووٚتھس یور " کیپس ، کیپس ، کیپس ـــ
ہُتس کھوٚت شرارتھ تہٕ ووٚنس " ہیو ! ہُتس تیا کینٛہہ یہ والہٕ ہُنتہٕ !"
اَمہٕ ووٚنس جانہِ لاگتھہ مٮ۪ٚنہِ جواب " کیپس ، کیپس ، کیپس " تہٕ اَتھہٕ واتہٕ ہُتس
بیہہٕ بنیوو یہ تلم ہ .

## ۴۶ ۔ خضر کوٹن لٮ۪کھ

خضر کوٹھ اوس گرورا ( کھوئہ ہامہ ) گامس اندر بسان . تمن وول
چھُہ وَنان زِ خضر کوٹس اوس مٕنُن ناو تہٕ ذہن وَہہِ تام گوڑ ژنتکانن لیکھنہٕ . کارِبار
اوس دارہِ ہن گامن چھُنکہ بتہ . یہ اوس کاکہ بدلہِ گرا دارٕ پٮ۪ٹھکس تہٕ گرالو ٹِکس
اوہٕ یوہٕ آمدنی تہٕ خرچ کران درج . اکثر اوس آمدنی بدلہِ خرچ تہٕ خرچہ بدلہِ آمدنی
پٮ۪ٹھ ہس طرفس لیکھہ دی دی حساب ہتاوان . آخرس اوس تنہِ گرہ ہیہ گژھ پیسہ نیران .
اَز ییٚلہِ کانٛہہ مٕتس ہیٚتھ ہٕریوٚ حساب لٮ۪کھو . تسدی چھُہ ٹمنزن وَنان

——— " اَمس نیش ہَسہ گو خضر کوٹن لیکھہ تہٕ کتھاہ !

بیاکھ روایت چھےٚ زِ لیکھہ ثار ننس تہٕ چھُہ خضر کوٹہِ لیکھ وَنان :

## ۲۵۔ مِسکین شہُن اَستان

یہِ تلمیح چھےٚ تمہِ وِزِ وَرتاونہٕ یوان، ییٚلہِ کانٛہہ ییٚمبرزٕ کھٲبا بہٕ ہاوِنہٕ اَنٛدرٕ کرٕ آسہِ کھوکھرٕ۔

قصہ چھُ یہِ زِ انگریزن ہٕنٛدِ ابتدأیی وَقتہٕ آو نیٚبرٕ پیٚٹھٕ اکھ شخصا سرینگرس اَنٛدر بسنہِ۔ یمِنٛد ناو ووٚنُن مسکین شاہ۔ اُمی کوٚر ییٚتی نیچھر تہٕ اُمی سٕنٛز قٕبُر چھےٚ وُنہِ تہٕ موجوٗد۔ مَرن وَقتہٕ ووٚنُن حاضرن کُن: "تۆہۍ کٔرِو زِ یہِ مےٚ یُنٛیہِ دفن۔ مےٚ پیٚن یور کینٛہہ پٔرِ ہو تمےٚ وٕڈرٲوِزم۔" تِمو یہِ مُوٚد، کینٛہہ پادریٚ آیہٕ تہٕ لوٗدکھ مِسکین شاہ توبوٗدس تہٕ وُڈرووُکھ عیسأیے طریقہ۔ بییہِ بنوٚو یہس سرکٲرۍ لاگنٛس پیٹھٕ اَستان تہٕ۔ اَمہِ وِزِ لٔجۍ گٔگن خبر زِ یہِ اوس مسلمان لٲگِتھ کرِستٲنیٚ جوٗسوٚس۔ پَتہٕ گوٚس یہِ زہے اَتھ اَتہِ نش پیٚٹھ! اَز چھُ یہِ اَستان وارٕ وارٕ ویٚسر لوٚسُت۔

## ۲۶۔ مُسہٕ خانُن کوٚستوٗر

کستام مُسہٕ خانس چھُ شرُہن باٗزن ہٕنٛدٕ کھوتہٕ ڈوٗٹھ اُدسمُت اکھ کوٚستوٗر۔ کوٚستوٗرٕ سٕنٛدِ خاطرٕ مُلدٕ تیار نہ کرنس پیٚٹھ ژھینٛ اُمی پننٛہِ شُرِو نامتھ ہیٚون کڈِتھ۔ گاٗٹلیو پُرٕژھس "اِہنٛو بارہمون زٕ ژٕےٚ چھےٚ کوٚستوٗر ڈوٗٹھ۔ مگر توتہٕ ماداتی ژٕکے اُمی سٕنٛدِ خاطرٕ پانس خانہٕ وُجارٕ می کرٕکُز؟" مُسہٕ خانن ووٚنُکھ "شوٗبِٹھ گرٕ خانہٕ وُجارۍ، مگر کوٚستوٗرس گژھِ ہِم نہٕ تکلیف واتُن۔"

اُتھ بےٚ قِل ٹاٹھ نیارس پیٚٹھ چلیتھ اگر کانٛہہ شخص کأنسہِ ناچیز ماشوقہ سٕنٛدِ خاطرٕ کرٕ بار فنا کرٕ، تس چھےٚ مُسہٕ خانہٕ تیس کوٚستوٗرس سٕتۍ مشابہت دِنہٕ یوان۔

## ۲۷- بھگہ شہٕن دفتر

بھگہ شاہ چھُ کُستام پنجٲبی کھتری اوسمُت۔ یمیٚ کٲشرٕ وٲنیو ہتہ توٲنداز بہی کھاتہٕ لیکھنُک طریقہ رٲیج کوٚر۔ اُتھ نام (بلکہ کامہٕ وانِن نِش از تام) چھُ بہی کھاتہٕ تہٕ روزنامہٕ لیکھنُک سِیر پٲٹھی پرونُے طریقہ جٲری روٗدمُت۔ وونی ییٚلہ بھگہ شہٕن پٔنُن بہی کھاتہٕ ژُوٚیتِس پیٚٹھ مُہزار اُدِتھ تھوٚو، کُنمُت چیز ژھوٚن پاژِن بہی کھاتن تارُن ہیوٚت۔ کٲشرِن وانِن آو یہِ طریقہ عجیب بوزنہٕ۔ اوے بنوو کھ اورِ یوٗر کاغذ وٕہراُدِتھ حساب تھاوِنس " بھگہ شہٕن دفتر " تلمیح۔

## ۲۸- شیٚنکرٕنی مکژ

یہِ مکژ چھےٚ وٕنیجبیارِ جامع مسجدِ ہنزِ ڈیڈِ اندر بٔتھد، نہٕ ہلان تہٕ نہٕ ڈلان، ییٚلہِ کانٛہہ انسان کُنہِ کارِس اَکے آیہ پٮ۪تہٕ روزِ، اَمِس چھِ وَنان ــــ
" یہِ ہتہ گوٚو شیٚنکرٕن مکژ ہیوٗ اکاڑ "۔

## ۲۹- نعمہ پٔرینی کھرِ پھلے

اَز برژ ہ وٕری ہیٚتھ اوس سوٗنہٕ وار علاقس منز نعمہ پرے ناوُک اَکھ شخصا روزان۔ یمیٚ سرینگرٕ اَکِس باپٲرِس تیلہِ گو گلس پیٚٹھ اَکھ بوٚڈ رقم ووزُم اوٚن۔ شہر باشس اوس مُنتےٚ اوٚن علم زِ تیلہ گو گلس چھےٚ لدِ پھلے آسان۔ نعمہ پرین سوال یہِ باپٲرِ کرو لرسوٗ تھس پیٚٹھ۔ اوٚت وانہ اُوِتھ ہووُنس سوٗ تِہ دوٗر وولرِج کھرِ پھلے۔ شہر باشن زوٚن زِ یمیٚ ہس چھُ وانا دِتھ تلہ گو گلِ بنیومُت۔ تمیٚ دِژ نعمہ پرِیس بہیہ کینٛہہ روپیہ تہٕ۔ کینٛہہ کال گژھتھ ییٚلہ کھرِ پھلے

سوریہ، نسمہ ترین وول یہ شہری باپارِ ربنیہ تنخواہ تہ دوپنس "وچھ چھُس تنخہ تلہٕ گومُت کیاہ گوژ شہلابت!" شہر باشن وُچھ پرپھتہ اند آبے آب تہ اَمی ٹھیلہٕ بچہِ و نسمہ بپرسے اَکہ دٔری یہ خاطرِ شہرکہ باپاری پیشہٕ ژگرایہ نیش۔

اَمہ تہٕ چھہ کُنہ کُنہ وَقتہ جعلی سازٕ لُکھ پیٹھے کُنہ سرمایہ داوٕن اِسمانی نارکھ ہاوتھ یا کھُریچھٕلے دِتھ پرژھہ پرار ہیشر سبیل کڈان۔

## ۱۳۰ - ہُڈر شہٕژن گرٕ

ہُڈر شاہ اوس تہ پٔنہٕ ینس گرٕس زانہٕ نہ کانسہ یا کُنہِ دوان پٔھہ اوس سخ آپٹھ ہی گرٕ بچھہ اوس گرٕ پٔنتہ گرٕ ہڈ بساونہٕ اَژان۔ اَدیس مرغنی گیرٕتھ ننہ اوسُس سوارِہ تہ کران تہ بور نہ ساران۔ ہُڈر شہٕس اوس اَمس گرٕ پیشر بارسار ہٕنداُر ماپنے روزان۔

## ۱۳۱ - عالِمتہٕ وانہٕ ہوُر

کینہہ لُکھ چھہ وَنان اَلہ کانہٕ وانہ ہور تہ۔

تہ اوس ہیکپناہ اُکھ۔ اَکہ دٔری یہ تووٹ وٹ کرِتھ پیٹھہ اَمی اَکھ وانہ مُلی ہیوت۔ یہ اوسُس لوکٹ۔ کانٹسہ سینتہ سمباس تہ اَمس نکھ۔ دَہ ہمہ دٔریوتر گنُن یہ وانہ تہ ہیٚتن مقصد نکھہ نوَہ وانہ۔ اَما پوز یہ اوس تیوت کاڈل زِ ہمسایٕن ہٕنزن وانہٕن سینتہ سمباوہٕ اَمس نہ نکھ۔ یوتام دَہ ہمہ وری یہ تہ اَمس سینتہ کانٹسہ بارچ وُنٹھ کرِتھ، تہ دَوَد اُکہ تُشہٕ زمین غارٕ آباد یے۔ (بیاکھ روایت چھےٚ زِ پیٹھہ عالِمٕن وانہٕ ہوُر مُلی ہیٚتس نیٚسہٕ تیٚلہٕ دِژ ایہ تمہِ دوہ نہٕ وسے وانہٕ ہوُر

بیٚمہٕ وال؟) نادٲنی یا غوٗربٔتہٕ کہٕ وجہہ کینہہ بیٚیلہٕ نہٕ کٲشرِس تنہچہِ نِچہِ گرٛٹھ گٔنہٕ کارِس

اَکِتہٕ کھور لگان چھہٕ، بیٚیلہٕ کٲشرِس رادِس زیچھان تہٕ ہونٛز ٹھوٗڈان روزِ، یا بیٚیلہٕ

کٲشرِس اَکِس کارِس اِصلاح کران کران بیٚیس کارِس تہٕ پیٚہہ وِنۍ ناو گژھہِ،

تَس چھہٕ وَنان ——— اَمِس ہٕشہِ چھہٕ کارٕ گرٕ کرٕکرٕ عالمس داتہٕ ہوٗر گژھان

## ۴۲ - خوجہ موہنہ ٹھوٗل

خوجہ موہنہٕ اوس دٕہ بیٚیہٕ ہیوان "کاہ کاہ" ٹھوٗل تہٕ کٕنان، اوس باہ باہ

لہٰذا اوسُس شُشمی تہٕ پُنشی ہیوان۔

## ۴۳ - مایا رامنہ لوٗش

مایا رامنِس ناوِ کٕس شخصیہ سِنٛز لوٗش اُس کھٕیٚنہٕ چٕنہٕ دِز رٕ دٕشِنہٕ پیٚہان، مگر کاہہِ کار

وَقتہٕ اُس سیٚمنہٕ ہنٛدِ رِ پانٕچھ جِکھان۔

## ۴۴ - لایق زوٗر تہٕ مادھو بشتہٕ

لایق زوٗر، مادھو بشتہٕ تہٕ سُبحان بٔٹنٛج چھہٕ اَکہٕ وَقتہٕ کٲشِرۍ ہنٛدۍ مشہوٗر

زوٗر اَسی متۍ۔

کٲشرِس بیٚیمہِ وِز خطرناک الزام دِتُن آسہٕ، تَس چھہٕ وَنِنہٕ یِوان ———

"یوٗہے لایق زوٗر ہیٚکہِ چھکِھ!" یا سُبحان بٔٹنٛج تہٕ مادھو بشتہٕ نہٕ چھُہ تِمی وِز کٲشرِس وَنِنہٕ

یِوان، بیٚیلہٕ تِمو خطرناک جُرم آسہٕ کوٗرمُت۔

دَپان لایق سِنٛگھ، یُس لایق زوٗر ناوِ مشہوٗر چھُہ اوس کٲٹھ درواز

روزان۔ یہ اوس سخ حرفِ ژل تہٕ شُنڈٕ اَما پوٚز خدا ترٕس تہٕ رحمدِل تہٕ۔ وَنہٕ چھہٕ یِوان زِ یہ اوس
باپیر تہٕ درگاہَن پیٹھ گژھتھ اوس جزع فزع تہٕ کران۔ ژوٚکر اوس گژھان
بڈین بڈین اَمیرَن تہٕ سوٗدولتھ اوس راتو راتھ تمن گرن منٛز ژاوان، یمن کاٗہہ
مُصیبتھ آسہ ہے درپیش کورٕ مالِین، موٗنڈن، موزوٗرَن تہٕ سیٹھا سفید پوش
انسانَن اوس ژوٚکرٕ ہشیرٕ روپیہ ژوٚکرٕ پاٚٹھۍ ژاوان گرَن منٛز۔ اَمہ قسمچہٕ واراہ دلیلہ
چھےٚ اَمِس کُن منسوب۔ پانہٕ اوس چھٹی گرُدوارس نکھہٕ اَکِس پہرِ منٛز روزان۔
بیٹھِتھ پاٚٹھۍ اوس سُبحان پیٚچھ تہٕ مادھو بِشتہٕ تہٕ کران۔ یم تہٕ آسی ژھیٚلیہ پھیرون
منٛز روزان۔ رہیٚتھ سن دِتھ آسے بےکسن اَتھہٕ روٚٹ کران۔ ڈپان سُبحان پیٚچھ
اوس جادٕ تہٕ سرینگرٕ چہ جامع مسجد ہنٛدِس پرٛانگنس پیٹھ روزان تہٕ اَتہٕ اوس
زِنٛدٕ بدلاٚوِتھ نِماز تہٕ پران۔ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھِو سون ادب ۱۹۷۱ء، مضمون
مصنفٕ پیر محمد افضل مخدومی "مکہ کنٛشُن ہنٛدی مشرٕ آدمی متہٕ کردار")

## ۳۵۔ مائین راژن کہو

ڈپان گُنڈٕ ہار علاقس منٛز اوس اَکھ بادشاہ، ناو اوسُس "موٗ گُنڈ"
اَکہ دوہہ گوٚو یہ وَنس کُن سالس۔ اَتہٕ وُچھن اَکھ خوبصورت زنانہ۔ اَمِس پرٛژھُن
خاندار کیتہٕ چھےٚ؟ اَمہ وَونُس، سُہ چھُم کوٗٹھیارٕ گومُت یانز اکرنہٕ۔ (یہ چھہٕ اَچھہ دٕلس
سیٚتھ اَکھ کام) اَمِس گوٚو دِلَس ووٚتھ۔ زنانہٕ توٚر فِکرِ زِ مردس ٹوٚر یا یہ اَچھ۔
اَمہ پوٚر کیا ہتام تہٕ اَمہ سیٚتھ گوٚو اَمِس اَنٛدرٕ اَنٛدی نار پادٕ، یتھ منٛزٕ یہ دٕز۔
راژٕ موٗ گُنڈ ووت ژلان شہرس منٛز۔ اَتہٕ گوٚو شُرٕ کھیٚولا اَمِس
اَنٛدرٕ اَنٛدی جمع تہٕ تلکھہ چھوتہٕ "—— آلاٗےٚ اَمِس ہا مٲشہ کَن، مٲشہ کَن"

رازن ووچھ اَتھ۔ اما پننہٕ شکل ڈیشتھ ژِجس کھوٚت تلہٕ ییٚتر نیرتھ۔ اُمِس اوس ریش زیچھٹیو مُت تہٕ اَکِس کنس گمژ موٚنشہٕ کنیچ ہیشِ شکل۔ یہِ ووچھتھ ژوٚل یہِ بیٚیہٕ جنگلس کُن، داراہ کالہٕ ووٚتھ شہرس کُن تہٕ اَتہٕ اَسہٕ شرکٕ گنٛدان تہٕ گبوان تم اَسہٕ وَنان سہ

مائکن رازس مائشے کن

سہ ییٚلہِ واتے کوٚ ھٹیارون

پاپہٕ نِشہِ چھلہِ سورُے من

ادہٕ تسُند ژٕلہِ سُے مائشے کن

اَمی وِزِ گو راز موکُلِتھ کوٚ ھٹیارُون، اَتہٕ کوٚرُن ناگس شرٛشران۔ اَمہٕ سیٚتی گوس کن تہٕ ٹھیک تہٕ شکل تہٕ۔ اَتہٕ پھُٹ اُمِس دِل، سہٕ ٹھا عجز وزارِی کرِن بھگوانس نِش، اَمہٕ دوہہٕ اَس چونکہ موکُلِتھ اَمِس اَچھن دار لجھیٚژ توٚے پیوٚ اَکھ دوہس اَچھن ترشے ناو۔ اَز تہٕ چھےٚ اَتہٕ یاترا لگان بییا کھس شرا اَچھن ترشے دوہس۔

اگر کانٛسہِ پیٚٹھ بدکارِی ہُنٛد شک گژھہِ، تَس چھہِ یار دوس وَنان — یتھ مائکن رازن گژھی، حیٚسہٕ چیٚسے پکھ۔

## ۳۶- پانڈون ہنٛز مائج

وَنہٕ چھہِ یوان زِ پانڈو، ییٚلہِ کوروو، کرو کھشیتر کہِ جنگہِ تروٚتھ جلاوطن گٔیہِ، تِمن اَس مائج گنٛتی تہٕ سیٚتی۔ کانٛشرین عام لُکن ہُنٛد خیال چھُ (اَمہٕ ہیٚوک تہٕ ییٚلہِ تِہنٛد ہُنٛد پے لگیتھ زِ تارِیخس منٛز کیا چھُ تذکرٕ پانڈون ہنٛز کشیرِ ہنٛدِ ین

جنگلن منز ژھینہ پژھینہ کرنک ــــــــ خدا زانان کشیرِ ہندین جنگلن منز تہٕ
ما آسہٕ ہٕن پھیران رۄدی مِتہ ؟ز پانڈو آسہ دُشمنہٕ سٕند بیمہٕ وٕتن منز اوری نیرن ژٕھا۔
اکہ لٹہٕ واتی تِم پہلگام پیٹھ کہے دۄر۔ پھِرِ سلن ناوِہ حایہ اکس جنگلس منز ژج
آسکھ سِتہٕ۔ پانڈوو نِظاوہٕ ینہ ژج اکس تھٔدس بالہٕ ٹھکو پکس پیٹھ نظر، یُتھنہٕ اور
یور کانہہ دُشمن بیتر نۄن گژھ۔ برونٹھ کنہٕ تھۄو ہٕس اکھ ڈول یہ تھۄو ہٕس
وۄنیتھ ز یُتھے کانہہ دُشمن نظر گژھی ڈولس دِز ٹھٕس، یُتھ آسہ پانسے ژینو
دُشمنہٕ سٕندیُن۔ لۄکھ چھِ وَنان زِ یانہٕ سگے پانڈو دیہ تہ کھٔنیہ، سع وٕیہتہ تہٕ
ییتہ جہلم ندی یاوونان چھِ، بلکہٕ چھِ تکھ لدر دری یاوکِس نتہ ییتھ ہٕس وَنان
پانڈوَن ہنز کھٔنی ہٕز ویتہ، پُس پھِرِ سلن گاہس نکہٕ نمبلہٕ نِش چھُ۔ اَتہ ژیہ ہٕس منز
چھینہ پَنز کنیو آبک دکہٕ جاد زوروَر تہٕ نہ چھِ نتہ پاٹھی بڑی بڑی پل نظر گژھان
ییتھ پاٹھی لدر دری یاوس منز چھِ باقے جایِن۔

دِپان پانڈوو بیٔبلہٕ ویتھ کھٔنیو پیٔتر، ونہ آس نمو ترٕ یہ یکن لٹہٕ
دی دی شٹرا اوہٕ، ییٚہ تکھ اتہ تہٕ نشاندہی کران چھِ، اَہنٕز ماجہ آیہ نِندر ٹھول
اَتھٕ منز ترٔ لٕس ڈول نیرِ ہتہ۔ یُس زَن بالس ڈٕلہٕ گو۔ ڈوتیٚہ آواز بوز تھ سگے
پانڈوَن چھلہ چھانگر۔ نمو زون زِ شاید چھُ کانہہ دُشمن ییکان۔ تہٕ شاید اوسے چھو
"ڈول ڈولہٕ ژھننٕ "سانہٕ زبانی منز اکھ محاورہ تہٕ۔ پانڈوواتی ژلان خبر
کوت کوت۔ ویتھ تہٕ رۄز اَڈ لیٚچھی تہٕ ماج تہٕ گٕیکھ مُشرف۔ یَنہٕ دار ژ اہنٕز ماج
اوذقہٕ داد اکس کرالہٕ گرس منز، بیٚنہٕ نمہ نوکر کرِ گژھتھ سپھا کالس اوذقہٕ حاصل
کور۔ پانڈوَن ہیوین پہلوانن ہنز ماج آسہ تہٕ بیوس بچارہٕ کرا ژج ماس نہ ناد۔
اَمہ کور یہ واقہ تکہ عقیدہ کہٕ دِرِ سبے درج۔ از بیٚلہٕ کانسہ ڈیکہ بچہ، بڈٹھ

پانڈو پان سور، تہٕ غارن ہینٛس اَکھ دارٕن۔ ڈپان چھیس ـــــ اَمِس مَسہ گۆ پانڈوان ہِنٛز ناج!

حضرت شیخ نورالدین ولی ؒ چھُ شُرُک تہٕ چھُ یوہے واقعہٕ ژٕیتس پاوان ؎

دمی ڈیٖٹھُم دزٕوُنی گنٛجھ
دمی ڈیوٗنٹھم دٕہ نہ تہٕ ساس
دمی ڈیٖٹھُم پانڈوَن ہِنٛز ناجی
دمی ڈیٖٹھُم کراجی ماس

## ۳۷ - سۄنہٕ ژٔر کٔرِ ہٕنٛز کام

مادھو لشتہٕ اوس کشیرِ منٛز اَکھ بوڈ بارٕ ڈاکو، البتہ اوسُس اکھ عجیب عادتھ زِ بَڈٕ ین مہنیوین اوس ژٕن دِوان تہٕ مُفلِسن اوس یہاے دولتھ بانٛگرِتھ دِوان۔ غریب کورِ مالین اوس اکثر اَتھٕ روٚٹ کران۔ اَمی سٕے مادھو لشتس اوس اَکھ یار۔ ناو اوسُس "سونٕہ"۔ اَکہ دۄہہ اوس شہرکِس اَکِس بَڈِس سرمایہ دارِس کورِ خانٛدر۔ مانٛزراتھ ہیٚنٛدِس گَگہ وٕٹَس سیتۍ اَسی سارٕی آوری ویگنہ دِنہٕ وٕنۍ اوس طیٚس ییچھ۔ اَتھ دورانس منٛز آو اَکھ خوش شکیل جوانہٕ تہٕ لوٗگ زنانن سیتۍ گیوٚنہٕ، تتنبک ناررٕٹِتھ تہٕ لوکن وَنُن ؎

ژٕ چھکھ ہیٚرتے بہٕ چھُس بو تو
سونٕہ ژٕ کٔرِ پہنٛز کام

کُنٛشہٕ کھٔنٛڈ گرٕ ژھتہ گۆ مکانہٕ کِہ اکہ طرفہٕ راتہٕ مہ غُل آواز۔ جوانن

ترٛاوٕ تُھنبکھ ناگٕر پٮ۪ٹھٕ تہٕ دٔراو۔ اَمِس جَوانہٕ سِنٛدی گٮ۪ونَن کرٕ زنانہٕ بَڈٕ ہَس۔ بیاکھ گٲنٛٹشاہ گوٚو تہٕ یٮ۪ژمَن باسے کھٕژ ساماناہٕ کُھکُھس منٛز کمہٕ تام کامہٕ خٲطرٕ اَتہٕ وُچھُن مُہرٕ بٮ۪ہہ ہُنٛد وردِن تہٕ گٔہتہٕ غٲب گومُت۔ اوٕر وۄڑہ مَس کھٕژران کھٕژران۔ محلچہٕ سفید پوش زنانہٕ لجہٕ لوٚتہٕ لوٚتہٕ وَنٕنہٕ" سو نوٗ ترٕ کر بٮ۪نٛہ ہِنٛز کامٕ" تِکیازِ تٔمِس اوس فِکرٕ تورٕ مُت زِ یہِ گرٕ بٮ۪ہہ مادھو نِتہ سو بٮ۪نٛہ کامٕ آسہٕ۔

## ۱۔ کھاشہِ پورٕ رٕچ ہوٗن

کھاشہِ پوٗر تہٕ دٕمہ ہال چھہِ برنگ پرگنس منز اکھ گام۔ دعہٕ وٕسے چھہ اکھ اکس لٕرِ لوٗر۔ برنگی ناگہِ دٕری یا وچھٕ یمن منز کینچھا اکھ اکس نیشٕ ژھینہ کران۔ یمہ دو ہنٕ وٕسے گام چھہِ دوٗن اکھ اکس سیتی اکہِ کٕرِ لٕرِ سیتی ژلاوتہٕ آمتی۔

دپان کھاشہِ پورس اکھ ژھوپٕہ ہوٗنیا، یس ترٕ یتی صُبحہِ کیو شام دعہٕ وٕنی گامن منز۔ آنگنہٕ پیتہٕ آنگنس پھیرتہٕ یِژ اُمس بٔساوان۔ اکہِ دوہہ غلطی ژرایہ کھاشہِ پورٕ اکہِ گرٕچ خانہٕ دارِن بیتہٕ ٹوٗرا ہاہ سیتی ہمتہٕ آلو دِتہٕ، کوٗچھ، کوٗچھ، کوٗچھ۔ ہوٗنہِ منٕچھے دوان دوان دٕمہ ہالہِ بیچھٕ کدٕلس نیش واتِ، دٕمہ ہالہِ گرٕ بٔیِ یہ آلو۔ کوٗچھ کوٗچھ، کوٗچھ! اَتہِ تہٕ ژرا ہٕزٕ اکہِ گرٕچ خانہٕ دارٕ ینی بیتہٕ ہاہ سیتی۔ ہوٗن گیہِ پوٗت آلو بوزتھ کدٕلس بیچھٕ روٗزٕ۔ کھاشہِ پورٕ گرٕ ہان آلو ہوٗنہِ دوان اوٗری کُن۔ دٕمہ ہالہِ چھہِ گرٕ ہان آلو تہٕ ہوٗنہِ تُلان اوٗری کُن ژٕ پنچہِ۔ یتہٕ کٔنی چھینہ سو آلوس پیٚچھٕ آلو بوزتھ گُنٕ واتان۔ حبادہٕ دٕو دٕو کرنہٕ سیتی کھوٗت تمِس بچار پھٕر پکھٕ ژینیتھ پیٚیِیہ تہٕ موٗتہٕ۔

خود غرضس ہیٚیلہِ دار ییٚژ کامیو منز اکھ تہٕ بامُل ییہ تہٕ، بانہٕ سے گُنہٕ گُنہٕ رنگہٕ نوقصان گژھ، تِس چھہِ ؤنان ——— اُمِس گیہِ کھاشہِ پورٕ رٕچ ہوٗن!

## ۲۔ مُرید بایہ ہٕنٛد پرواے

پیٖر صاحب باگو مُریدس اکِس خبراہ ہیٚینہٕ، مُریدس آیہ نہٕ وٕتہٕ۔ کٕہ گرامٕ وٕکھ تہٕ پیٖرس گوٗژکھ جان خاطر کاچِھن ہیٚیلہِ بتاہ وتاہ کھیوکھ، ہیٚنتھ پیٖرن مسلہ

وُنِتھ تہٕ فِٹنِتھ لیکھنو۔ یُتانۍ شوٗنگنُک وَق ووت۔ شوٗنگنہٕ ورٕ وول پیرَن دستار تہٕ ٹھوٗوٗن کنِہ کُن اوبیزان۔ مُرید باے آس اُپ پہَرن۔ دوٗپنَس۔ نہ ٹھَونہ یہ گژھی دستار شریف خراب، کنِہ مہ ٹھوٗون۔ دولہٕ یوٗر کرِتھ تہٕ ٹھونٕے طاقچَس پیٹھ۔ پیرَن دوٗپُس۔ نہٕ بی یتھَنہٕ گگُر ہیٚتِس تہٕ ژٕپھ پار کرِیس۔ مُرید باے وُڑھس اَبدٕ تھ تہٕ بوٗلھتھ، کنیتھہ یخھن چھنِہ پرواے۔ وُلو تہٕ ہیٚہ پلہٕ ناوِ توٗن تیوٗدٕ کُن! یِتھ تِتھ تہٕ کوٗرُن پیرٕ صاحب مجبوٗر، دستار طاقچَس پیٹھ تھاونہٕ خاطرٕ۔ ژھبتَس ہیٚلہٕ پیر نِلٛشدٕر ووٗتھ تہٕ دستارَس وُچھن گگرٕ ژٕپھ پار کوٗرمُت۔ شیخ شرارت کھوٗتنُس۔ مُرید بابہ کُن وُچھنُن الو۔ تِلہ بی اَتہٕ اَتنہٕ کانٛہ شہ پرواے یوٗرکہ بہٕ دمہٕ ہاو وَڈ۔ مُرید باے گیہٕ شرمنٛدٕ۔

کُنہ کنِتھ پیٹھ پانس پوٗرٕ بَروسہ نہٕ آسِتھ، ہیٚیس اَپرٕ سے یقین دِتھ تہٕ اَتھ پیٹھ شہ مجبوٗر کرُن، ہیٚلہ کانٛہہ دَدارٕ یہٕ انناوان چھُ، تِمہ وِزٕ دِپان، اُمس کوٗرٕکھ اَتھہ مرید بابہ مُرشد پرواے۔

## ۳۔ خوٗجہِ سُنٛد دستار

خوٗجس اَکس اوس طلبی موہنٛتھُ۔ کأم آس اُمس موہنوِس پیٚہ زِشائن ہَتہٕ وَتہٕ کھیمتھ یُتھے خوٗجہ بِسترَس پیٹھ پہان اوس، دستار اوس پلہ ناوان موہنٛوِ کُن تہٕ موہنٛتھ اوس یہ دستار تھاوان طاقچَس پیٹھ۔ یہ کامہ ہَن کرٕتھ اوس موہنٛتھ شوٗنگان۔ اَتھ کامہ آس اُمس نوکرس جان طلبہ ہَن میلان۔

اَکہ دوہہ آیہٕ خوٗجس لأزِم دَرٕ یژھو، وانٕ وان لاگنہٕ۔ شامَس آو بستر وَہراونہٕ۔ خوٗجہ تہٕ خوٗجہِ بیٚشرٕ ترٛٹھو ہیٚتھ تِنٛنَس ہینَس بسترَس پیٹھ تہٕ میٹھیاہ

کنٛھن۔ موہنؠ شُر چھُ دَروازس نیش دَستار رٹنس پراران۔ پنٛنہٕ نیس ٹیمس تہٕ بیٚلہ موہنؠ وس وارہ وَق ڈوٗل۔ یہ گوٚبچور سٕنٛز آیہٕ گوٚٹ۔ پُژ ھو تہٕ چھنہٕ شونگتھ نادا ہیوان۔ موہنؠ س آدجانہٕ مَنٛس ییہٕ۔ پاشاہ کرٕتھ گوٚ تھوٚد وُٹھتھ تہٕ گرما گرم مجلیسہ منٛز نیٖرٕن جمٕ جَس کلہٕ پیٚچھ دَستار تٕلیتھ تہٕ تھوٚوُن طاقچس پیٚٹھ۔ سیٚتی گوٚ تہٕ شونگ۔ جموٗجَس پھیر تمٕکس لیڈرِ ژھھٹھ، تکیاہ پژھ مین تھی آیس نہٕ تھتھنہٕ۔

پیٚلہ پیٚلہ موتبر انسانن موٗموٗلی انسان بےٚ یزتی کرٕنؠ یا کرنا وٕناوُن — جموٗ جِتس دَستار چھُ ژہتس ہیوان۔

## ۴ - وُڈر گاڈ

باگٕ جوراہ اَسی، خاوندن ووٚن آشنہٕ کُن۔ ژ سٕتی ہیو دُکھ نہٕ سٕتی زانٛہہ زنانہٕ تمکِہ!۔ آشنہٕ وَنُس۔ اَدٕ ساگ پرارتان۔ نیٚنٛدٕ کال اوس۔ مرد اوس نیٚنٛدِ کرٕنہٕ گومُت۔ آشنہٕ اَہشرٕ ہیٚنٛز گاڈ ہٕ ژٕنس اَکس گاڈٕ نہٕ پانژھ، ژٕنہہ ژاوٕنؠ وُڈرٕ پیٚٹھ اَکس کھوٚڈس منز، کھوٚڈس اوس کمٕ کاسیہٕ دِیہ وونی منز ہُپاگرٕ لاریہٕ خاوندس نیش۔ تنٛبیہہ کوٚرنس زٕ کامیہ گامنٕ اَنہٕ وُڈرٕ پیٚٹھ گاڈ مارٕتھ ژٕ رٕ ژٕ دٕلھ نیٚنٛدِ کرانے۔ خاوندن ووٚنُس۔ اَمانہٕ تہٕ، وُڈرٕ پیٚٹھ نےٚ آیہٕ چھُ تہٕ گاڈ کتیہٕ گیہٕ پادٕ؟ آشنہٕ کرٕ ہس نرٕ ھکمچھ تہٕ وانٛنووُن تنھ جایہٕ ییٚنہٕ گاڈ آسٕ کھوٚڈمٕ، منز ژاوِ مرٕ۔ گاڈ دُچھتھ گوٚ سہ مرد حَیران۔ یم گاڈ اَکھ کھوٚڈس منز آسیہ بیم آمن رٹتھ، آشنہٕ دوٚپُن۔ گژھ وونی پرٕمصالہ رٕنٛزٕ نچھ۔ کاپُھن اَنن بہٕ پیٚنٛزٕ یار تہٕ سالس۔

شامس ہاگی آو کرٹوس پنٹن یار ہیسٹھ کرَ۔ بَنیٔ بیٹلہ بڑو نیٹھ کٹن دوتکھو تنکھ پیسھٹو وُچھان گاڈو بدلہ گو گچہ ہاکھ۔ خاندارس کھُرنَس تالہ پیسھٹھ۔ شرارتہ ہیا (ن) دوَتُن آشنیہ کن۔ ’’اُہا یہ تہ تیہم گاڈ کنیہ ٹھو ہیتھ؟‘‘

’’کمہ گاڈ؟‘‘ دوَتس آشنیہ۔

خاوندن دوَتس ’’نیمے یہم مٹے اَڈی اُنہ وُڈر پیسھٹھ‘‘۔

آشنیہ اُمو شیرلاگی باردِ دِتی ’’ہنتو خدایو۔ یہ کسُو اُنیر وُڈر پیسھٹھ تہ گاڈ کنہ گیئہ پاگدی!‘‘

پیسھٹہ پاگھٹو دوَکھ اُنہ سخ نیاسے۔ حتو ہمسایہ ہیمے یہ۔ یموتہ لوک خاندارےسے تنبیہہ کرُن ’’ہتا یار تہ چھکہ پیزکر پاگھٹی آشنہ گو متت۔ وُڈر پیسھٹ چھا گاڈ آسان‘‘۔ خاندارن دوَپ ’’زیم تکہ جیہ مٹے وچھو مین اُچھن گچھہ تھنان۔ بلاے تھنس بہتر چھو کیتھے کھیٹنو۔‘‘

پنگاہ شامس بیٹلہ بَنیٔ بروُنیٹھ کنُ دوَتس۔ اُتھ پیسھٹو وچھن گاڈ کنیہ پوتشیہ، یہ گو ناردنار۔ کو لیہ دوَپتن ’’اُہا یہ یہ گو زہر کھیثوین۔ راتھ مُرتھم عامس تہ گامس ٹھی رب۔ اَز کنیٔ آیہ یہم گاڈ؟‘‘

آشینو وُتھچس آسان اسان ’’تل دوہ نی۔ دوہ نی کیا گو، دپیہ تھے کنیہ دوہ یہ ہا وتم مکر۔ ہا ویوحے تہ گو کھ ناراض!‘‘

کاتسیہ بیٹلہ آشینو وُکرتہ تُرکر بیٹیہ، غائیلس پیسھٹ غائیلہ کر، دِیان چھیس اُمس ہستہ کرِ پننہ آشنہ ——— وُڈر گاڈ!

## ۵ - پکلہ ہالنگ تائید

کنہ تان وقتس شرِچھُو پلہالنہ یہ تائید موردن وُدتیج کام کران

اوسمُت۔ کأنٛسِہ اوس کانٛہہ ہرُان تہٕ وُدِناوان اُسیس اَمہِ سٕے اَچھ، پانہٕ اُسمُہ وَدان۔ یہِ اوس اَچھن ٹھوٚکہٕ ہتھچھوٚ زورٕ اوٚش اَنان۔ تکیازِ وُدُن چھِیہٕ تسُند پیش کانٛہہ بنگر کھٔنشاہ رادِ تہٕ دِلس گَژھِس اَنٛزٕ اَمہِ پَتہٕ اُمیس نأیدمُن اُس آسان وَدنس موٚزورِ نیٚنہٕ۔

حُسنِ غم خوار بنیٚنہٕ' ہنٛگنیہ ہنگہِ ہمدردی ہٕ وان اَپیٚزِ سٕے موبیوٚ اُمی بُتھِس بیٚہٕ وَہراوُن وأرِس اِنسانس چھِ وَزان ـــــ اَمہِ لُوکہِ پلہہٕ لٹِکہٕ نأیدٕ!

## ۶۔ پھکن ہُنٛد سال

گرا اَکھ اوس پوان اَفتھرہ منتھرہ، کُمِنہ آسِہ ہیکہ شادین غمن بیٚٹھ گَکن ہتِیہ ژٔیٚن، لُکھ اُسکھ ہتِہ بنِہ کھینٛسٕ پوان' تکیازِ اَمہِ ہند سالس اوس پوان پَھکھ۔ تَمہِ اُسوٚ زیٚاری خرچاوان سیٹھا، مگر یُوزٕ شوٚژ تہٕ دزناونہٕ آستہٕ موکھ اُنہِ کھ اَکھ پرِوٕنہ دِوان گڑھان، پوٚتاں لُکھو "پھکہ" رٔہٕژھ تَنِہ چھکہِ تہٕ اَذ تان رُوٚدرأکی زادِ وینٛدکی۔ اَخرس بیٚٹھِلہٕ تمہٕ تنگ آیہٕ، سوٚنچکھ زِ تیتھہٕ سالاد رٕتہٕ پٔھو۔ بیٚمیہ ستہٕ یہِ "پھکہ" ناو ژٕلہ ہیٚے۔ قابل وازٕ آیہٕ اَنناونہٕ، گٔٹِلہ دیٚار آیہٕ خرچاونہٕ، شوٚژ تہٕ پاک پاٹھٕ آو وازٕ وان تیار کرٕنہٕ، تکہ آیہٕ یرزتہٕ سان اَنِنہٕ تہٕ شہ سال کھیٚاونہٕ۔

سال کھیٚتہٕ بیٚٹھِلہٕ تکھ دزاپہٕ۔ اَکھُن کیٚہ اُسن اُسکھ مشکورد ادِ پوان لہذا اَجکھ وَتہٕ پکان یکان کنٛتھ کرٕنہٕ۔ ہیٚے "پھکو" اوسا سال کوٚرمُت کِنہٕ طےٚ۔ یُتھ سال یُموٚ پھکو کوٚرمُت اوس، اَز تان چھِنہٕ تیتھ بیٚٹھہِ کُنہِ وُچھمُت سال کرُن والیو بیٚٹھِلہٕ یُوزِ یُتھ سال کرُتھ تہٕ چھِہ تکھ شوٚکھن پھکہِ وَنان' اَسہٕ کیٚا حاصل آو، سیٹھا افسوس کھیوٚکھ۔

سیٹھاہ جنن کرِتھ تہٕ ہر کہہ کاںٛسہ ریٚژِ تلہٕ کھسِتھ دوٚچھِنہٕ، ننوٚر وٚر
چھِیہٕ پھٕکن ہند سال یاد پیوان۔

## ۷۔ ڈڈیٚمُت لوٚنگ لاگُن

یِیتھہٕ پاٹھۍ کشتوارٕکِس مٕژر چھِہ وَنان "لوگُمت سانہٕ شاباشِ منڈھیال!" تِیتھۍ
پاٹھۍ چھِہ بیٚیِہ وَنان "لوگُمت سانہٕ ڈڈیٚمُت لوٚنگ!"۔ ڈوڈ ناوِک کاںٛسہ مٕژرٕ وِس
یہٕ لوٚنگ اَکِس گُڈرِ بیٚچھِہ بیٚیِہ وَنہٕ پکھہٕ نِین لوٚکاوان۔ یہٕ اوس زوردار تہٕ ساماںٛنہٕ
تہٕ اوسُس سیٚنہٕ آسان۔ سیٚٹھہٕ ساہ تہٕ گژھِتھ بیٚیِہ شمشیر وِچھان اوس تَس آسہٕ زیٚچھِہ
بیٚہان۔ بوٚچھِہ پیٚن اوس اَتھ تراوان تہٕ زار پار کرِتھ زوٗنخشا پیش مٔنگان۔
سر زور ظاٗلم تہٕ لوٚکٕرِس تیٚیِہ ڈڈیٚمُت لوٚنگ وٕنِتھ یہٕ یاد پاوان زِ سُہ
لوٚنگ تہٕ اوس تیٚچھِے۔

## ۸۔ چھِچانہٕ زیٚچھ کھٔرِ

اَکھ چالاک چھِچان اوس اَکِس مکانہٕ بناوان۔ چھِچان چھُ وارِ پٔٹھ
کاںٛسہ ذَنہٕ پیٚنہٕ کاںٛم کران تہٕ مکانہٕ ڈالِتھ چھِس کھیٚنہٕ پیٚنہٕ زنگہٕ جان خاطر
کران۔ تٔمۍ ڈیٚنتھ اَکِس دون دوہن جان کھیٚن چیٚن۔ چھِچانس گو ملالہٕ
مگر تھوُون اَندری۔ مکانہٕ وانہٕ وُن اَندہ تہٕ دونِ چھِس کھالِن بیٚیِکٕل کھاںٛنہٕ
تِرِ تروٗد چھِچانس ڈیٚنجر، نفر داہ پٔنداہ چھِہ پلہٕ کران۔ اَما پوٚز بیٚیِکٕل چھُنہٕ ژیٚنِن پیٚسہٕ
بیٚہان سیٚٹھہٕ۔ بیٚیِس کھالِن ڈالِ سیدِ کر عاجز۔ چھِچانس وُنِکھ۔ دوستا کیٚنہہ حکمت
کرسا! چھِچان دوٚپُھکھ درجواب، "اَتھ تَسہٕ بنِہ کیٚنہہ زِ نِیاز اَتھ چھِے چھِچانہٕ زیٚچھ کھٔرِ

آمُت، سو گژھِس نیبرٕ نٔہ یِکِل کھسِتھ پانَے۔ تو کھ گیہٕ حاران زِ چھان کیاہ چھُ وَنان۔ مکانہٕ والی بیٖلہٕ زارٕ پارٕ کرٕتھ لیکَس، چھانَس دوپُکھ، یِکلہٕ ژہٕ چھُکھ بُہر بہانہٕ مارُو سانٛ دِیوارکھ کرانہٕ سہٕ وانَس اَندرٕ منٛز میون گَرٕ۔ مکانہٕ والی ووٚنُس، اَمِس تہٕ ازتان نے یہ بنیوٚمُت چھُ، چھان ووٚنُھکُس، اَدٕ چھا اَز تان بنیومُت زِ چھانَس پیٚیہ فقط ہکَس سیٚتی تہٕ دِنہٕ، یہ اوسہٕ سانٛ تُہنٛزو لایق؟

ییٚتھ پاٹھی توٚرٕ فِکرِ تِمن زِ چھانَس چھُ گومُت یَدٕ مَلا لہٕ، کیٚہ کُرُن تہٕ یِکلہٕ ژُھ آیہٕ چھانَس گرٕ واتنادٕنہٕ تہٕ چھانَن کوٚر یِکلِس ہومولی اَیہٕ تہٕ یِکِل بیوٚٹھ سیٚیوٚد پاٹھو ژاییٚنِس پیٚٹھ۔

کاٗم کرٕنہٕ چھُ یا کاٗم کرنَس دوران چھہ پزیٚتھ کاٗرِیگرَس چھانہٕ رَچھ یاد پاٹھو یہٕ زٕ بنیٚرٕ وَن پیوان دِنہٕ زِ ہُنٛدِ کاٗنہہ نوقصُس تُھوٚو کھ!

## ۹۔ نایدٕ سنٛدہٕ نوشیٚتھ

نایدن اٗکی اَسہ پوٗشِہ پوٚنِسہ روٗپیس نوشیٚتھ سو میراوِتھ۔ پان اوسُس سارِیہٕ کھوتہٕ اَمیر بوزنہٕ یِوان۔ یہ اوس گژھان پادشاہَس تہٕ مَس کاسنہٕ۔ اَکہٕ دوہہ ووٚنُھکُس پادشاہ "وَن سانٛ کیاہ ڈیٖلا چھیٚ گَکن ہُنٛز، غورٕ بیتھ ما چھکھ؟" نایدن ووٚنُس "حضرت کاٗنہہ چھُنہٕ مُفلِس، سارِی چھِ تِہ نوٚشَنٕ۔" پادشاہ گو یہ بوزِتھ خوش مگر وَزیٖرس بیوٚٹھ نہٕ۔ اُمو دوٚپُس، پادشاہم، نایدِ چھُ وَنان اَپُز، سانٛی رعیتھ چھیٚ تیٚنہٕ مُفلِس۔ پادشاہَن ووٚنُس پھیرِتھ۔ اَچھا نایدِ سِنٛز کتھ کیٚتھٕ کَنہٕ چھکھ زِ غلط ثابت وَزیٖرَن کھیٚییہ کتھ۔

دوٚہ کھنٛڈ گژھتھ کرٕ وزیٖرَن ژوٗر جوراہ آیہٕ۔ تِمن دوٚپُن، فلانی

ناۓ یدِس اَنو ساۓرو یپئیس نوشتہ ہ رونس رابئ ژوَر۔ ژورو ٹھوۓ ناۓ یدر انس منیرے پُھنگہ ناۓ دِیتہ۔ جُسُتِمن وُچھ ناۓ یدن ساۓرے بیسے گرس سُوَر پچو لُمَت۔ بئینیہ دوہ یبئیلیہ پادشہس مس کاسنیہ گو۔ تتیمی تُرُژھس۔ وَن ساۓو وَینشاہ اَز جیراہ؟ جگکہ کتہ دَشاپہ چھیِم؟ ناۓ یدو دُمُس کیھتۂ "اس پاۓ ٹھو، ساۓرے حسن فضلِ خدا ئیس یپیچھٹہ ناپ تیمَن۔ پادشاہ گو ھاۓ ران ہگروز بیرن دوَنس ژوَر ہُمند فیصلہ، بئینیہ سمجو دُن زیئمیس یڈ آسہ بتیریتہ، نُس چھینہ کاۓ نُسیہ ہمنیز بیجھے ؟ بوز نۂ لیدِان۔

## ۱۰۔ ہرمو کھٹک گو سونی

گو سونیاہ اکھ ڈراد ہرمو کہ بالہ ٹھوۓ نگیس کھتسنہ۔ تُر یتہ دوہ ادس ہنا ہنا کھسان اگر تُر یتہ جُستمس ادس بئینیہ آسان تتُنی، یئینیہ یپچھٹہ سفر شرُوع گو رمُت ادمُن آسان۔ ہنیتہ کینُو کریون سپٹاہ زور مگر دوت نہ کمُن۔ ہمیاۓ ہے اُمس اُمو سنیز درویشلہ ہمنیز سَخ شو ہریتہ مگر درویشل ڈرایس کھو کرنۂ یپوس بدنام گُژھن بیمہ سانۂ ہرمو کھکس اُمس گو ساۓنی ریشدہ پاۓ ٹھو بئینہ نِس مقصدس منز کانہہ ناکام گزیھ، گو ساۓنی سنیز درویشلہ ہمنیز داب چھیِ یاد یپوان۔ یا کاۓ نسیہ ناو ٹھدیس درویشنس یبئیلیہ ہاد یاو یچ درویشل وسی یپئینیہ، ڈیان چھیس ——— "اُمس ہساۓ گرمُت ہرمو کھٹک گو سونی!"

## ۱۱۔ آمنیک ٹوٹ

آمُن ناۓوے کامس منز ادس شخصس اَکیس ھاکھل نۂ ڈانبل چھیڑاہ۔ یئیتھ۔ بور اُسیس جیاران سہ ادس دوہ ٹمُلان، ڈولی گینز دِوان، ماۓ ریک ادس سوچان زِ خامخاہ کرِ نو قصان، لہذا ادسس بور مُژ راوان نۂ نرُاوان یلہ۔ دوہ نی اکہ کانہہ سوار گزیھ مس

یہ اوس کُنِہ ٹیکھ نَوان تہٕ اَکِس ہٕتھٕ دِس چھَنبس پیٹھ کھسِتھ ہیوان پان ڈُلہٕ ژھٕنُن سوار اوس زُولرٕ فورن بوین وُسان تہٕ خچُر اوس گژھان آزاد۔

لکن ہُند خیال اوس زِ اَمِس خچرس چھُ تصرف، اَمہ سَبہٕ چھُ یہ کامہ وِز ہیوڈ تہٕ مُتبل کران۔ اَمہ رِشتہٕ کو ما لکن ژٕ ہیرن فقیرن کھوُ، مگر خچرُ ڈول نہٕ پننہ جَینہ نِش۔ دوہ ہیہ آیہ اَو جوان اکھ اَمِس خچرس پِتہٕ دِس مالکس۔ دوٚپنس دِن سانہ خچر، ہہ کٔڈن کھتہٕ ٹٹھ وٲلی دوٚپنس۔ ہے بابا۔ یہ ژھنِہ چھَنبس ڈٲلہ۔ خامخاہ کھسِہ ہم زِ یہ ہیچھ تِھتھ تہٕ نیوُ جوانن خچرُ اکھ ماچارٕ نش تہٕ سپدُس سوار۔ عادتہٕ مُوجب نیہ خچرن چھنبس پیٹھ ٹیکھ۔ جوان روُد ڈٕیٹھ تس گوٚنہ کھوژنس الگہ ار تہٕ ٹیکہ وٕ ٹِن زبردستس پاٹھو کچہر تہٕ خچرُ سپُدتن زورٕ چھَنبس ڈٲلہ ژھنُن۔ خچرُ چھیہ فقط دوہ ٹھ ژھنُنک آسے کران، مگر دوہ ٹھ قراوان چھنہ کینہہ۔ سوارن تہٕ بیٹھ لیہ پٕھچہ جھٹکس، گوسس تسلاہ زِ اَز چھیلہٕ ساتھ کینہہ۔ پننہ ہُنرٕ ڈراو پانے تہٕ لوگ بیوڈ پاٹھو پکنہ، یتھ پاٹھو ژٕلرووس جوانن سورسے تصرف۔

ووٚپھل اوس نمتی خچرن سانگ لوگمت، تس تہٕ اوس ژوٚ ہین ٹوٚٹھ زوٚلرٕ زونن کامہ کرتھ منزہ سے نجات۔ ہیتھ پاٹھو بیٹھلہ کایل انسانا کانہ کوہمل بناونہ بیہو، دپان چھِس اَمہ اوس لوگمت ——— آمنیک ٹوٹھ!

## ۱۲- پرٔیاگچ بوٗنی

پرٔیاگ چھُ تِھتھ جاے وَنان یتینہِ زٕ دَرِیاو رَلان آسن۔ شٲدی پور چھُ تحصیل سونہ واریس منز اکھ کامہ آیتہٕ چھُ یتھ تہٕ سند پانہٕ واٹ رَلان یتھ ہم دَرِیاو زٕ رَلان چھِ۔ نتیجتہ چھُ آبس اندر اکھ بوٗنی۔ اِنسان چھُ حَاران گژھان زِ

یہ بوٚزِتھ چھِنہٕ یِہِس آبس منٛز دِیِتھ۔ دپان یہ بوٚزِتھ چھےٚ خبر گژھان کالہٕ پیٹھٕ اَکی آیہٕ۔ نہ ووٚتھان نہ نیکان۔ کاشُری بٹہٕ چھہٕ اَکھ جایہ پنُن موہ دِن ہینٛز اُڈی چھ آبس منٛز ترٛاوان۔

یُس کانٛہہ انسان یا چیز ہمیشہ اَکی سٕے آیس پیٹھ روزِ، تمس دپان ——
اَمِس چھےٚ گمٕژ پٕت پانٕچ بوٚزِ!

## ۱۳۔ ووٚنُتی پوٗرِ کی جُجیر

دپان پٕتھ کالہٕ اوس ووٚنتی پوٗرکی دُکاندار جُجیرَن ہٹوان اَکہِ اَندٕ نیوکت نیکِہ زٕد کرِتھ یِمَن منٛز دوٚیہِ بوزِتھ یوان اوس۔ کانٛہہ وَنہِ پٔکہِ ووٚن اوس یِہان وانس پیٹھ تموکھ چِینہِ۔ یاد آیہٕ اوس چِنہِ منٛز تموکھ کڈان۔ چِلم برِان تہٕ میوان ژُرچنِس لمُن۔ اَتہٕ پوٚز جُجیر اوسُس نہ تموکھ یوان یہ دُپی زِ تہٕ نشوکش نام اوسُس لمُو لمُو یوان کھسِتھ۔ مجبور گژھتھ اوس زچہ مَن دِنان تہٕ میوان پننو وَتھ۔ دُکاندار اوسن ژُدیس ہتھو پھٕقوان تہٕ نوان تماکو چِلمہِ مَن چِنتھ۔ یِتھہٕ پٕاٹھ اُسہِ تمہِ دُکاندار وون پہُندِس تموکھ چوان روزان۔

کانٛسہِ بیٚیس شوکنکی پاٹھ پیس ناٛریتھ پنٛنِس پہہ فِنی تلہِ نہٕ وِز چھےٚ ووٚنتی پوٗرِ جُجیر زٕ ہتس پیوان۔

## ۱۴۔ والہٕ گرِن ہینٛز کوکر

والہٕ گرِ کو طائفہ چھُ سرینگرس منٛز اَکھ مِسکین طبقہ اوسمُت۔ اَکہِ والہٕ گرِ گرِن ہینٛز اَکہِ دوہہ اَکھ کوکرِ ملِہ۔ یِمن اُسن نہٕ خبر زِ کوکرِ چھےٚ اَکِس دوہس

اَکھ ٹھوٗل ہیٚکان ژرٲوِتھ۔ دوٚیمہ دوہہ ہیٚیِلہ کوٚکرِ اَکھ ٹھوٗل تُرٛوو، یِم لٔگو دٔہکین ژۄن پٮ۪ہرن کوکرِ ٹھوٗل وُچھنہٕ۔ یُوٚتام تَس بِچارِ ٹھٔلِہ بانٕنۍ وٕسِتھ آو۔

اَز چھُ یِوان وَننہٕ زِ فلٲنۍ تنظیمن ہِسا کرٕ فلٲنۍ چالباز ٲسۍ وٲلہِ گرِن ہیٚنٛز کوکِرۍ۔

## ۱۵- ہٕرِ وسہ گرٕ ہٕنٛز گٔگَر

ایرٲنۍ اَثرٕ پٮ۪ٹھ وانہِ وانٕکی گردِش کٲشُر لوکھ ہیٚچھ، تِمو علاوٕ چھیِ دَرشبہٕ واد کھٮ۪نہٕ چیٚنکو چیزِ تہٕ یِم اَتھی اَثر پذیری ہِندِس وقتس اَندر کٔشیر مَنٛز رٲیِج گٔیہ یِموی مَنٛز چھُ ہٕرِ وسہ تہٕ نیا متھ۔ ہٕرِ وسہ گرِس چھُ تَعَرِیٖن پوٗرِ راتس ہٕرِ وسہ دیگہٕ پاکھ ڈیٚن پیوان۔ دٲپان پیٚتھ کالہٕ گٔیہ اَکِس ہٕرِ وسہ گرِس بیٚہ تھٔبری وَنہٕ دیگہٕ مَنٛز گٔگَر۔ صُبحس ہیٚیِلہ اَمہِ سِندِس وانس پٮ۪ٹھ وارٕہ گرٲکھ ہٕرِ وسہ کھیٚیِنہٕ بیٚہِتھ۔ اَمی ژٕل گوڈٕ اَکھ چھو نِچاہ تہٕ ژٕرِوُن پیٚنہٕ نِس بانس مَنٛز۔ تِمہٕ پَتہٕ لوٗگ باقی گرٲکن ہٕرِ وسہ بُگراوُن۔ سٲرۍ ہیٚیِلہ کھیٚیِنہٕ لٔگۍ۔ ہٕرِ وسہ گرِ تہٕ کھیوژہ چھُ ہیٚتھ پیوٚنتاہ۔ مگر یُتھے پننہٕ کینہو ناٹہٕ پھٔلس ڈنٛڈ لوگُن۔ اَتہٕ باسیوُس جِنٛتہٕ ہیٚشن: "ناٹہٕ پھوٗل رٕسے اَسہِ مَنٛز گُڈٕ چھُ وُچھان زِ یہٕ اوس ناٹہٕ پھٔلہٕ بدلہٕ گٔگر ڈنٛڈ دوان۔ مگر زونُن زِ اگر شو ہٕتن مجلسہِ مَنٛز اَمیُک ذِکر کوٚر۔ گرٲکھ ژٕلن سٲری تہٕ دبارٕ پیٚیہٕ نہٕ یورٕ کُنہِ۔ رٕسے ژرٲوِن گٔگر بیٚیِہ مَنٛز تہٕ لوٗگ مزٕسان موکرٕ ہٕرِ وسہ کھیٚیِنہٕ۔ یُوتام سٲری گرٲکھ دَزٕلے۔

بیہِ چھُ اَز وارِہن لوکن گرٕ ہان۔ تِمن چھُ شرمہ کنِتھ رٕٹہٕ موٚردار کھیٚیُن پیوان، مگر بافِتھ چھیِنہٕ ہیٚکان کٔرِتھ۔ تیکیاز تِمہ بافِرٕ سیتؠ ژٕلن گرٲکھ۔

## ۱۶- گوڑی یا یہ ہشُ سکن

(دُچھو حیوانن سیٹنو نولُوٹ ٹھاوٗن والین تلمیحن مٹر)

## ۱۷- مُلکِ ژوُ شٹھو گرٹھنو

ہیم مُلک چھے کھو ہیاہمہ ہسان اُسیمتو- دیان ہیلیہ ہم شکار کرنہ جنگل کھٹنتو، روزہ نہ بدلہٗ ملکھہ ژوُ شٹھو سیر ہوٗ شیہ پانس ہیتو۔ بالش کھسان کھسان ہیکھہ بعد چھیہ نہ ہبیٹھو اُکس کُلس تل ژوُ شٹھو کھیٹیہ- ژوُ شٹھو دہل ترا اوکھا اکس اندس کُن- سفر کرنہ دِرِز کوٹ رکھا اکھہ دیلہ ڈہرس ہیہٹھ ہیشاب- شکار ژھانڈان ہاگ ہیمن پوٗرے دوہ- لوکیشو دِ گرد ہیلیہ شکار کرُنھہ ہیم نسمی وتہ واپس آیہ- ہیمہ وتہ بالس اُسی کھتمتو- ہیم وا اُتی تنھو جا یہ ہیٹین ہیاہندین ژوُ شٹن ہائندی دہل اُسی- اُتین کوٹ دُکھہ ٹھکھہ- اُکی بعد چھیہ ہنتو تُل اکھہ ژوُ شٹھو دہلا تہ لوگ کھہوان کھوان ونیند ـــــ " ہیٹھہ دہلس اوس نہ سون ہیشابہ ہیوُمت"۔ ہیلیکو تُل ہیا کھہ دیلا تہ دوانن- " ہینہ چھیہ پاکھے نہ نیوٗن کھیٹھہ- یوٗ نام ہیمو بوچھیہ ہنتو تم ساری ژوُ شٹھو دہل پہی ونان ورکاوی-

اُٹھو ہیہٹھ بنیاد یہ تلمیح- ہیلیہ مجبوٗری سبہ انسان ہیئنہ نیئے اُٹھم ناپاک کوٹ مُشت چیز، پاک زا اُرنھہ کھیٹیہ اُمس چھیہ ونان- "اُمس ہساگے مُلک ژوُ شٹھو!"

## ۱۸- وا اُنی ہشز منچھہ

اکھہ کنجوس ودنیا اوس والس ہیہٹھ بہیٹھہ- اُندی اُندی اُسس گرا اکھہ ژوہ ہیرتہ- منچھا اکھہ سیدیا یہ گیوٹینس مٹر، وا اُنس گے اُچھ نا رِژا اُنگو ہمشہ

تہٕ مُہچہ تیچھِن تہٕ لگاوِن اُسس شر۔ تِہِنز تراوِن دٲپِس۔ گرٕ اکن کٔرن وٕدٕن۔ "ہے
شونہٕ کیٚن پوٗنسن چھےٚ یہٕ کیٚہو مُلی؟ آخر یہِ ہنگہٕ منگے کتھ دِیہ ہا اُمِس مُچھہِ کھیٚسِتہ بوٗع اَمِہ شرٕ
ٹکو کوٗرس اَتھہ خدٕ کھوٚتہٕ جادٕ کنجوٗسی بیٚیہِ "مکھی چوٗس" ناو۔
اَز چھہِ تِمس انسانس مکھی چوٗس وَنان، یُس سیٚٹھا جادٕ کنجوٗس آسہِ۔

## ١٩۔ خوٗجہ سُنٛد دسترخان

خوجہ اَکھ اوس اَندرِ نہٕ اَندرِ سفید پوش لوٗکھ گٔژھتھ۔ مگر نیٚبر کُن ٹینہِ اوس بیٚیہِ تیٚچھہِ بحال تھوٗوتھ۔ اَکہِ دوہہِ آو اُمِس اَکھ لاژم دٕر پوٗژھ۔ نوکرن بیٚلہ کالیجن بٔتہٕ برٕ ونیٖمہٕ کُن وانہ وٕکھ، خوجن دوٗنس بھامہِ سان: "چھیٚہ وُٕ ونُن ڈاہ! دسترخان کیٚاہ اوٗنتھہ نہٕ؟"

نوکرن دوٗنس بُمہ ترٛاو تِکرا وِتھ، سُہ تخص چھُ خوجہ بایہٕ وودٕ ڈٕبٕمٕنٹ یہ بوٗزِتھ گو خوجہ سیٚٹھا خجل۔

نیٚبر کُھتہ بہ ٹینہِ ٹکھٹنہ وزِ چھہِ خوجہ سُنٛد دسترخانچ زیٚنہ وَن ڈِتھ کانٛسہ جادٕ سے زٔٹ کرنہ یِوان۔

## ٢٠۔ کونٛتہ کسُر

یہ چھےٚ کشتوارچ تلمیح۔ کشتوار بیٚیہِ چھُ اَکھ میٖل دوٗر اَکھ علاقہ یُتھ "کونٛتہ وار" وَنان چھہِ۔ اُتیٚکۍ لوٗکھ چھہِ اُسمٕتۍ تُہنھی بیقل، یعنی مراز اَندر دوہِل آمہ نہٕ کمراز تہٕ ژھُددر کوٚنٛژا اُسمٕتۍ چھہِ۔ ہیمو تربنہ وٕ یوٚچھ بین ہنیدہ ٹکو چھُ پننہِ وقتہِ پادشاہس اَکھ روپے مالیہ نیمُت۔ مگر یہ راوو ادا ونی۔

شاہی محلس اندر وأتھتھ ڈیشکھ یہ دان زیوٗرا دینہ خأطرٕ تنگل۔ البتہ سوٗرے راشن تہٕ ژ ونگ ڈیتھکھ۔ تمہ بے فِل رۅزِہ فاقے۔ تکیا یہ دوٗپکھ دانش کرِ سینہ زیوٗرادو!

کوٗنتہٕ وارکین دِژکھ مو قدم ہشنہ خأطرٕ چارپایے۔ اُمہ دوٗپ باقین ہیٚقن کُن۔" توٗہۍ تہٕ ہنأدِو ییمتہ چارپایہ بیہہ اکھ اکھ زنٕگ۔ ییٚمہ سۭتۍ مُتلق یہ وناوٗنی کرِتھ ییہہ یہ زیبے اوٗت کیا شوٗنکس چارپایہ پیہہ تہٕ توٗہۍ شوٗنکو ہتھ مو قدمہٕ شُد یہ مشوٗرٕ بُوزِتھ دراے تمہٕ سارے چارپین راتھ پٔنُن ژ

کشتوارس اندر چھِ از تہٕ آسانشہ بدل عذابٕ مُلنس پیہہ وَنان ــــــــ گٔیہ سہ کوٗنتہٕ کُمٕٹھ! تہٕ گوٗ ژٕ تہٕ چھکھ شہ کوٗنتہٕ وار علاقٕک ین روزن والین ہنٛدٕ ہأٹھ چارپایہ پیہہ اکھ زنٕگ ہنأوِتھ۔ بزُرگ لیٚتہ خأطرٕ پانس اِذا دِوان۔

## ۲۱۔ کھارٕ کوٗرٕ ہشر غُسل

وَنتہٕ چھُ یوان زِ یہ کھارٕ کوٗر چھےٚ شیخ نورالدینؒ ولی سُنٛز خاص مُریدہ "شامہ بی بی" آسمٕژ۔ دِپان ییٚلہ حضرت شیخنؒ امس پرٛژھ مول کتہٕ چھےٚ تہٕ سہ کرٕ بیہہ گرٕ ؟" امہ دوٗپُس" اگرہ غُسل کرٕ تہٕ گرٕ ہس ژیر، اگر ژیر لوگُن تہٕ گژھہس غُسل۔ حضرت شیخنن پرٛژھس" تہٕ کیا گوٗ ؟" شامہ بی بی دوٗپُس" سہ چھُ گوٗمُت وَن ژٕیہ کرٕنہ۔ اگر ژٕیہ تمۍ پوٗر پأٹھۍ تہم ژھیٚنہ کرٕ، تس لگی جاد وقت مگر تیٚتھے زِیونس نہ وَنی ژٕیہ تہٕ سیٚژ دے وانہ کرٕ۔ اگر تمۍ ژٕیہ زالتھ وٗتاوٗلی کرٕ۔ اَدٕ ژھیو کرِ سیٚھے اوٗت ژٕیہ تنجنَ۔ تمہ زِیونس وَنی تہٕ دُبارٕ ژھیٚنہ کرِنس لگہس جادے وَق۔

## ۱۔ فضٕلہ ہٲنٛز مٲج فضٕلہ کٕنۍ وُچھ

یہٕ چھےٚ ضرب المثل تہٕ امیُک پوٚت منظر چھُ یہٕ :

زٕنہٕ اُکھ اوس ناو فضٕل۔ اُمِس اوس زاینہٕ کوٗر ہنا۔ یُتھےٚ یہٕ کوٗر ہٕن ہنا بڈیہ اَڈٕرِ جہ کتھن ہیہنٕز کرنہٕ۔ مول تہٕ مٲج لگو اُمِس پتہٕ تہٕ برٕوٗ نہ وُچھنہٕ۔ کھوٗنہٕ منٛز اُسِس نہٕ ژراوان۔ اَکھ دۄہ اوسُس ژراوان تہٕ بیاکھ ژلان۔ یوٗتان تیمو اُمِس کوٗر رٕچھان رٕچھان گرِ کُک کار بار تہٕ مُشرووٗ۔ مَرد اگر کُنہٕ کامہِ کوٗ چھیٚ نیبرٕ ہے، آشنو اُسِس وَنان۔ آخر کوٚت گژھک، فضٕلہ کٕنۍ وُچھ! (اُمِس کوٗرِ تہٕ اوس فضٕل ناو)۔ سُہ بِچار اوس یِہان تہٕ ژٲن اُمِس کوٗرِ کھوٗنہٕ منٛز۔ اُمِس کوٗرِ گوٚیوٚت عادت زِ بر نٕرِس گوٚژھس نہٕ مول تہٕ مٲج نَظرِ وۄڈلنو۔ یوٗتان سو نیتھ آو۔ گریستیو ووٚدو بیوٗل، لاگنہٕ کرٕکھ تہٕ ہم بٲژن روٚدی فضٕلہ کٕنۍ وُچھان۔ ہرُد موکلوو گریستیو چھوٚ نیتھ چھٲنتھ تہٕ بریکھ کچھ۔ فضٕلہ لوگ خاوندس مُچلہٕ زِ اُسی کیا کرو۔ ژٕ اوسکھ دوٗرِ کیس ڈفر کران۔ خاوندٕن وۄنُس۔ وُچھ ژٕ وُچھ فضٕلہ کٕنۍ کھینہٕ چینک کیاہ غم چھُ۔

کانٛہہ بیٚیلہِ شُرِس پتہٕ نیس فضول ٹاٹھنیار کرنہٕ سیٚتھ کارٕ بارس پتہٕ نیس زکھ داتناوِ، تس چھُ طنزٕن وَننہٕ یِوان۔ "فضٕلہ ہٲنٛز مٲج فضٕلہ کٕنۍ وُچھ!"

## ۲۔ پادشاہہ ڈراگ شش رنگ نخور

یہٕ چھےٚ کہاوت۔ یہٕ چھےٚ پرٲنِ ظُلمُک یاد پاوان، ییٚمہِ وِز بدس کالس منٛز کانٛہہ کھڈ نیچ یا حٲکم بیترِ کُنہٕ قِسمُک ظُلم وَرتاوِ، تیٚمہِ وِز چھےٚ یہٕ کہاوت

دَرتاوِس لاگنہٕ یوان۔

کاشرِ ین چھِ ہمیشہ ظُلمہٕ وِنتزاوُن پیوومُت۔ ڈراگ ہِشہلاب، وباہ تہٕ باقے عذابو چھےٚ تیمن تُہنہٕ وٲلی کٔری میتھ۔ یہِ واقعہ چھُ تیموے تہنہٕ والیو شرٕ اکھ، یُس زیٚتہٕ وُنتیرِس منٛز چھیٚچھ کاشرِ بِرونٛٹھ یکنووُمُت چھُ۔ یہ زَن چھِنہٕ امہ کہاوٕژ تلہٕ نَنان زِ یہِ واقعہ کمِس پادشاہ سٕندِ زمانس منٛز چھُ سپُدمُت۔ یہِ چھُ کُنہ نام عیاش تہٕ ظالم پادشاہ یُس پانس سٕتہٕ بیٚنہٕ کھیوان اوسمُت چھُ، لیکن ہشند حالہٕ نیشہ اوس یوٚت بےٚ خبر زِ خطرناک ڈراگ ووٚتھ۔ لُکن بنیوو نہٕ کھیٚون سُمب کینٛہہ۔ لہٰذا گیٚیہ پادشاہس نِش فریاد۔ پادشاہس نبر زِ لکہہ تہٕ آسن میانی پاٹھی سٕتہٕ بیٚنہٕ کھیوان۔ حالانکہ تیمن بِچارن اوس نہٕ امِس انہ منٛزٕ کُن سُمب کینٛہہ بچان۔ پادشاہن دوٚپکھ، گٔژھو تو ہی کھیٚیو صرف شیٖرینیہ سٕتہٕ۔

## ۳ ـــــــ کھیٚو تُس تہٕ پانے ووٚتھُس تہٕ پانے

گجراہ اکھ کھوٚت ڈوٗن کُل چھانٛنہٕ۔ ڈوٗنی موکلاوُن چھانٛنتھ تہٕ واپس زون تہٕ وُسو ہیٚتے۔ سخ عاجز گو، ہیٚچھ رگوزمِس نہٕ کانٛہہ برانٛتھ بیہتھ زوٗر زِ جِس ووٚزن کرہٕ یکھ نیبر نہٕ۔ میانہٕ دستگیر جیانی کرن مانٛنش نیاز اگر وسہ تھ یکہا۔ جگر ہنا گرِتھ ووٚتھ نیصف ہینہ۔ بیاکھ آلوا ڈیٚتُن میانہٕ دستگیر صاحب، دوٚن ڈوٗنی تہٕ مانٛنش کینٛہہ، دوٚنی دِمے کنٛہہ اکھ۔ یوٚتام ہنا ہنا چھُ وسان تہٕ ووت وارِ کالہٕ بون۔ بون وانٛتھ ژرووُن چھیٚرِ یکھاہ۔ دوٚپُن میانہٕ دستگیر صاحبہٕ۔ مےٚ نِش پاٹھی نہٕ دوٚنی کینٛہہ۔ یہ کھوٚتُس تہٕ پانے تہٕ ووٚتھُس تہٕ پانے۔

کٲنسہ انسانس پیٚیہ کانٛہہ کاٹھ پیٚٹھ موکلاوٕ سٕٹھاہ مُشکلہٕ وِزِ اکھ روٗت

کرٕنہٕ آزاد گژھنہٕ تۄلِس نہٕ یَتہٕ سٕہ نیشو ہٕٹس پیٹھ زبانی اندر چھےٚ تمی ساتہٕ یہٕ تلمیح یِکار لگان۔

## ۴۔ یَتیمہ سِتَم تہٕ نِہتم

دٔپان بڑٕ اکھ اُمس پننہٕ نِس نیچوِس دوہے وَنان، بہٕ آیس ننگ شوٚچھ گوٚژھ وونی موکلاوُن۔ نیچوِس اوس بہٕ بۄزتھ زَرٕ زَرٕ گژھان۔ دٔپان اوسُس، ہیٚنہٕ ماجِ ہنز وَننہٕ یہٕ۔ ژٕ گژھکھ مےٚ وُنہٕ پوشنی۔ بڑٕ اُمس یہٕ بۄزتھ تیژان۔ کُنہٕ کامہ لاگیہٕ ہے اکھ تہٕ اُسیس وَنان۔ یتیمہ پیٹھ تہٕ نیتم! ژٕ پیٹھ وز اُسِس اکھ تاثنہٕ کَنڈان، محض نیچوِس ننگ کرنہٕ خاطرٕ دوہس کام کارِ کرتھ اوس سُہ بیچارٕ شامس گرٕ واتان تہٕ ماجہ مشکرِ ہے بتہٕ یا چاے، تھکوٚو وۄتھانہٕ اُس سو وَنان۔ یتیمہ پیٹھ تہٕ نیتم۔ نیچوٚ اُمی شند آو تنگ بشیرٕ آخرٕ پیوٚ اُمس ظوٚن ماجہ آزمایش کرنٕک۔ ماجہ دوپنن۔ "اَز نےٚ یمے بہٕ شامس گرٕ۔ یلیٚہ رٕوٚزی نہٕ وارٕ پہٕتن۔ پیٹھنہٕ کانہہ پھیرتھ گژھ۔" شامس ییلہٕ یہٕ کامہ پیٹھ پھیرتھ آو۔ تہٕ بیوٚٹھ کچھ پیٹھ زوٗرٕ۔ ہنجہ کھبوٚ تہٕ وتہٕ تہٕ لوگُن شو گنکُ سر انجام کرُن۔ نیچوٚ اُمی شُشہ کھوٚت لوٗت پاٹھی کانی پیٹھ۔ ہنجہ ہُنھے کلہٕ ترٕ دوشاتس پیٹھ۔ نیچوٚ یرا اُمی سند کر لاگِ زورٕ زورٕ باردِ دِنہٕ۔ ہتہٕ بی ہنجی۔ ژٕ اسکھ وزٕ وزٕ وَنان شوچھ گوژھ یم ژُن۔ بہٕ چھُس یم، خدا صابن سوزس ژٕ نےٚ زُدٕ ہیٚنہ۔ بہٕ یمے زِدٕ، وَن تمام ماچھے کُنیچُھ؟ ہنجہ زٕ ج واپنیم نیرینہٕ۔ گُلی کُنڈِتھ لجس وَدان وَدان زارٕ پارٕ کرنہٕ۔ ہتہٕ حصن مےٚ بخشش تہٕ پاپن خدا۔ بہٕ نِرِہا نہٕ دُنیہٕ۔ بلا یہٕ لگےٚ مےٚ ترٕاو تہٕ اَز۔

نیچوٚ ووتھس در جواب۔ ماجے بہٕ نے چھُس تہٕ یم۔ بہٕ چھس چون

بیچہ۔ تہٕ اَمِکھ مےٚ دوہَے کُن کھسوان۔ مےٚ اوس تُچھُن تہٕ چھاہ پوٗزٕ مے
وَنان! مأج اَمِہ پیٹھ گیہ سخ شرمندٕ تہٕ آیہٕ اور اَمیٚ سٕز زانہہ یِم زھاران۔

دوہے دوہَے اگر کانہہ بُڈ یا لوکُٹ سانگ لأگِتھ وَنان آسہ زِ شوکھ
کوٗتُھ مرُن۔ اَندری رکینہٕ آسہ پانس رُمہِ رٔتنُ آسے کانچھان۔ اَدٕ سانکس نفسہ گزٕ چھنہٕ
وِزِ چھہ وَنِنہٕ یِوان ـــــــ اَمُن ساسہ اَس ناوَنان اکھاہ ہیمہ تتھ تہٕ تتھ پتے
ہیم آیاس!

## ۵۔ خطلہٕ دزٕ ایکھ خط تٔمہ دوٗپ سانین چھہ بَرٕ وُٹھی

اَکِس بیقِل زنانہِ دِتُت خاوندن طلاق۔ طلاق ژٕٹھہٕ دٔرایہ سو ہالیٹھ
کُن۔ ہمنا دورے پہٕ تہٕ دِژن پوٗت نظر۔ دارِ گرِس و چھُن وُٹھیک درواز وُٹھے۔
وَنہٕ پکھوِنہٕ زٕنہٕ اَکِس کُن وٕدٕنن، ہاہا سانین چھہ بَرٕ دوٗٹھے ہیوٗن گوٗژھ دِنہٕ اندر اَژُن
گویا طلاق ژٕٹھہٕ تہٕ منٕھٕ اَمِس وأرِو وِج مالے۔ یِمِس زنانہِ ہُند یہ واقہ چھہ پسند
نادِمتراُدنہٕ چھہ لُکو فقط "خطل" لفظ یاد تھوٗومُت۔

خدٕ روس تو فقہ تھوَن وأرِس مُرٕ دھِ لیس انسانس بیٚلہ بے شوکو
پاکھُو ڈکہ دِنہٕ ہیمہ تہٕ پتہِس ہیمہ" نارنہٕ، شُکر تو تہٕ ہنِنہٕ ماہہ ہُند اظہار، تس کُن
چھُہ وَنان ـــــــ خطلہٕ دزٕ ایکھ خط، تٔمہ دوٗپ سانین چھہ بَرٕ دُکھی۔

## ۶۔ تٔمچہ ہُند ژٕدٕ ژٕھہٕ لبُن

بڈاہ اَس وَنہٕ پکان، ژٕدٕ ژٕھہ گژھہ اَکِس اوس داوِ سِتی ژٕدٕ ژٕھا

وٲسۍ پیوٚمُت۔ بُچھہٕ تُل تہٕ کھیوٚن۔ اُمِس بیٚیلہِ مُفتے ژٕوٚنٹھ بنیوو۔ اَمہٕ لوٚکہٕ دوٚہہ ہیٚے دوٚہہ میے اَکھ ژٕوٚنٹھ نٕچہٕ ژنیشہ گرٛاھن۔ کُنہٕ کُنہٕ اوسُن آسان ژٕوٚنٹھا ژٕوٚنٹھا پیوٚمُت تہٕ بڈٕ اُمِس اَمان، دوٚن نہ چھینہٕ یہٕ ادٕر گرٛاھنس تھچھے تُلان۔ اَکہِ دوٚہہ ییٚیلہِ یہ ژٕوٚنٹھی چیر شانکہِ اوٚت وٲژ، زبردَس داہ دوٚ لکھ، بڈٕ روز ژٕوٚنٹھ نٕچہٕ تُل ہِھن یہ زأنِتھ زِ دادو رٕ ھکُن گوجانہٕ، اَز پیٚن جادٕی ژٕوٚنٹھ۔ داہ ولکن آیہ زورٕ پیٚن ژٕوٚنٹھ ڈیچھ نچہٕ لوٚگ موٚلن دٕرسہ۔ یکدم پیٚیہ ژٕوٚنٹھ کُنج بُچھہ پلیھ۔ بیھتھ پأٹھ ڈیٚت بُچھہ اُدانت۔

دوٚہ ہیٚے دہ ہیٚے مُف ژھارُن وٲلِس اِنسانس کُنہ چیھ زانہ ——
بُچھہ لبیادٕ نچہٕ تُل ژٕوٚنٹھ، بوٚتان تیٚتھی تُل نچیہ! یانی اُمِس مُف ژھارُن وٲلِس تہٕ چھُ خطرٕ

## ۷۔ کُنتہ گُبہ شال

گُبہ راٛچھس اَکِس اُس اَکائے گُب۔ مگر اوس شیخ چالاک۔ باقی گُبہ راٛچھن اوس دٕپان۔ شیٚتہٕ چھےٚ اَکائے گُب۔ لہٰذا دمہ تہٕ ہہ جاد پاسے۔ تومہ چھو جاد نیس۔ لہٰذا پیٚزہ جاد لٹہٕ کرٕدنی۔ اَکہِ دوٚہہ ییٚلہ نزول گُبہ راٛچھو نار۔ ساری لُکھ اکھ بخُن تماشہ وُچھینہ۔ چالاک گُبہ راٛچھس پیٚیہ نظر زِ شال ژاو کھییلس منز اُمر لیوٚ اُچھ۔ یہ سوچِتھ زِ شوکھنس چھےٚ اکائے گُب۔ یہ کیاہ تمۍ سیے کھییٚیا باقی گُبہ راٛچھن ووٚنُن۔ اَچھ ٹھوٚو تہٕ دِیو نارس اَندرٕ اَندرٕ گنٛڈتہ۔ گُبہ راٛچھ لُگو اَچھ ٹوٚپھتھ نارس اَندرٕ اَندرٕ نزنہٕ تہٕ شالن پیٚیہ چالاک گُبہ راٛچھ سیٚنز کُنی گُب مأرتھ۔ ساریوے ہُنز اُچھ تہٕ گُبہ پیٚین نظر اَتہٕ وُچھکھ چالاکہِ سیٚنز گُب فنا گمژ۔ پیٚیمِس پیٚیت ڈُلہٕ تہٕ بیٚلیس بیٚتھ دَدارہ واتناوُن۔ تس چھےٚ پانسے اَر

زنگہٕ منگتھ پیوان ۔ اَتھ مشاہدس پیٹھ چھہ ژھینہٕ دألی وَنان ـــــــ یہ گوٚ کُنہٕ گٔبہٕ شال یا ہیبٕلہٕ کانٛسہ کانٛہہ مومولی چیز زوٗزِ بتہٕ آسہ سُہ گژھیس فنا ۔ دٔپان چھیس ـــــــ ہاٗمس بچأرس ہیو کُنہٕ گٔبہٕ شال !

## ۸. کھوڑ ہُنڈس سپاہ

کٔشیر رٛوز ہتہٕ واد وُریین غأرَن اَتھ دارِنس ۔ وویرَن ییٚمہ بأری ژوٗنٛٹس ہوو زجار باسیو تیٚمہ پار کوٗڈہَس ژوٗپاہ ۔ سرکأری مُلازِم وُچھِتھ اوس کأشرِین زنتہٕ ملکُکی موت بُتھہ یوان ۔ تکیازِ تِہنٛدِ اوس بٔڑے بوٗجُس منٛز رنگہٕ رنگہٕ تادان دِنۍ پیوان ۔ کامس منٛز اگر پٔلِسہٕ وول واتہٕ ہے اگر پیسہِ اُسو ییٚنۍ جاداد ، پوٗنٛسہٕ ٹونٛک پٔرِتھ کینٛہہ اَہنٛدِین قدمَن تَل قوربان کران ۔ لہذا روٗد پٔلِسہٕ والین ہُنٛد ہأبَتھ یِتھ پیٚپر در پیٚپر ذہنَن منٛز جاے کٔرِتھ چَلہٕ وُن روٗد ۔

دٔپان اَکِس گامس منٛز اوس ژٕلہٕ کٔلِس پانٕۍ لنٛگ ژھٕٹمُت ـــــــ ژُل کُلی چھیٚراٗسو کوٚر لگَن کأتی نوٚم زِ ژٕلہٕ کٔلِس کیازِ ژھٕٹمِرووُ لنٛگ ؟ لُکن اُس نہٕ خبرے یُمو منٛز اوس اَکھا جبرٕ ونہٕ ووٚلے ہتیمو دوٗیکھ ہے بایو ، ژٕلہٕ کٔلِس اَکِس پھٕٹ پانٕۍ لنٛگ ۔ نہٕ گامس ووٗنکھ شُنہٕ ۔ اگر مَرد چھِو شامس نیٚبرِ وٕلہٕ کرِتھ نہٕ سأری ژٕلہٕ کُلی ژھینو ووٗکھ ژٕٹتھ ۔ اَکہٕ لٔٹہٕ گیہ بابتھ کوٚرُکھ کابہٕ تان ۔ اَدٕ سارِنٕۍ ژُل کُلین پیٹھ نہٕ کٔرن نی ۔ بٕنہٕ اگر ژٕھتھ نہٕ نی تن ۔ شامس دٕرٕی یہ سأری مَرد ژُل کُلو ژٕٹنہٕ ۔ ژٕل کُلی وارس منٛز واٗتِتھ آو یِہمَن دوٗر ہیٚن اَکھ سپاہ بوزنہٕ ۔ چونکہ ییٚم اُسو ذہنی طور مغلوٗب ، رنگہٕ دِسنادَن ہُنٛد اوسکھ ہأبَتھ ۔ ییٚتھے تِہمَن سپاہس کُن نظر پیٚیہ ، مکٕژو غأرٕ ژھینکھ اَتی ژٔھاوِتھ تہٕ گٔیہ ڈکھ

دٔو - یکھہ ڈرایہ اَپارِ تہٕ اَتہٕ وُچھان یہٕ اوسمت کھوڑٕ موٚنڈ اینٛساد نہٕ زِ سیاہ۔

سیٹھی ہی واراہ واقعہ چھہِ مختلف علاقن منٛز مختلف اَنہار ہیوٚتھ۔ مثلن بیاکھ واقعہ چھُہ زِ اَکہ دوہہٕ وۄتھ اَکھ شخصاہ راتھ کیٚتھ پیشاب کرنہٕ۔ وِرِ وارِس کُن پیٚیس نظر۔ اَتہٕ وُچھن بیٚے شُمار سیاہ، سنگ ہیم ژاس۔ اَتھ کامِس منٛز اوس اَکھ کھنڈ پنٛچ۔ اَمِس نیش لاریوو فرٛیٛ یاڈی زِ کامِس ہیٚساگرنٛدھ وُڈ ژھیوٚے تکیاز وِرِ وارِس منٛز چھُ سیاہ فوج بہہتھ۔ دوہ وۄے ڈرایہ وُچھنہٕ زِ مامِلہٕ کیاہ چھُ۔ اور وارتھ وُچھکھ نِ اَتہٕ آسہٕ ژنٛد وہرِ ژٕچٕمرِ تہٕ کھوڑٕ موٚنڈی آسی موجوٗد۔ تیمن آیہ تیٚمے کھوڑٕ موٚنڈی سیاہ بوزنہٕ۔

کانٛہہ بیٚیلہ ژلی کھوژ تہٕ اصلی کتھ ننیتھ پتہٕ شرمندٕ گژھہ یا افسوس کھیٚنہٕ، دٕپان چھس ژٕتے آوٕے ـــــ کھوڑٕ موٚنڈس سیاہ بوزنہٕ۔

## ۹- پانٛڈٕ دُعایہ خار

پتھ کالہ بیٚیلہ کشیر منٛز ڈرامہٕ ہن مُہنٛد وجوٗد اوسُے نہٕ، اَسی پیٚٹھنہ بانٛڈٕ پاتھر عام۔ یم پاتھر آسی کُنہ کھُلہ جایہ گنٛدنہٕ یوان۔ یمن منٛز آس مسخری زیادٕ تہٕ فن کم۔ یمنے پاتھرن منٛز آسی نَم بانٛڈ مُلکس دُعایہ خار کران۔ زراعتس خلقن غرضن ژٕریٛتھ چیزن اَسی ژٕت کانٛچھان تہٕ پاتھر ڈیچھن والین لُکن اَتھ اَسی اَمین کرناوان۔ لُکھ اَسی یہٕ دُعا بوزِتھ بیٚے وارِ پوٚشنہ کڈان تہٕ بانٛڈن خوش کران۔ بانٛڈن تہٕ اوس پوٚشن سیتہٕ غرض۔ تیمن کیاہ غرضاہ اوس زِ دُعایہ خار گژھہ تن قبول یا منظور گژھہ تن۔ تکیاز دُعا گوٚشہ یُس کانٛہہ تیمن لدس دِلہ منٛزنیر۔

ازتہ چھہ باںڈ ہم پاٹھہ ر گنیدان یا کامیہ ہیتہ کامیہ تہ گرہیتہ گر چھپیرتھ اوذقہ حاصل
کران۔

اگر کانہہ ہیتھی پیٹھے ہمش ہمدردی ہاو، پلہ ہالنگ نایید لاگہ مشاہدہ کرن
والی چھس وَنان ——— اد اسہ نا لوبہ باںڈ دعایہ خاطر!

## ۱۰۔ دندانہ سُنۂ اُسُن

شخصا اوس دندانہ (دندانس چھہ برو نیھِم دند نیبر گنیتے آسان)۔ پیٹھہ
یہ موَد اُہندہ یوگر کیوژ چھہ باکہ تکہ ستے یہ۔ کفن دفن کرنک شرلوگ۔ اکھ کاوٕ گاٹلی
آد حُسین غمخوار لاگتھ تہ ٹلن اُمس موَد دس بُتھ پیٹھہ وُڈن۔ اُمس اسہ مرتھ تہ
دند نیبر گنیتے۔ کاوٕ گاٹلہِ دوٚن۔ ہے کپاہ چھہ آنتہ گامتی۔ اُمی مالی چھہ دون موَد دیہ حیثیں
کران۔ تہ ہند یہ شنگہ ووٚن تہ ماتم وُچھتھ چھہ یہ اُسان۔ باقے زیر کہ زنان تہ
گیہ غوطن زن ہیز یاہتھ چھہ یہ اُسان۔ امہ پتو ز شہ اوس موَدمت تہ دندانہ سبب اُسہ
دند نیبر گنیتے۔

ازکالس منز یَس شخصس اندر کینہہ تفریقہ، غموٚ تہ فکرو سوٚ شر آسہ
ژِ دنیمت تہ نیبر کینہہ آسہ تکہ وپہو ژ اُسان۔ یمن اُمی ییشہ حالک پے آسہ نم چھس
دپان ——— یہ گو دندانہ سُنۂ اُسُن۔

## ۱۱۔ واتل کاٗلی کیتھ

واتل چھہ ازتہ ہیتہ دسی یا یہ طبقس مجراہ یوان۔ یم چھہ زیو بدلاونس منز

بڑٕ چالاک۔ ییٚمہٕ کالہٕ اوس نہٕ تمکہٕ اَز تہٕ چھےٚ گاٚمی واتٕل کالہٕ پگہہ تہٕ پگہہ کالہٕ کرناوٕن
کھوٚر بانسہٕ زٕن آسہٕ بیٚنہ اَکھ ڈھکٕن یا ٹیب اَکھ دِنی، ریٚتہٕ واد چھےٚ واتلس
نِشہٕ پٕن گرٕ ژھن پیوان۔ اَز چھےٚ قسم کران زِ پگہہ تہٕ کیٚنہہ کٲلی کیٚہہ تھوٚوِ تیار
کٲلی کیٚہہ چھےٚ بدل بہانہٕ بنٲوِتھ بییہ کٲلی کیٚہہ پیٚٹھ ژاوان۔ آخرس چھےٚ گرٕ کس
تسلاہ گرٕ ژھان یا ژراوِ کھوٚر بانہٕ نوٚدی نیٚتھ گرٕ ژھس وُہرِ کٕھنڈی توبہٕ قبوٗل۔
(کیٚنہہ لکھ چھےٚ واتٕل مزدوار تہٕ وَنان)
کٕنہہ حاجتس یا م گرٕ ژھن تہٕ گرٕ ژھن پٔتھ نیوٗن کٕرِتھ تہٕ بیلہ پتہٕ، واتٕل
کٲلی کیٚہہ چھےٚ یاد پیوان۔

## ۱۲۔ ماٲنتہٕ زوٗلہٕ

اَمیُک لفظی مانہٕ چھُ "معدٕ دِیشہٕ نیٚنہٕ دِر"۔ یہٕ چھُ کُنتام شہٕ شخص یُس
پٔیہ ییٚتھ وِزِ، کٲم کرنس دوران، وَنہٕ پکنس دوران یا کھینس چینس دوران اَچھ
اوس نوان تُھوٗتھ تہٕ کران زوٗلہٕ۔ لگو چھُ اَمی شِندنا دٕمتر و مُت تہٕ ماٲنتہٕ زوٗلہٕ مرکب
لفظاہ چلہ وُن تھوو مُت۔ اَز بییلہ کانہہ شخص سادٕ آسہٕ یا پیٚٹھے کٕنہو آسنس پیٚٹھ
سانہٕ نیٚنہٕ دِر بِھوٚلہٕ گرٕ ژھان، کٕنہہ آسیٚنہٕ ڈٕلرٕ وٕلی سمجان تس چھےٚ وَنان ——
بوٚہے ماٲنتہٕ زوٗلہٕ ہیٚتھ چھُکھ! کیٚنہہ لکھ چھےٚ اَتھ اصلی مانیس ہٕرٕ تہٕ ورتاوان۔
ہاٚشہ چھا انسان۔ دوہہ راتس آسان ماٲنتہٕ زوٗلہٕ کران۔

## ۱۳۔ نایدہ لوٗتر ژھو

پوٗنژھ اوس ییٚتھ کالہٕ کشیرِ مشرٕ سیکہٕ۔

گامَن اَندر ہیٚلہِ اَز تہٕ خانٛدر کران چھہِ۔ گوٚبرٕ اَلیس چھہِ واتہٕ دیار، ساز، ڈیار مسجدٕ ہارٕ، موٗ قدم ہارٕ، چوٗکدرٕ ہارٕ تہٕ پٔرٛژھَے ہٕشہٕ وار باہ ہارٕ ہیوان دِنہٕ۔ ہیمٚنے منٛز چھہِ نٲید پوٚنسہٕ تہٕ لیوان۔ چونکہ گامَن منٛز چھہِ نٲید گرٲگی آسان۔ لہذا چھُہ گُنہٕ حبا یہٕ خانٛدرُک ہُنٛز لگہٕ وُنٛے نٲید حاضر گژھان۔ پٔرھٕہِن آب ڈیٚن۔ بَتہٕ تراوُن۔ ترێش پلہٕ ناوٕنی۔ دسترخان تکیہٕ تراوٕنی۔ پیالہ تراوٕنی، چاے پھیرٕنی، جہازَس ہوٚدٕ ریتہٕ گژھن۔ ہیمہٕ کامہٕ چھُہ نٲید گامَن منٛز وُنہٕ تہٕ کران۔ اَمابوٚزٕ یِتھہٕ کالہِ چھُہ اُمِس اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ کرٕ پھیر اوسمت۔ یِمَو کامو ہُنٛز بیمانہٕ اوس نٲید کھورٕ باتَن رٲچھ کران۔ واتہٕ وانَس کُنٛبٕٹ آب ساران تہٕ ہیمہٕ کامہٕ آسہٕ اُمِس اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ کرٕ پھیر اوسمت۔ یِمَو کامو ہُنٛز بیمانہٕ اوس نٲید کھورٕ باتَن رٲچھ کران، واتہٕ وانَس کُنٛبٕٹ آب ساران تہٕ ہیمہٕ کامہٕ اُمِس کھکھس کران۔ آخرٕ ہیٚلہِ خانٛدر موٗکلان اوس۔ خانٛدرٕ وول اوس سارِنے دارٕتہٕ والین پوٚنسہٕ دِوان، یِتھہٕ اوس روزان نٲید۔ اُمِس بچارِس گژھو سارِنے برٛونٛہہ پوٚنسہٕ تُرٕنی۔ مگر اُمی سے اَسہٕ یِتھہٕ تھوٚوان۔ بیٚیہٕ گژھہ اُمی سے جبادٕ مزوٗری میلہٕ نہ۔ مگر اُمِس سیٚتہٕ اَسہٕ خانٛدرٕ وٲلی نیاے لاگان، فقط اُمِس اَکھ اَکھ پوٚنزُو دِوان۔

سیٚٹھا محنتَس کم مزوٗری میلنہٕ وِزٕ چھِ وَنان۔ یِم گِیہٕ نٲید پوٚنزھو یِم گیا دیار۔

## ۱۴۔ اَنہٕ ہٕنٛز سَتھہٕ ہَنہٕ

گرٕس اَکِس منٛز چھٕے اَکھ تہٕ نونوان زنانا اَسیٕمٕژ۔ یہ برٛونٛہہ کُن واتان اوسِس تہٕ اُمس کھیوان۔ اَکہ دوہہ اوٚن ہیمو ماز۔ اُمِس اَنہٕ ھتو وُکھ بَتَس پیٹھ

اَکھ ماز پھوٗل۔ اَمہٕ ہیٚوت بتہٕ کھیٚوٚن تہٕ اَتھ سیٚتۍ آس یہ ماز پھوٗل لبنہٕ۔ اُمس خبر شوٗبھٕ ٹھٕٹُن یہ ماز پھوٗل میٚنٛڈس سیٚتۍ اَماپوٚز یہ روٗد بتس منٛز۔ بیاکھ میٚوٚنٛڈ ٹُلمُن تہٕ ماز پھوٗل گوٚس اَتھس تل، بیچارٕ اُمس خبر میٚنٛڈس سیٚتۍ تُکُم شہ روٗد مُت بٔڈیہ اَتھ۔ یوٗتان اُمس سستہٕ پھر پیٚٹھ پاٹھو وَشفہٕ گو۔ سیٹھا خوش گٔیہ زارتان اُسو منٛز بیٚٹھِتھ گرٕ کٔر بانٛژ روٗگ وُچھان۔ اَز اُسکہ منٛز سیٹھہٕ ناپہٕ فلو ٹھوکر ہتو۔ یہ گو میوٚن حصہ تیمس اَکےٚ پھوٗل اوس آسان تہٕ باقی بانٛژو کیٚژاہ ناپہٕ آسن کھیمتۍ اَز۔ یہ بیٚٹھ روشنہٕ۔ اَہانوٗ تہٕ بیٚیہٕ ناپہٕ آسو رٔنہٕ مژٕ تہٕ منٛز کیاژ دنوٗ سٹتے پھٔلو بانٛژ سپدۍ حاٗران زٕ اُمس اوس اَکےٚ پھوٗل یہ کیا چھےٚ یہ وَنان۔

پٔریٚتھ شٔھلس چھہ وَنان ——— مسافر گُناہو نۍ اَیہٕ ہٕنٛز سیٹھہٕ پٔتہٕ۔

## ۱۵۔ والہٕ والہٕ کھوسہٕ کرُن

" ہے، بابا، زِمہ شکس لدٕ چھہ منٛز دہلی دہلی تُلان، خدشہ چھُم زِ تم کرن منٛز والہٕ والہٕ کھوسہٕ۔" یُتھ شیہٕ پیٚلہٕ کانہہ خود غرض فائدہٕ تُلنس پتہٕ روزٕ تیمہ وز چھُہ " والہٕ والہٕ کھوسہٕ کرُن" ورتاونہٕ یوان۔

شخصس اَکس آیہ زٕ آشنہٕ۔ اَکھ اُسس زیادٕ ٹاٹھ تہٕ بیاکھ کمے پٔتھن: ——— یُس یہ کمے پٔتھن ٹاٹھ اُسس، اُمس اوس امیک تیوٗ تُنگل۔ کوشش اُس کران یہ وُچھنچ زِ یہ بیاکھ کوٗلے کیاز چھےٚ اُمس جادٕ ٹاٹھ؟ اَکہ دۄہہ تہٕ وُچھن زِ تم بانٛژ زِ کمرس منٛز یہ ہٕتھ۔ یہ ٹاٹھ آشیٚنۍ اُس اُمس رٕ نس دار منٛز سفید سفید وال کڈِتھ نیوان۔ ۔۔ ٹاٹھ چھہ اَکہ بیٚلہ یہ حال وُچھ۔ سوٗچُن زِ یہ تہٕ کرہٕ ہا یی، دیوٗ اُمس

میانِ ژھے تہٕ پھیرِ۔ اَمہِ دوٗپ ریٛنِس، دِکھنا مےٚ یِم سفید دار وال کڈِتھ۔ ریٛنہِ موٗنُس تہٕ دوٚن نوٚیِن آشنین ووٚنُن۔ اَکہِ دوہہ آیہِ اَزیہِ اَکھ یوان یِم وال کڈِتھ تہٕ بیٚیہِ دوہہ بیاکھ۔ تاچھہِ اَکس بیٚیلہِ داریہِ اَس واتان سو اَمِس سفید سفید وال نوان کڈِتھ۔ اَتاچھہِ اَکِس بیٚیلہِ داریوِ واتان اَس سو اَمِس نوان کرٛ ہینز کرٛ ہینز وال کڈِتھ۔ یوٗتان یتھ کھنٛڈ گوو تہٕ سُہ شخص گو کھوسِتھ، اَمِس رٛوزِ نہٕ دارِے کُنہٕ۔

## ۱۶۔ کھٹہٕ سُلہٕ

سُلہٕ چھُ قیاسٕس اَکھ بیٚقل تہٕ حدٕ رووٚس جٔنہ بازی شخصس اوس مُستہ بوٗلی کٔنٛتھ بیپھٹ کرٕ چھے اَمِس تانٛہہ اَپزِ کہ تارِیف تہٕ یہ اوس موہکو پاٹھو وچھان۔ اَپزِ ٹینہٹ کھارتھ تہٕ اَپزِ کہ تاریف کرنہٕ سیتۍ اَس اَمِس عقٕل راوان۔ کاٚنسہ زیرک شخصس اگر کاٚنسہ معرزٕ انسانن آیہِ اکرو النا وِ، سُلٕس اوس اَکے پھیرکران تہٕ سُہ اوس بیٚتھ بروٗنٛہہ وُچھنہٕ وراٚنی کرٛس یوان لاینہٕ۔ یتھہ پاٹھو اوس سُلہٕ پانَس تیٚنٛز نوقصان واتناوان۔ سُہ اوس دُکاندار نِش سودا کرنہٕ وِزِ تہٕ پانٕہ مے کانٛسہ بیپھٹ۔ کانٛسہ ہینٛزِ موکھ بیٚقل پاٹھو چھُپٕھ ویلناوِ تی اوس اَمِس تیٚنٛز دارہ واتناوان۔ اَمہِ ناکارٕ عادتہٕ سببہٕ کوٚر اَس لُکو ناو کھٹہٕ سُلہٕ۔

لُکن چھُ کھٹنٕہ سُلہٕ ضروٗر تہٕ وزیاد ییوان بیٚیلہٕ تِم کانٛسہ منز سُلیو ہیوکرعادتھ وُچھن بٔسلن کانٛہہ اَفسر بیٚیلہ پرٛیتھہ کانٛسہ ہینٛدِ اَپزِ تاریفن کن کھوتہٕ، سارِنے تھوٚش بڑھان چھُ کرن تِس حمہٕ پانسے نوقصان واتان۔ دٔیان چھِہ اَمِس چھُ گومت ——— کھٹنہٕ سُلہٕ!

## ۱۹۔ سوپورِ ماز رٕتھ

دٕپان سوپورِ ماز رٕتھ کٔتیہ "ترٕژن کھیکھینہٕ، وُشنِس پٔرارٕ کھینہٕ،
ہیٚنہِ پونٛسس گاڑِ گوجہ دِقدم شُلہِ شُلہِ"۔

سوپور آو اکہ زمانہٕ گرس اُکس پوٚژھ۔ وَق اوس کاچہ ڈوٗلمٕت۔ گرواجینٕہ لٔز پوٚژھ وُچھِتھ نٔس تالہ۔ بُڈِتھ تہٕ بوٚلتھ لٔجِس وَننہٕ۔ بٔتہٕ نِحٔس چھُ موجوٗ کینٛہہ، کاںٛہہ ترٕژن بٔتہٕ تہٕ ماکھیکھہ تہٕ! آخرس گٔیہ اسہ کرٕ منٛدٕ چھےٚ، بیٚہِتھ چھے ژٕٹے ہمیشہ جلدی آسان۔ وُشنُن بٔتہٕ دِمہ ہیٚنہِ ژٕنِتھ نیٚنتھ تہٕ لگیہ وَق، مگر ژٕ ما پیار رٕژھ پُزرِھس گو تسلا تہٕ پوٚت کھورِ ڈیتُن پارٕ۔

## ۲۰۔ یٚپِس شُپ ڈٔکھ

یِپ شدِ رٕتھ چھُ کٔنِتھ ژٕرٕٹو تارِچ
شُپ کٔنِتھ روزِ ڈٔکھ، دریاہ نٔکٔنٛل

(آتش نانلوی)

ٹکِن ہُنٛد خیال چھُ زٕ یٚپ لہ حضرتِ نوحؑ سٕنٛدِس زمانس منٛز طوفان آو۔ سورُے عالم گو آبس آب۔ یہ اوس حضرتِ نوحؑ سٕنٛدِس نافرمان قومس پیٚٹھ عذاب الٰہی۔ اُتھی زمانس منٛز چھےٚ (ٹکِہ عقیدِ مطابق) اکھ نیک تہٕ خداترس بُڈاہ اُسمُت۔ اُمِس اوس حضرتِ نوحؑ صابٕن بٕروٗ نیٚتھے وٕنِتھ تھوٚومُت زِ اکھ بوٚڈ طوفان چھُ یِنہٕ وول، ژٕ بچاو بٕروٗ نیٚتھے پان۔ کٔنہ تھٔدِس پانژالِس پیٚٹھ کھٔس عالمٕ وقتس پیٚٹھ گوٚ بچِ طوفانہٕ نِشہِ بچاو کرُن تمشہِ چھے۔ اُمِس شیلہ آب تکھ دوت، یٚس

وۄن ژھٔنڈ کٔرنس تیار اوسُس، اَمہ اۄن ڈٲلۍ ڈٲلۍ پٔرون شُپ تہٕ تھوٚوُنس بُنہٕ۔ کینژن دوٚن والین ہُنڈ وَنُن چھُ زِ شُپ کیا ہیکہِ ہے طوفان رُکٲوِتھ، لہذا چھِ یِژھ کانٛہہ حماقت کرنہٕ وِز "ہیُس شُپ ڈٕکھ" محاورٕ ورتاونہٕ یوان! اَپُوز کینژن ہُنڈ خیال چھُ زِ یُتھ کوٚر شُپُن بچاو، سوٕ اُس خدا دوس، اَمہ موکھ رٕکووتھ پان بچاونہٕ خاطرٕ موٚمُولی چیٖز سیتۍ طوفان۔ اَدے چھِ کینٛہہ لکھ کانٛسہ خدا دوستہٕ سٕنٛز موٚمُولی کامہ پیٚٹھ "ہیُس شُپ ڈٕکھ" یاد پاوان۔

## ۷۷۔ ژوٚچہ وٲرِس جنت

وَننہٕ چھُ یوان زِ بہلول اوس خلیفہٕ ہارُون رشیدٕ سُنٛد بوے۔ اَکِہ دوہہٕ گوٚو اَکِس راز پٔنُنۍ دربارس منٛز کھینہٕ خاطرٕ کینژھا منگنہٕ۔ راز ژھٕہنہٕ نوو تَننہٕ بلّہ وٲرۍ کٔرِتھ کنہٕ ھتھ پیٚٹھ نیبر گٔژھ تہٕ۔ بہلول ووٚت جنگلس منٛز تہٕ لٲگُن کیچھ ہُرِن ہِنٛدۍ مکانہٕ بناوِنۍ۔ اِتھۍ دٲرِ بادشاہ پٔنٛزِ آشِنہٕ۔ یہ وُچھتھ بہلولس کُن۔

"درویش کیا چھُکھ کران؟"

"درویش دوٚپنس" جنت چھُس لٲدان"

"کینٛہہ مانِہٕ" بادشاہ بایہ دوٚپنُس۔

"آ، کینہٕ" فقیرن دیُتنس جواب

"کیٚتۍ کینٛہہ؟" پرٛژھس بادشاہ بایہ۔

فقیرن دوٚپنس "اَکِس ژوٚچہ وٲرِس"

راز بایہ گیہ سیٹھا خوش۔ ژوٚچہ دوٚر اَکھ دِتُن فقیرس فقیرن کٔرِس یِچھ حوالہ تہٕ ژٕول۔ بادشاہ بایہ تھوٚو یمہ کیچھ محل خانس منٛز طاقچس پیٚٹھ۔ بادشاہن

پرٛژھُس کُنہِ تُلیٖن تہٕ آشنہٕ وَونُس ژٕ چھیہِ وَرِیٚکھ واقعہ۔ پادشاہَن ترٛوٚو مٔنٛزِ ہٕنٛز کٔرِتھ کران اٲسِن۔

دپان اَمی راتھ چھُہ پادشاہ خاب وُچھان۔ خابس منٛز وُچھن جنٛتہٕچ ہِنٛز مٲنٛچھ کو لِہ وَسان آسہٕ۔ اَکِس کُلِس تَل وُچھِن سۄ یہٕ ہُنٛد تخت۔ اَتھی تختس پیٚٹھ وُچھِن پینٛچو آشِنۍ بِہِتھ۔ یہِ تماشہ وُچھِتھ ہیوٚت پادشاہَن تہٕ باغس منٛز اَژُن۔ ڈیٚڈی وانو ڈیٚٹھ یِمَس اَندر اَژنہٕ، دوٚپُس، یہِ چھُہ جنٛتہٕ تہٕ مٔلی چھِہ ہیوٚ تمِنٛتھ، ہُمہ ڈٔکِہ بجہ۔ اَتھی سیٚتی گو پادشاہ بیدار۔

پگہٕ شامس ڈٲو پادشاہ تہٕ جنگلس کُن، اَتہٕ وُچھن بہلول کٔنہِ ہیٚرِ گِنٛدان۔ پادشاہَن پرٛژھُس، درویش صاحب کیا چھو کران؟ درویشن ووٚنُس یہِ چھُس جنٛتہٕ لدان۔

"سودا کرکھ؟" پادشاہَن پرٛژھُس۔

"آ، کرٕ" درویشن دِیُتُس جواب۔

"کیٚتیس کیٚنٛکھ" پرٛژھُس راژن۔

درویش ووٚنُس "سَتَن پادشاہَن ہٕنٛدِین سٔتَن خزانن" پادشاہس ژٕ جھ کھوٚر پَنُنہِ میٚٹِر نیٚریہ۔ سوچان درویش وونُس پادشاہَن "نہ ہٮ۪کھ ژٕ یِلہ یہِ جنٛتھ راتھ ژٕ چھیہِ ڈٔرِس کُنٛتہ!" درویشن ووٚنُس "بیقلہٕ تمہٕ کوٗر ناد پتہ میٚ سوداہ ژٕ آکھ وُچھتھ سوداکرِ نہٕ"

اگر کانٛہہ چیز سۄتھا درٛوگ آسہِ تہٕ ہیٚنہٕ وٲلِس ییہِ چھُہ مُلی تَس چھُ وَنان — "ژٕ یِلہ ہیٚکہ وُنی ژٕ چھیہِ ڈٔرِس جنٛتھ!" یا دروگ چیز۔ سرٛو گِہ مولہِ ژھارن وٲلِس چھِہ وَنان — "ژٕ کیا سا ژٕ چھیہِ ڈٔرِس جنٛتھ ژھاران!"

## ۲۲- طشتہٕ تلاو

شخصس اۄکس اوس پیرو فقیرو وۄنمت ز ژیٚے چھےٚ اَبس منز مرُن۔
اَدٕ موکھ اوسنہٕ سہ دٔری یاوس نکھہ گژھان۔ بُتھ چھلنہٕ خاطرٕ تہٕ اوس نارٕ منز آب
اَنِہ ناوان۔ خدایہ سُند کرُن، اُمس پیٚیہ اخری وقُ آو، اَکھ دوہ آسہٕ اُسُنہ گرٕ
پُتھ آمتی۔ پژھین بنتہٕ دینہٕ برونہہ آیہ تمِس طشتس تہٕ نارٕ، اَتھ پھُٹرادہٕ خاطرٕ برونہہ
اَنیہٕ۔ پژھ موکلاو کرا اَتھ بُتھ اَدٕ تہٕ لوگ خانہٕ دار تہٕ اَتھ بُتھرنہٕ۔ خدایہ سُند
کرُن تہٕ آو ہنگہ منگہ بُتھ کینژو کرادنہٕ تہٕ کلہٕ طشتہٕ منز۔ تتھ کٕنہ ڈینژن اَمانت بُتھامہ
کرن والیو تھوو اَمی سُند یہ واقہ تہٕ چھلی چھلی زینٛن زالُن "طشتہٕ تلاو" محاورٕ کس
صورتس منز یاد۔ یانی تمِس بنیو طشتہٕ منزٕ تلاو۔

## ۲۳- ٹیلم منٹھہ میٹھس بریٹھ

اَکھ ہنگہ داراہ چھُ شاید سرکارس خلاف کنہ لیڈری کران اوسمُت اَکہ
رچھر بیٹہ یمِن سرکارہ مخالف کنہ ہنہ جلوس دراو ہنگہ دار اوس برونٛہہ برونٛہہ منہٕ ژی
کران۔ اَتھی منز پیو پولیسہ واتہ۔ جلوسس گےٚ چھلہ چھانگہ۔ لوکھ لگو چھالن تہٕ بالن
اُمِس ہنگہ دارس (میٹھس) آیہ خبر کتیاری ژلنس دتہ۔ وَنہ اوس تلہٕ وانی گرا اکھ
تلہٕ وانس اوس آنگنس منز ٹیلم منٹھ۔ میٹھس آو نہ پتھ برونٛہہ کینہہ بوزنہٕ۔ یاشاہ
کرٕتھ وۄتھ اَتھی منٹھس منز۔ تلہٕ وونی چھس کرنکہٕ دوان ہتا یارٕ گوُوے کیا؟
ٹیلم منٹھ ہا کورُن تمہ خراب۔ میٹھس آو وَدُن: ہتا بایہ، خدایس تہٕ رسولس پتہ

پاسہ بچاو تہ میٹے وُنی کین۔ میٹے ہا چھوٗ سنخ ژھارو۔" تلہ وائنی کھیئیہ کتھ۔

شوٗرش بیٹلہ ہیمے یہ تہ مبیٹھ ڈراو منچھے منر نہبر۔ تلہ وائنی یارن وُلنش

اُرِمائے تہ کون سے چبیٹھو اُسیہ، ٹلیم منخرِ نے اوسکھ بیٹھ، تہ ٹلیم منچھے کوسے

ہیدھشکی بریچھ۔

# ۲۴- دال میں کالا

سوداگر اُکھ ڈراو اُکس شہرس کُن کارِبار کرنہ۔ تکو ووٗنس، تمہ شہرکو

گامہ چیچی کاکی، تارن گرنحہ تہ سیٹھ چالاک، لہٰذا گژھہ چیسیہ چیسیہ پکُن۔ سوداگر

ییلہ تمہ شہرس منز ووت، اُکھ کون شخصا آس ڈیرس بیچھ تہ دوٗپنس "شاید چھو

جنابن ہُنند بابہ صاحب سوئے گیہ واس گومت۔ توٗے چھو توٗہی پانے آمتی۔ سُہ جنتی تہ

اوسی بیٹھی مکانس منز روزان"۔ سوداگرن شوٗبہ زِ کون چھیہ آمُت کیا ہتا م دغا دینہ۔

سیٹھی ووٗلنس کانی شخصس "تُہُند بابہ صاحب اوس اُچھن ہُنند کارِبار تہ کران۔ اکہ

دوہہ ہیٹرا یہ میٹے تس کینہہ روپیہ ووزم تہ پنہو اکھ اُچھ ٹھوٗے یم تس نش گرو

توٗہی بیتوٗ روپیہ پنیہ تہ فلحال دی توم اُچھ واپس! سوداگرس چھیوٗ یہ بوزتھ

سونہہ رنگ تہ دوٗپنس تہ وائنی زِ بگہہ۔ بگہہ ییلہ اُچھ ژھانڈن ووٗل او سوداگرن

دوٗپنس" میائنس جنتی مالس نش چھہ گکن ہنز داریاہ اُچھ گروٗ آسمژ، تمو منز

اوسُس بہ ریائنی راتس چانی اُچھ ژھانڈان، مگر سوٗ آیہ نہ میٹے وَنِہ۔ تہ دِ پینہ

بیا اکھ اُچھ تہ وُنی کین میٹے، ییتھ بہ اُچھ انبر منز تیتیک جور ژھانڈ تھوٗے"

کانی ییلہ سوداگر سُند یہ جواب بوز، سُہ ژوٗل کینہ چھٹ شال ہیتھ۔

سوداگر ییلہ اُتہ نیرنک سکھر کران اوس، نوکرن دوٗپنس" جناب

میٚے دِی نوکَرو ڈٲپِنٕ طلب" سوداگرن وونُس" وَن کیا گژھی؟" نوکر وو دٕتُس
" حضرت ژےٚ چھُکھ وونمُت پانٕہ زِ بہٕ دِمے ژےٚ "کچھ" یانی کینٛہ ہا۔ لہٰذا
دِیِتہٕ میٚے پَنُن "کچھ"۔

سوداگرن سوٗنچ زِ شوٗکُس چھےٚ تَمہٕ وِز بارِ غلطی گٔمٕژ۔ بٔلۍ تیٚمِس نوکرس
وونمُت چھُم زِ "کچھ دوں گا" یانی کینٛہ ہا دِمے! اَوٕ پتہٕ سوٗزُن یہ نوکر بازر۔
ہیسِر دال ہٮ۪وٚن اَکِس پیالَس منٛز۔ اَکھ دالہِ منٛز ژٕاوِن مرژٕ ہیٚکلہ اَکھ زٕتہٕ پیالہ
ہٮ۪وُن طاقچَس پیٹھ۔ نوکر آو بازرِ پھیرتھ تہٕ سوداگرن وونُس، تِلا پیالس منٛز
کیا چھُ طاقچَس پیٹھ؟ نوکرن دِژ پیالَس کُن نظراہ تہٕ دوٚپنَس۔ "جناب اَکھ منٛز
چھےٚ دال۔" "بیٚیہ کیا چھُ؟" سوداگرن پرٛژھُس۔ "یوٚہے کرہُن کرہُن ہیو چھُ
باسان کیا ہتا م۔" نوکرن دِتُس جواب۔ سوداگرن وونُس ذرا شرارتہٕ سان۔
"کرہُن کرہُن کیا گو بٕ زٕ ھ آسُن؟" نوکرس تہٕ رووٗدیہ پانس تام، دوٚپنَس "کچھ ہے
یانی کیا ہتا م چھُو۔"

سوداگرن وونُس۔ "اچھا۔ یُس "کچھ" ژٕ منگان اوسُکھ تیٚلہِ چھےٚ سُہ
یوٚہے۔ یہ نِہ تہٕ میٚے دِ اجازت۔ فٔنڈباز نوکرس تو ٔ گیہٕ کینہہ وَنُن۔

" دال میں کچھ کالا ہے" چھےٚ دَر اصل اُردو زبٲنۍ ہٕنٛز ضرب المثل۔ اَما پوٗز
کاشُر زبٲنۍ منٛز چھےٚ یہ اُردو پأٹھۍ سیٹھا عام۔ شک کرنہٕ کِس مانہٕ یَس منٛز چھےٚ ورتاوِنہٕ
یوان بِمثلن" ہِنٛگہ منگہ نسأ گژھ ہے نہٕ تیمن بیٚیہ پوٚکن مرژکری اَتھ چھُ ضٔرور ور
کینٛہہ دال میں کالا۔"

## ۲۵- ہڑاُر مارٕنۍ

تیمو ہمسأ چھےٚ جادٕ ے ہڑاُر مارمٕژ، نَتہٕ چھا دوہے دوہے لڑایہ کرنہٕ

شوٗبان! آدٕ پتھراتس منٛز اوس اَکھ دوٚہ یِتہٕ آمُت!

براٛر حارٕنۍ چھےٚ ساۍنِہ زبانۍ منٛز محاورٕ، اَما پوٚز مُلہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ فارسی زبانۍ پیٚٹھہٕ کاشُر زبانۍ منٛز توٗرمُت. فارسی زبانۍ ہنٛزِ ضرب المثل چھےٚ "گربہ کُشتن روزِ اول" قصہ چھےٚ یہِ:

دوٚن دوستن کوٚرُکھ اَکی دوہہ خاندر۔ دوشوٕنۍ منٛز آشنہِ دْراے مزاژٕ کینٛہہ تیز۔ اَکی دوستن بہٕہنوو گوڈنیکے آشنہِ رعب تہٕ سوٗ روٗز اَمِس ہمیشہ تابیا۔ دوٚیمِس پیو آشنہِ ہنٛدِ تابیا بنُن۔ اَکہ دوہہ پرٛژھ اَمی دوٚیمہ اَمِس گوڈنکِس یارَس زِ تٔمۍ کیٛاہ کٔمۍ کٔرتھ بنٛووٕ آشنہِ رام۔ تٔمۍ دوٚپنس، زِ گوڈنیکے پیٚیلہِ اَمہِ دوہہٕ وۍسے بانٛژ بتہٕ اَسی کھیوان، اَکھ براٛر واژ اَسہِ نِشہِ۔ مےٚ کوٚرُس عجب مگر سۭتۍ زٕج تہٕ بیٚیتی واژ مےٚ تلوار تہٕ کٔرمس زِ اَڈ۔ میانۍ آشنہِ اوس یہِ وُچھان تہٕ اَمی ساتہٕ بیوٚٹھ اَمِس میون اَہر۔ تہٕ اَدٕ تِمہٕ پتہٕ کیٛاہ سوٗ سیٚٹھا نرم۔

دوٚیِم یار بیٚیلہِ شامس گرٕ ووت، بتہٕ موٚکس بانٛگ ژایہِ اَہنٛدِس کھُٹس منٛز تہٕ اَکھ براٛر۔ آشنہِ نِشہِ تلٕج اَمۍ شمشیر تہٕ کٔرن تٔمِس براٛرِ زِ اَڈ۔ مزاژس منٛز نرمی گژھنہٕ بدلہٕ گےٚ تسٕنز آشنہٕ سٕتھ سٕتھ پُر اَچھ۔ تٔمِس کھوٚت کنہٕ نیٚہچن رٕتھ۔ تہٕ بروٗنٛٹھہ کھوٚتہٕ جادٕ بےٚ وٲری کٔرن خانہٕ دارِس پتہٕ نِس۔ یہِ حال بوزِنوو اَمۍ سہ گوڈنیکس یارَس تٔمۍ کوٚر اَفسوس تہٕ ووٚننس "بیقلہٕ براٛر گژھہ مارٕنۍ گوڈنکہ دوہہٕ! (گربہ کُشتن روزِ اول)

## ۲۶۔ زٕرِ بوز بٕہسہٕ وۍہرِ بڈشاہ ہوٗد

یِتھۍ کہاوژ ہنٛد پوٚت منظر چھُ اَسہِ اقبال ناتھ وَنپوہ مرحوم سٕنزِ لیچھمژ

اَکہ گِکہ کتھِ منز گٔنڈِتھ پیش کران۔ (تفصیلہ خاطرٕ پرٕو کاشُر لُکہ کتھ ۱۹۷۳ء کلچرل
اکاڈمی سرینگر)

"دپان سُلطان زین العابدین بادشاہن پیٚلہِ زانہِ گیر علاقس آب واتناونہٕ خاطرٕ شُہری نالہِ منز نہر کَڈناوٕنی ہیٚچھ، امہ پتہٕ وارِیاہ کوشش کٔرِتھ تہٕ دریاو نہٕ شہری نالکس سوٗتھ۔ بادشاہن والناو ناگی دوداری چیل آبس منز نہٕ سیٚٹھا کوشش کٔرنہٕ۔ پننہِ ارمان پوٗرٕ کرنک۔ وٕنہٕ چھُہ دپان زِ دوہس اکس موٗزوٗر سوتھ کَنڈٕ ان تہٕ راتس منز اسِ تمیٚ گرٕ ڈھان نیرِتھ۔ بادشاہ صٲبن ہیٚتھ پیر فقیر ژھانٛڈٕ۔ اَکِس درویشس نِش ووٚنُن نہر ہُند سورُے حال۔ درویشس گو اثر تہٕ دوپنس اَتھ سوٗتھس نِش گژھن دوہے ژٕ چھِہ بانگ راونہٕ۔ اَکہ شُرٕ تہٕ آسہ یوان ژٕ چھِ رٔٹنہٕ، تمِس آسہ ژھاگہ پرٕلِستہِ مشرکٲنیہ، سہٕ چھُہ شہری نالک موکُل۔ تمِس گژھِ کھٔچھ کٔرنہٕ تہٕ سیٚ واتہٕ دیاگیٚنس دادِس۔ بادشاہن کوٚر یی۔ امِس رٔٹن شہری نالک موکُل۔ زار پار کٔرِتھ موٚنُس تمیٚ فقط یہ زِ سوٗتھ دری توٚتے نام یُس نام تہٕ زِندٕ روزِتھ، مگر بادشاہن دوپُس تمیشکُن نیرِ نہٕ، مے کانہہ مقصد سیٹھا زار پار کٔرِتھ گو موکلس نو اثر تہٕ ووٚنُن بادشاہ صٲبس۔ اچھا سوٗتھ دری توٚتے نام یُس نام کانہہ زوٗر بوزِ زِ بادشاہ ہیٚسہ موٗد۔ بادشاہن سوٗنچ زِ زوٗر بوزی نہٕ زانہہ، لہٰذا روزِ نہر ہمیشہ چلہ ورنی۔ پتہٕ پانٛژھو آیہٕ شہری نالہِ منز نہر کڈنہٕ بمکر وٕنہٕ چھُہ یوان زِ اکی زوٗر بوٗز بادشاہ سِنزِ مرنہٕ پتہٕ تہِ وُہر کوزِ بادشاہ موٗد (تہٕ چھیٚنہٕ خبر زِ بوٗزُن کیتھہِ پانٛژھو ـــــ آتش، آمش) امی ساتہٕ گیہٕ نہر بیٚلیہ چھُنمبہ۔ اَتی پیٚٹھہ روز کتھ ـــــ "زوٗری بوٗز بہہ وُہر کر بادشاہ موٗد!"

## ۲۷ - رِپلیم پہٕ نتے ژوٗکی کاگُم

اَکہ دوہہ اوس بوچھِ ہیوٗت شاژادہ اَکہ خرہ اکھ ژھاران۔ واتان واتان

[illegible] اَتہٕ اَمس رٔسدار دٔچھ، دٔچھہ کٔنٛبوٗ اَوپٕر [illegible] تہٕ اَمہ ییٚنہٕ

پٔپیمِتۍ زٕ وُچھان وُچھانہٕ اوس اَسِتھ آب پِوان۔ شالن کٔر یاو وارٕیاہ جَکھہ اَمہ پوٚز

دٔچھن "ام پٕٹھ لٔنہٕ۔ اَمہ خرس یِلہٕ یِہِ سِکھ تہٕ سورے یِس تہٕ ہیوتُن باغہٕ منٛز زٕ بیسرُن تہٕ

پوشہٕ ژٔہہ نووا اکھہ اوشس دوٗرٕ وُچھان۔ یکدم نوٚبِنس آلو۔ کیاہ سا دٔچھ کوٚنہٕ کھیٚیہِتھ؟

شالن روٗٹ کِھام ہیٚکو تہٕ دوٚپنس "کُس سا کھیٚیِتھ ہے یہٕ مٔکٕر دٔچھ۔ اَمہ خرس یِم چھنہٕ ووٚنہٕ

خامے۔ خام آسنہٕ موکھہ چھہٕ یِم ژوٗکھٕ آسان؟

اَتھٕ وووٗنکھہٕ پھلیم نہٕ تتے ژوٗکی کٲم  میلیم نہٕ تتے درٛوٗگی کٲم

# ۱۔ شالہٕ جمادٲری

شالہٕ جمادٲری پٮ۪ٹھ چھےٚ اَکھ عام تلمیح زبانِ ریوایتن مُطابق چھےٚ اَمِکۍ مُختلف قِصہٕ مشہوٗر۔

(۱)

دپان شالاہ لوٗگ اَکہ دۄہہ شہرَس کُن۔ ہوٗنہِ تہٕ کُکٕر ہیٚنۍ یِمہٕ ہیٚوکِنہٕ شام تام نٮ۪نہٕ واپس نیبر کڈتھ۔ یُتھ زَن جنگلَس کُن گژھہ۔ لِہٰذا بیوٚ تھٕو ژھیپِتھ بیِلہٕ وُن تام نرٕ ونہن کھوٚنہِ پٮ۪ن کُن ژوٚر۔ شام سپدتھ دراو کھوٚژ کھوٚژان تہٕ ہیٚوتُن جنگلَس کُن قدم دیُن۔ بدقسمتی کٕنہِ پیہ ہوٗنہِ نظرِ تہٕ دوٚر ییٚنۍ پتہٕ۔ ژوٚلُن تہٕ پیلہٕ تہٕ شالَس واوُن کیپہٕ آو، ژھٕنُن واتُس اَکِس کُن دودَس۔ یہٕ اوس رنگہٕ دوان۔ رنگُو اوس تیلہٕ برتھ تھٕیٚکِتھ دانہٕ گھر بیہہ ہیٚتھ ہوٗمُت۔ شالَس اوس ژوٚمُت چھیٚنِس بچن باتہٕ ژھارن ژھاران پھوٚٹ یہٕ اَتھی تھٕیٚتھ دوٚلُس تہٕ گوٚس رنگہٕ ہیٚوٚتھ۔ وادہٕ کال گژھتھ گو ہوٗنہِ تہٕ تسلا تہٕ ژوٚل۔ شال دراو ژٕوٚنہِ ژوٚر تہٕ ووت رٕتِس دانہٕ جنگل۔

پکہِ وُچھ جنگلہٕ کین سارِوۍ شالَو بدلے رنگہٕ جانوار۔ ییم سپدِ کو اُمِس پتہٕ تہٕ بروٚنہہ جماہ۔ وۄپہیوس ہنہٕ حقن ژٕ ییٚہ رنگہٕ جانوار تہٕ چھیٚنہٕ پیہ جنگلَس منز کانہہ اگر مانکھ ژٕ بنتہٕ سون پادشاہ۔ شالَس کھوٚت یہٕ بوٗزِتھ کمال ہیوٗ۔ کلہٕ سیٚتی کوٚر نکھہ آنکار اَدِ کیا ضروٗر۔ یہتھ پاٹھی بنیوو رنگہٕ دار شال شالَن ہُند جمادار۔ دوہے اَکہ چھیو سارِی شال جمادارس اَندی اَندی بیٚہتھ۔ شالَس اَکِس ژٕرژھ ژٕنگ نیبر تہٕ شالن چھیٚ عادت اگر اَکھ ژٕنگ دِیہ، پتہٕ چھیٚنہٕ کانہہ تالِس بیٚہتھ تال تھٕوان۔ جمادارس مہ تہٕ رودتہٕ پانس تال۔ تمِس گیہ جمادٲری مٔشتھ پتہٕ۔ شالَن سیٚتی رلاوُن آواز تہٕ دِتن ژٕنگہٕ پٮ۪ہ۔

کُن ووٚنُن۔ کوکر کاکا، ہیٚتھِن چھُ وَق، بانگ تہٕ دِژِتھ ژٕسے۔ وٕلہٕ وٕمن یکہٕ وٕہٕ پرٕو نِمازا
کوکرُ کو پریشان زِ شوچھ لوٗگ کوٗ ژھلہٕ۔ بیٚتِس کالس ہنزِ وُچھ کو کرِن دوٗرِ اَکھ سِہہ
پکان تہٕ ووٚتھ شالس کُن۔ شالہٕ کاکا۔ وٕلہٕ سہ پرٕو نِمازا سِہہ تہٕ آو۔ سہ کرنا وِہُون امامتھ
تہٕ اُسی گٔیِس مقتدی۔" شالس یام سِہس کُن نظر پیٚیہٕ، لٔٹ دبٲوِتھ ژوٚل۔ کوکر چھُس
آلو دِوان۔" ہے بڈِ بے ایمان دراکھ ژٕ، نہ سٲتہٕ تہٕ نِمازٕ پرکھ نا!" شالِن ووٚنُس
ژلان ژلان۔" شہرِ سہ مے چھُٹے طہارت۔ بٕہٕ ییمے گوڈٕ طہارتھ کرِتھ!"
یُس اَکھاہ ہیٚتھ کھیکہٕ نادِ تہٕ موقعہ وِزِ لاگہٕ بزدِلی تہٕ کم جُرأتھ، تس چھِ
ہزلہٕ پٲٹھ ووٚنان ——— اُمِس ہٕسہ چھُٹ شالہٕ طہارتھ!

## ۳۔ برٲری توبہٕ

فارسی شاعر عبید زاکانین چھُ یہٕ واقعہٕ نظم کوٗرمُت :

دٔیان بڑوٗر اَکھ بیٚوڑھ مُشدِ منز کھوٗت موٗت کرِتھ۔ لکرا اُمِس اُمس کِنھ
پکان تہٕ یہٕ اوسکھ نہٕ مازا نیے۔ یوٗتان گگرِ اُمس سیٚتھ گِندان تہٕ ہیوٗت۔ اُمِ دوٗچھ
مے ہُسہ چھُ توبہٕ کوٗرمُت۔ بیٚتہٕ یور کھیمہٕ نہٕ بہٕ گگر کینٛہہ۔ بہٕ چھُس خدایس پرانہٕ نیے
گونہن ہُند عفو منگان، لیہٰذا روزِ توٚہہ بے غم۔ گِندِ تہٕ دروکو۔ گگر گیہ سیٹھا خوش
تہٕ وات تا اوٚ یہٕ شیچھ پننِس پادشاہس تام۔ پادشاہن دوٗپُکھ۔" تِیلہٕ گژھو سٲری گگرٕ
اُمِس برٲرِس مبارک کرنِ۔" گگر وٲتِ پادشاہ سیٚتہٕ تہٕ دراے۔ تورِ وٲتِتھ کرِکھ برٲرس تعریف،
مبارک کوٚر ہس سیٹھا نزدیک آیس۔ برٲرس آو وارتہٕ پادشاہ سیٚتھ ژوٚٹن یہٕ گگر چلو اُس
پنجن تل۔ اَکھ تہٕ ژِھ ووٚن تہٕ زِندہٕ۔

کاتِھ ظالمہٕ یِلہٕ چھے کُنہٕ شیوٗد اَچھتہٕ، کاتِھ سینہٕ اَتھہٕ پنِنہٕ کٲم پوٚرِ ساو

یا ییٚلہِ کانٛہہ کُنہِ نتیٖجہ کارنٛیتھ لوٚب ہیٚکیہِ یِتھ تیٚتھ شدیس خصلتس منٛز شرٛیکھ آسہِ تہٕ موقع وِزِ روزِیٚس نہٕ شالہِ ٹھہارتھ تمیہ وِزِ چھُ برٛاۍ توبہٕ یاد پیوان۔

## ۴۔ ہوٗنی حمام

دپان یمتھ کالہِ ییٚلہِ ہوٗنیس وٕنٛدس منٛز تیٖمہِ پوران اُس، ادس اُتھان تھرٛونٛہِ گھۄ تمین پان وُشناوُنہِ۔ اَتھۍ اوس نہٕ صرف ارادٕ کران بلکہِ قسم کھیوان زِ سونٛتھ واتٕتھ ہہ بنٲوِ حمام یُتھ وٕنٛدِ کِنہِ تھُ کوشہ نیٖتھ بچان آسہ۔ سونٛتھ واتٲنی اٲسس تیٚمِس مشان تہٕ حمامُک نہٕ خیالے روزان۔ یُتانی سونٛتہِ ہوا چھاوان رہِتھٕ کول کیو ہرُدٕ بتہ ادس نیٖبر نیٚرتھ گژھان۔ وٕنٛدُک یمتھ وُچھانی ادس حمام بیٚیہِ یاد پیوان۔ افسوس ادس کران۔ بیٚیہ اوس قسمہ کران زِ یتھ کالہِ بنٲوِ ضرور حمام مگر حمام بنووُن نہٕ زانہہ (خدا زانان اَز تہٕ چھا ہوٗنی حمام ابنادٕ منٛز سونچان!)

یمتھے پٲٹھۍ ییٚلہِ کانٛہہ شخص یتہٕ واٲلس وقتس منٛز کانٛہہ ضروٗری کام کرنُک ارادٕ کرِ تہٕ یِتہٕ کام بامکل پیتس پِہِ، یُتانی ضرورتھ بیٚیہِ برٛونٛہہ کُن واتہِ تس تس کُن چھِ چھِنہِ پٲٹھۍ وَنان ـــــ "اَمیس ہیٚسہ گژھان ہوٗنی سُند حمام بناوُن"

## ۵- پاز آشُن

پاز چھُ اَکھ مشہوٗر جانوٗر۔ ساہِتھ اکہِ کتھہِ منٛز چھُ یہ جانوٗر نظر گژھان۔ وَنِہ چھِ یوان زِ بادشاہ اٲسی اَمیس نٕچھان تہٕ شکار اَنِہ موکہ جنگلن سوزان۔ بیٚیہ ییٚلہ ساتہِ کُنیہِ ملکُک بادشاہ نادرُن آسہ ہے، سارٕی تامہ اٲسی جماہ سپدان۔ پاز اوس یوان بیٚیہِ ترٲونہِ۔ یمیٚس شخصس پیٚٹھ بیہان اوس، سُے اوس یوان بادشاہ بناونہٕ۔

اَسہِ چھِیٚن یِم جانوٗر پَنٕنہِ زبانہِ منٛز وَرتاوان چالاک تہٕ طاقتوٗر آسنہٕ کِنۍ مانیٚسس منٛز شاملِک

(۵) ہُم بِچارٕ شُرۍ کیٛتھٕ پٲٹھۍ چھِہ، ژٕ پیٚیہِ چھِنہٕ تَتھ خطرٕ باسان! (ب) اَسہِ چھہٕ نہٕ خبر ژٕ چھُکھ

پٲٹھۍ!

## ۶- ہاپتھ یارٕ

یِہ مقبوٗل عام تلمیح چھےٚ لۄکان بےٚ وفٲیی، دغل دوٗزی تہٕ دوٗکھہٕ دِنہٕ کِس

مانیٚس منٛز استعمال کرنہٕ، اَما پوز اَمِیُک پوٗت منظر چھُنہٕ تیٚقہٕ۔ قیاس چھُہ یِتھ کٕنۍ:

(۱) اَکِس شخصس اوس ہاپتس سیٚتھ یارانہٕ۔ اَکہِ کیٚنہہ اوس یِہ شخص ژٕنٛژ

منٛز یِمہٕ ہاپتس نِش گژھان، اَکہ دوہ چھُ دوٗپُس ہاپتن۔" سےٚ کرکھ ناکِشن ژٕلاہ!

یارن لوٗگُس کشُن، کشان کشان ہیٚلہ نٕرلوٗسُس، وُچھُن تٔلی ژٕوٗلُس نیرتھ۔ "ہا ہیہرا!

موٗدُس ہا!" ہاپتن لجِ زٕتہٕ دوٗنُس تہٕ گیٚیہ۔ واراہ کالہٕ آو یِہ شخص ہاپتس نِشہِ ہیٚیہِ

خاطرٕ پاٹھا گژھتھ دوٗنُس ہاپتن" ہتا یارٕ وُچھ کیٚنٛژھہ یارانہٕ چھُہ اَسہِ گھرِ ییٚن رٕوُد چھُوٗن

گژھِ ییٚنہِ خاطرٕ۔ یِتھ پاٹھۍ شیٚیہ دوہ مُقررٕ ہاپتس یارُن گژھِ داتُنس۔ ہاپتہِ ییٚنہٕ کِنۍ یارن

اوٗن تارٕوانہٕ بیٚچھ اُڈو جُو اَمہِ یٔمہٕ ترکھاہ۔ شامن ژٕییٚر گژھہٕ وۄت ہاپت۔ یارٕ ناوِ چھُو

اُڈو جُو آیہِ پیٚٹھِس برونٛہہ کِنہ کھٕتوٗنہٕ۔ یارس ژٕ آشنہٕ تہٕ کوٗر چھِہ اَکِس انٛدسی کُنہِ ژٕوٗرٕ

رٕوٗزتھ۔ ہاپت چھُہ اُڈو جُو ژٕرِیکان تہٕ ہیمن ماچہ کورِت چھِہ اَمِن کیٚنہہ گژھان۔ ہاپتن

ہیٚلہ دِرا، یار دِراس واہ وُہس قدم پیٚٹھِ پیٚٹھِ دِکہ دِنہٕ۔ بچھیرٕ ژٕ آو نہٕ شوٗنگ۔ اَمہ پیٚٹھ

آشنہٕ تہٕ کوٗر دِرایہِ اَچھہ بیٚٹھرنہٕ۔ ہاپت آو ژٕ جھنٛگ دِتھ تہٕ دوہ نہٕ وُنی دِتُن نکھہٕ۔ ہیٚلہ

تٕمہِ ماچہ کورِ بچھیرٕ ژٕ آیہِ، ہاپتہٕ سِندِس یارس گوٗو سواس۔ گاش پھوٚلہٕ وُنہٕ دِرا ہاپتس

باوٕ نہٕ شوٗکُس گیہِ شہرٕ بامہٕ ژٕ غائب۔ ہاپتن دوٗنُس" ہنو یارٕ! ژٕ ییٚتہِ وَنیو وُچھ اَکہ دوہ

کشاہ کرتہٕ، اَکہ نہٕ ژٕل دِتھ لاجِتھ لیکہ کڈنہٕ۔ سےٚ چھُنہٕ دیٚنہٕ ییٚتہِ چھُوکھ بلان - بہٕ

کیٚتھہٕ یار چھِسے گژھان ہٕنٛز عیال، مےٚ چھا خبر کیاہ گوٚو وےٚ تمن؟

(ب) بیاکھ قصہ چھُ یہٕ ونان یوان زِ ہاپت بوٚڈ لوٚلہٕ سان پننس یارس نچہِ کھٕسلیہ۔ یار اوس شوٗنگمت۔ اکھ منٛجھا آیہ پیاپیہٕ تہٕ ہیوٚت یارس نٕچھس ہیوٚٹھ۔ پیٚلو نہٕ یہٕ ژیوٚجو۔ ہاپتٕن اُنی اَتھہ بڈ کھُنی تہٕ دِژن یارس نٕچھس داریتھ۔ پنتہٕ ہیوٚٹھ منٛجھ خبر ہیوٚ یا کینہ نہٕ مگر یارس گیہ نچھس چھکلہٕ تہٕ موٚد۔

## ۷ - پٔنٛشرٕ ہٕنٛد کرپوٚنی

بٔنٛشرٕ مُتعلق چھُ ونہٕ یوان زِ سو چھےٚ پنٕنۍ سارے ہے کھونہٕ توٚتھ بچہ پیننس سیٚتھ زٲلان۔ کانٛہہ حملہ آور چھُ پہِ چھِپتھ چھِنہٕ سو باقی بچن ہٕنٛد پرواے کران۔ اَمی سےٚ تاُھٕس اکس چھےٚ پننس سیٚتھ زٲلان۔ تہٕ بچہ ہاوتہ چھےٚ یہٕ پٔنٛشرٕ پلو کنیو بیٛچھو پکان دوٚیمہ ژھینان تہٕ تعدادٕ بین تکن کھسان۔ چونکہ توٚتھ بچہ چھُ پننس ٹکی آسان، توٚے چھُ نسن سوز سے پانہٕ کنڈو کنیو سیٚتھ زٲلنہٕ یوان۔ یوٚت تان زن ماجہ ہٕنٛد جاے تاھُنیا ریٚسنہٕ بیےٚ خبر مے منٛزے مران چھُ۔ باقی بچہ چھِہ آمہ وزِ ماجہ شانٛتن ہیوٚتھ کھسان تہٕ نچان۔
اکھ محاورہ چھُ "خانہٕ مالین تانہ پاگئے"، یتھےٚ تانہ پاگئے چھےٚ بٔنٛشرٕ ہٕنٛدس تاُھٕس بچن گژھان تہٕ اتھ تاُھِ چھِہ بچان۔

## ۸- وٕنٛٹھ زٕژن تہٕ خر آہنگ

وٕنٛٹھ تہٕ خر آسی اکس باغس منٛز۔ اَتہٕ یہٕ فیصل اوس تتھ کوٚژکہ فانا۔ یڈ بسادہ نیٛتہٕ تہٕ ہیٚتر نژن تانگہٕ دِنہٕ۔ وٕنٛٹھ دوپھس: "ہتو یار۔ ژٕ لگےٚ کیاہ گوٚو وےٚ؟ باغس ہٲیک اگر چانہٕ ییمہ کرٕ تکہٕ بوزٕ، اَڈی جہ تکہ تھفو نہٕ اڈیچ! خرن دوٚپس۔

"ہیے بہٕ کیاہ کرٕ، کھیٖمہٕ چیٖمہٕ چھےٚ مےٚ" اہنگ" یوان تہٕ ٹانگہٕ دِنٕس چھُنہٕ چیارٕ سے لگان۔" وۄنٹن کریاو اُمس سخ زارٕ پارٕ، مگر خرن مانہٕ نہٕ زٕ کینٛہہ۔ یوتان یموٗ ٹانگو سیٖتھ بانٛکھ مالِک وٲتھ پیو۔ اکہٕ بڑٕ ڈانڈٕ سیٖتۍ تھاوِن دۄ نوٗرے چھوٗمبتھ گیٖلہٕ چوب دِتِنکھ تہٕ تراوِن یلہٕ۔ نیٚبر وٲتِتھ وۄن وۄنٹن اُمس خرس۔" وۄنیوہے نا مےٚ تہٕ دِتہٕ ٹانگہٕ، یہٕ اَرداب کرنا وٕ نوٗوِتھ زیٚبٕلے! خرن دۄنس۔" مےٚ وۄنے ناٹِلے کھیٖمہٕ چیٖمہٕ ہسہٕ چھےٚ مےٚ ہیٚنۍ ہن یوان۔" وۄنٹن کھیٚلیہ کینٛہہ تہٕ لگے دۄ نوٗرے پڈر دِتہٕ۔

بجتہٕ آو کڈٕل، سےٚ شہرس وٲتِتھ لوٗگ وۄنٹن ژٕرٕنس، اُمو پیٚلہٕ گرٕ رِچھن کرٕ کرٕ نخر ہیٚتوت کٔرلہٕ ژھنٛن۔ خرن دۄپس۔" ہیتہٕ پارٕ گۄ وُمہٕ کیاہ، وارٕ کارٕ سے پکان امشکھ!" وۄنٹن وۄنس۔" مےٚ چھےٚ کھیٖمہٕ چیٖمہٕ کدٕلس پیٚٹھ وٲتِتھ نٔچن یوان اَتھ کیاہ کرٕ بہٕ؟" خرن کریاس سخ زارٕ پارٕ، مگر وۄنٹس اوس کانہٕ کیٚنٛہہ تہٕ ڈیٚنٛہ خر کڈٕلہٕ پیٚٹھ بۄن بُرِتھ!

کانٛہہ ھا پیٚلہٕ ہیٚنگہٕ منگہٕ۔ مےٚ پےٚ پٲٹھۍ مِچلہٕ لاگہٕ، ہشر وۄنہٕ اکہار لاگہٕ، نسِس دِیان — اُمس آو وۄنٹہٕ ژٕرٕنس پا اُمس آیہ خرا ہنگ۔

## ۹۔ گگر ہُنٛد نوٗن وُچھُن

یہٕ چھےٚ شہرٕ بن ہیٚنزٕ اکھ عام لکہٕ کتھ، توٚرے چھےٚ اَتھ اَندر لوکٕٹٕین جیوانن بالخصوص انسانن ہیٚنز کام پیٚشِہ ہیٚنز آمٕژ۔ یہٕ چھےٚ تیٚنز عام لکہٕ کتھ زٕ اَتھ پیٚٹھ چھےٚ کینٛہہ نمبر پادٕ گمٕژ۔ کتھ چھےٚ یمہٕ کنۍ زٕ اکھ اوس گگرٕ تہٕ بیٚیہ اُس گگر۔ گگرن اوٚن کیٚنٛہہ تام ٹھوٗل تہٕ گگر دۄپن یہٕ ٹھوٗل تیار کرُن۔ گگرٕ ڈراو اور پورٕ چکرس تہٕ گگرٕ لۍ ٹھوٗل تیار کرٕنہٕ۔ ٹھوٗل یُتھے تیار گو، گگرٕ تیٚژ ہیٚنٛتھی ہنا تہٕ وُچھنس نوٗن۔ اُمس لوٗگ مزٕ ہیشو۔

دوٚپُن۔ نہٕ، وُنہِ توٚرٕ نہٕ مٮ۪ے وارِ فِکرٕ، ہٮ۪بہٕن ہٮ۪نٛزِ نہٕ وارٕ نوٚن وُچھُن۔ یوٚتان اَمہِ نوٚن
وُچھان وُچھان سورُے ٹھوٗل کھٮ۪یتھ موکہٕ لوو۔ گگُر آو پھیرِتھ نہٕ دوٚپنس، کوٚر تٔتے
نیار؟ (کنہِ بوزن دول شرٛچھُ وَنان یَڈٕ ہٮ۪ٹہِ) اَمانوٚ کوٚرُم ہو۔ گرٕ نِ ژٔٹے تھوٚومے
پٮ۪نٛسہ ہٮ۪ن وو کھلس تل۔ گگرن وُچھ وو کھلس تل۔ اَتہِ نہٕ کہینہ۔ دوٚپنس، کتیو
تھوٚوُتھ؟ اَتہِ چھِے تُرس مشرِ (دوٚنس گگرٕ)۔ گگرن وُچھ تہٕ اَتہِ تہٕ نہٕ کہینہ۔ ہیٚلیٚنہٕ گگرس
ٹھوٗل اَتھ آو، تُلن وو کھُل تہٕ لوبُن گگرکُنس۔ گگرٕ ژھیٚوٚن کُن تہٕ دٕرایہِ سوٚ کُن
واٹناونہٕ۔ ہیٚلہِ مٔزدار آسنہٕ موکھہ کانٛہہ چیز ہیٚنٛتہِ ہیٚنٛتہِ خرچاونہٕ سٮ۪ٹھ موکلہٕ، دٕپان
اَتھ گو گگرہُنٛد نوٚن وُچھُن!

# ١٠۔ گگرہُنٛد کُن

یہِ تلمیح تہٕ چھِے مذکورٕ ٹکہٕ کنہِ سیٚتی ہنیاہِش۔ کُنہِ موموٗلی تہٕ بٮ۪ے بُنیاد
مسلس ہٮ۪چھ ہیٚلہِ کنہِ خامخاہ زیٚٹھراونہٕ ییہِ، دٕپان چھس ——— اَتھ ہٮ۪تہ
زیٚٹھرووُکھ گگرہُنٛد کُن۔

ٹکہٕ کتھہ ہُنٛد باقی لُب لُباب چھُ یہِ :

گگرٕ ہیٚلہِ کُن واٹناونہٕ دٕرایہِ تہٕ واتٕ سہ شرس نِش۔ سہ شرس دوٚپُن۔
مٮ۪ے واتھ کُن تہٕ یہِ گرٕ چھ ہنُن سوٚ نہٕ مالیٚکُن۔ سہ شرن دوٚپُس۔ اَنسہ تیٚے۔ تہٕ یہِ
دوٚنس، اَن کنپس۔ کنپس اَنِنہٕ گٔیہِ ڈارس نِش۔ ڈارن دوٚپُس اَنسہ گٔہہ۔ گٔہہ منگنہٕ
گٔیہِ داندس۔ داندن موٚنگس کاسہِ۔ گٔیہِ ہیٚرٕ تٔمہِ دوٚپُس۔ اَن دٕروٗت۔ گٔیہِ کھارس
کھارن ہٮ۪نٛجس ژٕنہٕ۔ گٔیہِ وَنس۔ وَنَن دوٚپُس اَن نیٚوٗلکُل۔ نیٚوٗلکُل منگنہٕ گٔیہِ گرٕ ییسس
گرٕ ییسہِ دوٚپُس۔ اَنسہ بانہٕ۔ بانہٕ منگنہٕ گٔیہِ کرالس۔ کرالن دوٚنس۔ اَنسہ مٮ۪ٹِہ گٔیہِ

کاو دژاو۔ اَکِس آنٛدس تہٕ رازٕ ہونٛزٕ لوگ مۄدمٕت۔ یِمہٕ شخصن رازٕ ہونٛزٕ زالس لوگمُت اوس، تِمہٕ ہیٚلہٕ وُچھ زِرانہٕ ہاُنٛز چھچُہ ہیٚمہٕ عالمہٕ گومُت، تُلُن تہٕ ڈینٛچ دوٗر دأرِتھ۔ رازٕ ہونٛزِس ہیٚلہٕ اِنسانہٕ سِنٛز نظر ڈٲج، وۄتھ تہٕ ووت وَرٲن وٲلان یان کِنٛنس نِش۔ یہٕ وُچھِتھ لوٗگ کاو وۄشنہٕ زٕ "تۄہیہٕ چھُو ہیٚنٛز کٔنہٕ پنٛنہٕ شایہ!" اگر ہٕ پاُصل کٔنہٕ وَنہٕ ہیٚے زِ کرٕ ہیکھ یورٕ ٹاوٹاو تہٕ رازٕ ہونٛزٕ سوٗ کٲہے نہٕ کینٛہہ کٔنہ سمجھاوان سمجھاوان ووٚن رازٕ ہونٛزٕ موغلَن کاوس۔

# ۱۔ اوٗخن زردی

اوٗخن زردی چھےٚ عام تلمیح۔ تِکیٚ چھہ اوٗخن صاحبن سیٖتۍ مختلف کھوٚنڈٕ تہٕ ناکارٕ قصہٕ لٲگِتھ تھوٚوِمٕتۍ۔ اما پوٚز امہِ تلمیحہِ ہُند قصہٕ چھُہ حضرت جلال الدین رومیؒ صاحبن پننہِ مثنوی اَندر نظم کوٚرمُت۔ اَمہِ چھُہ تیٚقہٕ یقین زِ یوٚہے قصہٕ گوٚو حۄ اُمتُک آگُر آسُن۔ کیٚازِ مثنوی چھےٚ پرٛتھکس منز تخلیق سپدمٕژ۔ امہِ سببہٕ تھوٚو یہِ تلمیح پرٛتھکو پیٚچھہٕ آمژٕن تلمیحَن منز۔

مثنوی ہُندِس ترٛیٚیمِس حصس منز چھُہ مولانا رومیؒ اَکِس جایہِ فرماوان۔ اکھ مولوی صاحب یاوس شُرین پرناوان تٕہ اوس تِمن ہٕنز کرٛتہٕ ہیٚنہ، شُرین اوسُن کابہٕ "تٲن کوٚرمُت۔ شُرۍ آسہٕ اُف تہٕ ہیٚکان کٔرِتھ۔ عذرا یلہٕ تِمن ہیوٚو اَہرا وسکھ بہِتھ کرٛان آسہٕ واہن دٲس زنیہ نیٚک تجہٕ اُسکہٕ۔ پھیرِتھ ہواری کرٛان۔ بیچارٕ کرٛ شُرۍ اُتۍ آستہٕ موٚ ژٕ ہیٚمتۍ۔ ییٚلہِ تالہِ کینہہ آے، تِمو کوٚر اکھ مشورٕ زِ مولوی صٲبس عذاب تہٕ تُلہٕ کیٚتھ لبو بیتہٕ! اکھ چالاک شُراہ ووٚتھ "توٚہی سارۍ بوزِو سہٕ میون صلاح۔ مےٚ چھےٚ اکھ سلیم سوٗنچمژ، مگر کانہہ ہیٚکہٕ نہٕ تھٔتھ ڈٲلِتھ"۔ سارِوۍ کوٚرُس آنکار تیمٕ ووٚنکھ "اَسہِ چھہٕ ژٕ تُہہ ژالِتھ، یِگاہ ییٚلہِ سبق پرٛنہٕ یِمو، مولوی صاحبس زنتہٕ اٲزِ زٕ بیو اکہِ اکہِ۔ بیٚس بیٚس اَندر اَژ، سہ سہ وَنہٕ وَدوٕنہٕ بُتھہٕ مولوی صاحبس۔ ژےٚ خصن چھےٚ ازِ زردی ہیٚش پھیر مژ۔ اگر سہ تور بدرَد تہٕ وَنہٕ، کیٚچہٕ تہٕ وایہٕ' یور گژھہٕ توٚہ تہٕ وَدن واٲن لاگُن، بخصن تہٕ اٲجر اسہِ ہےٚ ژٕ تُہے اولاد چھی۔ خدا ئے چھین اگر ہیوٚر بوٗن آسی اُسی کیا کرٛو بیٚنہٕ؟"

یِگاہ سمیا یہٕ ژالِتھ بیٚنس وقتس پیٚچھٹہٕ تہٕ کٔرِکھ کالکس مشورس پیٚچھٹہٕ

محل۔ گوڈ ژاو اکھ ژاٹھ، سلام کرتھ ووٚتھ مولوی صابس، ہتہ ہتشن مولوی صاب تہٕ پتے ژھپتھس لیوہ بر منشو چھیو رٕچھت۔ مولوی صابس کھوت شرارت۔ بیو ازی گرنس تہٕ کر نووُن دم۔ تامچہ ژاو بیا کھ ژاٹھ، سلام کرتھ ووٚن تمو تہٕ ہیو۔ مولوی صابن ژھنس کچھ نہ ہچھا تہٕ کر نووُن ژھوتہٕ۔ یوتان داہ پنداہ ژاٹھ چھیہ مولوی صابس ییہاے اکاے کنتھ وُنان۔ اُمی ہیلہ اکاے کنتھا لوز، گو غلطن ہیو۔ شاید چھیہ شو کھنس کیا ہتاہم گوشتے مگر تہٕ چھس وار کاپہ۔ آخرس ہیلہ سارے ژاٹھ آکہ آکہ گنی کھتھا ووٚنس اُمو شنا شک گو یقینس ہنز تبدیل۔ اُنس منز و چھن ہتہ پمن تہٕ دژن ڈیکس ژنداہ افسوس شوہٹھ چھیہ اُندرہ اُندرہ ژندر گوم دوٚمت۔ تیز کہ پاٹھی چھم زردی ہیبیر ہنز تہٕ بلا احساس گنتہ سیرتو کھنز مولوی صابس تیز۔ شو ہٹھ چھیہ کمہ تام دوہ کھ بیمار روٚزمت تپ تیز کھسان کھسان تہٕ ژووُن پان بسترس منز۔ ژاٹھ دوپن گژھن چھہ از چھیہ بچی شو کھنس کوٚرن دوہ ہنیو۔ شریو پوٚر حمداہ۔ ووٚنہ تلان تلان گئیہ پنینس گرن۔

شریہ ہیلہ گرن واتی والیو باجو کور کھ غاصن زسلی کیا زاٰو؟ تمو دوپ چھ مولوی صاب ہیو بیمار تہٕ آسہ دژن چھٹی۔ یمہ پاٹھی تکیہ کامی گامس خبر ز مولوی صاب چھہ بیمار گوٚمت، لیہٰذا اُکی تم مولوی صابس خبر ہینہٕ۔ مولوی صابن ہیلہ لکہ لگے وچھ گوس یقین کامل ز شو ہٹھ چھہ مرتہ ہنز۔ ہنیار آس خیال ز یمو مو چھم شرلو کوٚرنس بے خبر دار، نتہ گژھہ ہے شو ہٹھ فناہ۔ کیژا ہنے وفا تہٕ نمک حرام چھیہ شو ہٹھ ہنز اشنی ییمہ نہ از تال یہ ژہینہ ووٚن دژ۔ اُمو بلے ہو دہ خیالن ھشوٚدہ شہ پننین جامن منز ننہ، دیٚنن اشنہ تہٕ طلاق۔ آشنہ گرہ یمہ کیا دژ تہٕ چھک وار کاپہ، مگر مولوی صابن ہیٚتہ تہٕ عقلہ کام یوتان اُمنہ وہس منز امانت تہٕ دیٚنن۔

وُہس منز پھساو تہٕ آمت انسان ہیلہ وہمہ ہستی منز یا کانہہ نوقصان گژھس

تس دِیان اُمِس ہَسا کرِ کھ ——— اوٗشن زردی!"

## ۲- اَلِف لَیل وٕنِنہ

## اَلفُ لَیلۃٍ ولَیلۃ

(اَکھ ساس تہٕ اَکھ راتھ)

اَلِف لَیل (The Arabian Nights) چھےٚ عربی زبٲنۍ ہٕنٛز مشہوٗر دٔلیلہٕ کِتاب۔ دُنیاہچ خالے کانٛہہ بٔڑ زبان آسہ یتھ نہٕ یتھ کِتابہِ ہٕنٛد ترجمہ نہ چھاپ آسہ سپُز مُت۔ اَمچ پرٛتھ دٔلیل چھےٚ مزدار۔ اَکھ ضخیم دٔلیلہٕ کِتابہِ ہٕنٛزن کینٛژن دٔلیلن ہُنٛد حال حالے پروفیسر حاجنی صٲبن کٲشر ترجمہ تہٕ کوٚرمُت۔ چونکہ اَتھ کِتابہِ منٛز چھےٚ ساس دٔلیلہٕ، کٲشرِس چھےٚ اَمہٕ کِنۍ زیٛچھرِ کِس تہٕ طوالتکِس خٲطرٕ یمِ تلمیح بنٲوِمٕژ۔ اَمی موجوٗب یُس کانٛہہ زیٛٹھ زلیٛکھ داستانن لاگہِ تہٕ بوزن دول گژھِ تنگ۔ دپان چھُس "کرسا یہ اَلِف لَیل وٕنِنہ بِہِتھ" یا "لٲگِتھ سہ اَلِف لَیل وٕنِنہ!"

ـہ یٲنۍ پانس ہیٚتھ گٔیم زامنہ زامن ہیٚنٛد رؠوس

یٲنۍ پانس ہیٚتھ اَلِف لَیل وٕنان راتھ گٔیم

(امین کامل)

## ۳- حاتمہ سُنٛد طٔے

۱- بازر گژھِتھ چھُتہ ژٔے حاتمہ سُنٛد طٔے کوٚرمُت یہ مٲرٕ کُلو سیتھ

تہٕ ککھہ پکان۔

۲۔ پانٛژھ ہتھ روپیہٕ الاوٗنس دِژھ دیُت سرکارن سانٛی حاتمہٕ طےَ تہٕ پیٛٹھہٕ۔

حاتم چھُ عربُک مشہوٗر سخی اوسمُت۔ "طائی" اُسی اَمہٕ سُند قبیلُک ناو تہٕ اوسے چھُ یہ "حاتم طائی" زیادٕ مشہوٗر۔ کاشُر لوٗ چھِ لفظِ "طائی" "طےَ" ماننِکس صوٗرتس منٛز ورتاوان۔ اَمِس شخصس اوس خُدایَن پھیرِ پھیرِ ژھُنمُت۔ اَما پوٗز اَمہِ مال تہٕ دولتہٕ منٛز اوس محتاجن تہٕ مُفلِسن بےٚواہ اَتھہٕ روٗٹ کران۔ سُہ اوس خانہٕ ہتھ کران بوچھہِ ہتین کھیاوان چاوان۔ اَتھہٕ روٗٹ کرِتھ اوسنہٕ کانٛہہ مینتھ تھوان پننِس سخاوتَس۔ تھوٚوو حاتمن ہمیشہ خاطرٕ زِندٕ۔ کاشرِ زبانی منٛز چھہ ہرلہِ پاٚٹھۍ اَمی سنٛز سخاوتُک ہُنٛد ورتاو جاۓ پیٹھن کرنہٕ یِوان۔

## ۴۔ قوروٗن لاگُن

"قارون" اوس حضرت موٗسیٰ علیہ السلام سُندِس پیٚترِس بٲیِس ناو۔ یہ اوس بوٚڈ مالدار تہٕ اَمہِ سُندین خزانن ہٕنٛز کُنٛجہٕ آسہ تریُہن ووٗٹھن ہُنٛد بار۔ اَما پوٗز اوس سخ کنجوٗس۔ حضرت موٗسیٰ اوس اَمِس زکوٰۃ دِنٛچ نصیحتھ کران۔ مگر یہ اوس نہٕ اَکھ پونٛسہ تہٕ دِنَس تیار۔ آخرٕ کوٗر قوروٗنن حضرت موٗسیٰ علیہ السلامس پیٹھ بدنامی ہُنٛد داغ لاگنُک ژٕھنُن۔ اَکِس بدکار زنانہِ دِتُن رشوت تہٕ یہ بدکام تھاوُن نسبت مَنٛز مگر اَپٕزِس چھے آخرٕ زنگہٕ نیرِتھ گژھان۔ اَتھ پیٹھ کوٗر حضرت موٗسیٰ علیہ السلامن خُدایَن اَمِس بد دُعا تہٕ قوروٗن گوو خزانو سان زمینس منٛز وسِتھ۔

سانہِ زبانی منٛز چھُ قوروٗن کنجوٗس آسنکہِ سِے مطلبس منٛز جاۓ جاۓ استعمال سپدان۔ تہٕ یُس اَکھا دولت مند آسِتھ پونٛسہ خرچاونس منٛز کنجوٗس لاگہٕ تَمِس چھِ "قوروٗن" وَننہٕ یِوان۔

## ۵. جامِ جم

؎ اگر اَز آسِہے جمشید جامَس ہار، ژھٹلی کرِہے
پیٚٹھ ہیس یام چانہِ سوٚمہ چشمن کیٚن نظر ساقیے (فارق بڈگامی)

دانہِ ہا اوس جمشید سندِس زمانس منز اَکھ پیالہ بنوومت۔ جام گو پیالہ تہٕ جم گو جمشید۔ تہٕ "جامِ جمشید" گو جمشید سُند پیالہ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ اَمہ منز بوٚ چھینہ سیٹھا اوس بینہٕ والین حالاتن ہُند پے لگان۔ وارِیہن ہُند خیال چھُ زِ جمشید سندِس زمانس منزٕ چھُ شراب ایجاد نہٕ آمُت۔ اَوے چھِ جامِ جم وَنان۔ سانہٕ شاعری منز چھےٚ یہٕ تلمیح عام پاٹھو رنگہٕ رنگہٕ کاچھو نظر گژھان۔

؎ ژھیتہِ پیٹھ چھُ تُل زِ نقاب | ژھکھنے وَیہہ بہٕ کھیمہ
یا گوناہ یا چھُ ثواب | شاہ اومے جامِ جمے

(رسول میر)

## ۶. کامہ دیو ہیو

کامہ دیو چھُ کاشُرس چھین انسانس تہٕ یوان وَننہٕ۔ مثالے "ہے مہرازُن کیا چھُ وَنُن سُہ ہَسہ چھُ کامہ دیو ہیو!"

کامہ دیو چھُ کاشرِ شاعری ہُند اَکھ دیومالائی کردار۔ ہندوستٲنی دیومالایہ موجب چھُ کامہ دیو عشقُک دیوتا۔ کاشرِ شاعری منز چھُ یہ مدن، پوشہ مدن تہٕ مدنوار کیو کامہ دیو ناوٕ اکثر نظر گژھان۔ یونانی دیومالایہ اندر چھُ اَمِس سیتھا رلہ وُن کردار کیوپڈ (Cupid)۔ مگر اَکھ ناکار فرق چھےٚ یہ زِ کیوپڈ چھُ اوّن تہٕ کامہ دیوس کُن چھےٚنہ کانہہ تِژھ کتھ منسوب۔ دیومالا چھےٚ کامہ دیو سُند طاقت تیوٗت کھٔژراوان

نہٕ پانٛدٕ ایشِہ ہیٚتھ مائرٕ لکہٕ برٛہماجی تہٕ چھُ اَمِس نِش ہمیٚشہ بانٛژراوان۔ کینٛہہ کتا بہٕ چھیٚ

وَنان زِ کامہٕ دیو چھُ برٛہماجی سُنٛد اولاد تہٕ کینٛہہ چھِ وَنان یہِ چھُ دَرما (پیٚزرُک دیوتا)

تہٕ شرٛدا (پَژھ ہینٛنہٕ دیوی) ہٕنٛزِ نیچُٛو۔ کامہٕ دیو چھُ تصویرِس منٛز نیشکرٕچ کمان

پانٛژھ تیٖر ہیٚتھ ہاوِنہٕ آمُت۔ تیٖر چھِ پوشہِ ٹوٗرِ ہینٛدۍ بٕنٛژِل۔ کامہٕ دیوس چھُ

طوطس سوار۔ طوطھ چھُ ہیٚنٛدِکِ دیو مالایہِ کِس عیاشی تہٕ ناماوارِ ہنٛز علامت۔

نیشکرٕچ کمان چھیٚ یٕمہِ کنۍ ہنٛز علامت زِ کامہٕ دیوُن کار چھُ سیٹھا میوٗٹھ تہٕ موٚدُر۔

پانٛژھ تیٖر چھِ ہاوان زِ تمہِ چلاوِتھ چھُ کامہٕ دیو ساٚنِۍ پانٛژَن عناصرَن بیٚہ ہوٚس کران۔

پوشہِ ٹوٗرِ ہٕنٛدۍ بٕنٛژِل (تیٖرَن ہٕنٛدۍ نوک) چھِ ہاوان زِ تمہِ تیٖر چھِ نہٕ ڈَگ یا ڈٕنٛتھ

نَلان بلکہِ چھِ سیٹھا یا پوشہِ اَدرٕ ہیٚو فرٛأری پادٕ کران۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

(کامہٕ دیو مضموٗن از موتی لال ساقی، بشکریہ شیب)

۵ کرٕ لٕکرٕ تمہٕ وہٕ زٕلرٕ جامہٕ مےٚ نیوٗ تمہٕ کامہٕ دیوُن دِل

(عبدالاحد آزاد)

کامہٕ دیو کرٕ مائِل ڈَل بوٗزِم شبنس ترٕ تیل بِل

درشنس آبس اَندر پمپوشس لاگِتھ پرٛارہِ ہا

(مہجور)

## ٧۔ صابرُن سُنٛد صبر

حضرتِ ایوب اُسۍ بنی اسرائیل قومہٕ منٛز اکھ پیغمبر۔ خوش تہٕ خوشحال

اُسۍ، زمین زراعت تہٕ جبہٕ رٕنٛگ اوسُکھ سیٹھا آسُن۔ صحت مند اُسۍ تہٕ ترٛیٚ آشنہٕ

آسُکھ نِکاحس منٛز۔

پروردگارَن تراوۍ تمہٕ از مائیشہِ منٛز۔ گوڈٕ نیچھے گنٛڈن تہٕ تہِنٛدِس زراتھ

ریٹھہ۔ ساری سے لاگنہٕ گئیکھ تباہ۔ تتھۍ پٔتہٕ موٗدکھ سوری جٔمبہٕ۔ حضرت ایوب رٔودی
تو تہٕ خدایس شُکر کرنہٕ منٛز محو۔ یکتاہ گٔژھ لہ سینۍ مکانہٕ پیوکھ وسِتھ۔ ژٔرۍ بارٔژ گٔییکھ
اُتھ تل، فقط نیچی پٔتہٕ تہٕ تہنٛز اکھ آشنہٕ بیمِس، تٔمۍ ناداوس۔ اُتھ حالس پیٹھ تہٕ لٔجی
نہٕ حضرت ایوبس کانہٕ دِلس گژھلہ۔ تمہ رٔودی تو تہٕ خدایہ سُند شُکرانہٕ کران۔

آخرس پیٹھ یہ بیمار گٔیکھ، بیپکھ بدنس، تپش ووٗژھکھ بد بوےٕ، نوکر غلام
ساری گٔییہ پانسی پانس۔ تیمن سیتی رٔودنہٕ کانٛہہ تہنٛز آشنہٕ ورای۔ اُمہ وفادارتہ نایدار
آشنہٕ کوٗر تیمن پتہ بٔنُن پان اڑمور۔ اہنٛز تہ آشنہٕ اُس تیمن نکھس، پیٹھ تلتھ اور یور
رٔنوان۔ پانہٕ اُس اوزٕ نتہ حاصل کرنہٕ موکھ لٔگہ گرٕن پھیران۔ تس پردہ دار خوتونہ یِس نہٕ
زانٛہہ زانہٕ ہے بگاسہ کٔریکھ ہینٛز کام کٔرِتھ۔ ہیٛنہ لگہ گرٕن منٛز پانہٕ چھلنہٕ، داشت پیو
کرٕن حضرت پٔتہٕ یِس خاندانس کِبیٛت اوزٕ تہ اَنٛنہٕ موکھ۔ شیطانن کوٗر یِوٗت تہٕ زور زٔلکھ
کرٕن اُمس نِش بدظنی زٔیہ زنانہٕ یِیتھ گرس منٛز اَژ تیتھ ہیت۔ بیٛیٛر کٔمس شیدا۔
گوٗ حضرت ایوبنٛن زتوٗہ کھیپو حضرت سوری ماز، مرض ترٕ ہو، شراب چھِیو تہٕ بیمارۍ
نکلی مگر حضرت ایوبن ترٕوو نہٕ خدایہ سُند ناو سُہ پوٗک۔ اچھچہ وتہ پیٹھ، سُہ رٔود خدایہ
سُند تو تہٕ شکر کران۔

نو وری پٔتہٕ حضرت ایوبس اُتھ عذابس منٛز کڑنی، آخر کاس خداین
بنٛنس اُمس ٹاٹھس سوزرانٛد تہٕ سعی ذلالتھ۔ تم سپد صحت یاب۔ تیمن آو بٔنُن
جٔمبہٕ واپس دینہٕ، نیم سپد بٔرۍ نیچو پانٛژھ خوشحال اما پوٗز تہٕ تہُند صبر رٔود ہمیشہٕ زندٕ۔

# ٨۔ خداین کوٗرُس عزازیل

شیطانس چھُ پٔنُن ناو عزازیل۔ یہ اوس تیوٗت عابد زِ ملکن تان اوس

زیٹھ۔ تِمَن اوس پَرناوان۔ بیٚیہِ پروردگارَن حضرت آدمؑ پٲدٕ کوٚر۔ تمام ملکَن آو حُکُم دِنہٕ زِ تِمہِ کَرِن حضرت آدمَس سجدٕ۔ عزازیلس اوس عابِد آسنس پیٚٹھ سیٹھ نخوت، اَمہِ کوٚر سجدٕ کرنس نِکار۔ نافرمٲنی سببہٕ آو سُہ دربارِ الٰہی منٛز کڈِتھ ژھٕننہٕ تہٕ لعنتس اَندر گرفتار کرنہٕ۔

۵ تکبرِ عزازیل را خوار کرد     بزندانِ لعنت گرفتار کرد

اَمہِ پتہٕ کرٕ تِمو ملکَن وٕتھ ڈٲلِنچ تہٕ بدی کُن لاگِنچ کام شروع۔ اَزتام اَکھا گۄڈٕ گۄڈٕ خدایس نِش یِتہٕ بدکارَن کُن لگہٕ تَس چھِ وَنان ——— خدایَن ہَسہ کوٚر اَمِس عزازیل!

## ۹۔ عشقِ مجنوٗن

بنی عامر قبیلہٕ کِس اَکِس شخصَس چھُ قیس ناو تہٕ قیس عامری چھُس قبیلہٕ موجوٗ بے وَنان۔ یہ اوس لیٚلہِ (لیلیٰ) ہٕنٛد عاشق۔ لوکچارس چھِ تِم دۄنوے اَکی سے مکتبس منٛز پَران اَسمٕتۍ۔ عشقُک بیالی پھوٚل چھُ اَتی دۄشوَن دِلَن منٛز پیوان۔ آخر چھُ عشق جنوٗنُک حد اختیار کران تہٕ قیس چھُ پانہٕ نِش بےٚ خبر سپدِتھ جنگلَن کُن نیران۔ اَتھ موکھہ چھِ تَس مجنوٗن (کٲشرِ پٲٹھۍ مجلوٗن) وَنان۔

یہ عشقٕ داستان چھُ مشہوٗر فارسی شاعر نظامی گنجوی صٲبَن فارسی زبانہِ منٛز نظم کوٚرمُت۔ سانہِ عہدساز شاعر محمود گٲمی یَن چھُ اَتھ پیٚٹھ کٲشرِ پٲٹھۍ شارَن منٛز ادٲ ومُت۔ محمودَن چھُ تِتھہٕ پٲٹھۍ یہ قصہ پیٚش اوٚنمُت زِ ناو تہٕ واقاتھ اَتی چھِ دوہ پَرماحول تہٕ تاثر چھُس کٲشُر۔ اَتھ مثنوی اَندر چھُ لگہٕ کُنہِ ہٕنٛد ہیو لُطف تہٕ کٲشرِ چھُ یہ تِتھہٕ پٲٹھۍ وۄیہ مُت زِ عام لُکَن چھُنہٕ اَمیُک زَر تہٕ احساس زِ لٲل تہٕ مجلوٗن ما چھِنہٕ کٲشرۍ! محمودُن ترجمہٕ اوٚسطرف تراوِتھ چھےٚ لُکو اَتھ قِصس

"ژٕکہ داستانٕچ" تِژھ شکل دِژ ہَژ زٕ بوزان بوزان چھِنہٕ وٲنِچ گژھان کھنچہٕ۔ یہٕ چھُنہٕ ظٲہر سپدان روزان زِ اَتھ گرنہٕ آمتِس ژکہٕ داستانس چھُ اصلی قصس چھُنہٕ کانٛہہ خاص داخلہ روزان۔ بہر حال یہ قصہ چھُ کاشرِ ین لُوکن تہٕ کاشرِ گوبنہٕ ماتہ چھِیہ وِزِ وِزِ عشقُک رموز لاگِتھ مجلوٗنہٕ سپدِمِس عشقس کُن اشارٕ کرِتھ وَنہٕ ہنا دان رُوٗدی مہتہ خیالے کانٛہہ سون غزل گو شاعر آسہ یُتھ سپدِمُت یس کلامس منز مجلوٗنہٕ سُنز تلمیح نظر گژھِنہٕ۔

## ۱۰۔ منصوٗرٕ سُنٛد نٕہر

شیخ منصوٗر اوس بغدادس منز روزان۔ وٲنسہٕ ہنٛدِ ین پنٛژہن وُہرِ ین تام اوس شریعتُک سخ پابند، پرہیزگار تہٕ خدا دوس۔ برابر پنٛژاہ وُہری گژھِتھ پیو خدایہ سنٛدِ پزِ عشقُک پرتو دِلس اندر۔

اَکھ چھو کھابہ دِل پییس از عشقِ حق
محوِ مطلق گو تمِس دِیُتُن سبق

یُیلہٕ عشقہٕ نارٕ سیٹھا سوختہ گو تہٕ دوپُن "انا الحق"۔ اَتھ پیٹھ آو سُہ قٲد کرنہٕ، تس آو سزا دِنہٕ۔ عالمو تہٕ عام لُکو دوپ زِ اَمی ژوٹ دیُتُس سوٗلہ۔ حضرت جنیدؒ بغدادی تہٕ شیخ شبلیؒ ہیُوٚ سمجاونہٕ یاو وجود چھیوٚ تہٕ منصوٗر پنُنہٕ نشہ تمہ دوپ یمَن بُزرگن زِ لوٗت بہ وو تس تور وٲتِنٛچ چھِنہٕ تہٕنٛزٕ کیٛتھے۔

بحرِ عرفانس اندر یُیلہٕ قطرٕ گو
قطرٕ ڈری یا عین ڈری یا قطرٕ گو

نکا سفہٕ کرٕ تٕ نارس اندر ییٚنہٕ گیہٕ دِژتھ
خاصیت نارُک لوٗبُن تمی رٲہہ شیزِتھ
(مقبول کرالہ واری)

اَخرس آو شیخ منصوٗر دارِس لَدنہٕ، پتہٕ آونہٕ البتہٕ۔ اَما پوٚز تِمہٕنِہ لو عقیدٕ تِمہٕنٛد دوٚان زِ تِمہٕنٛد سوٗرن تہٕ پوٚز "اَنا الحق"۔ دارِس پیٚٹھ تہٕ تہٕ نارِس منٛز دٔزِتھ تہٕ دوٚن تِمہٕ

۵ مُرشدِ امیں راہ بہ باطن چھُم تہی

کیا یہ زاتِ تو تو ہی غبی تے اجنبی

یک سرِ مو از خدا چھُسنہٕ جُدا

بے خدا چھُس بے خدا چھُس بے خدا

(مقبوٗل کرٛالہ وارٕی)

منصوٗرٕ سٕنٛد یہ قِصہ تہٕ چھُ فارسی پیٚٹھے محموٗد گامی یَن تہٕ مقبوٗل کرٛالہ وارٕی چھِ بییہ منٛت کٲشرِس منٛز۔

## ۱۱۔ عدلِ نوشیروال

نوشیروانس اَسی کِسریٰ تہٕ وَنان۔ ایرانُک یہ مشہوٗر بادشاہ چھُ تیوٗت عادِل اوسمُت زِ ازتان چھُ اَمہٕنٛدِ عدلُک پھرٕ تہٕ لیوان۔ کٲنٛسہ اوسنہٕ اَمہٕنٛدِس عدالتس منٛز ظُلم واتان۔ تمِکِن چھےٚ نوشیروانٕنۍ عدالتھ اَز تہٕ یاد۔

## ۱۲۔ حُسنِ یوٗسف

حُسنِ یوٗسف کنعان چھُ پننہٕ بےٚ حد حُسنہٕ کِنہٕ سیٹھا مشہوٗر۔ خوبصورتھ انسانس پیٚٹھ وزِ تعریف ہنٛد کرٛمار گٔنڑنہٕ آسن۔ تَس چھُ "یوٗسف" وَننہٕ یوان کٲشرِس عام انسانن چھُ "یوٗسف" لفظ زبٲنۍ پیٚٹھ یوان یوان ذہنس منٛز خوٗبصورتھ اَکھ کھٕسہ پائیہ پیکرٕ ڈٔلان۔ اَتھ پیکرس سیتی چھُس اَکس داد لدُشَند استان

تہٕ باتہٕ لیوان تہٕ ٹھموٗدٕن بہٕ شمار چھہٕ کیٚشر ہٕنٛ کأشرِ ہِنٛ زلیخا ہٕنٛ بوس لوٗزٕ راوان۔

س۵ نادلایے مسیانہٕ یوٗسفو وٕلو

حُسن یوٗسفٕ سٕنٛزِ تصورٕ متعلق چھُ وننہٕ یوان اَکہٕ دۄہہٕ پرٛژھ زلیخاہ (یوسفہٕ نیٚمِس عاشق گژھنہٕ أمِس) ہٕنٛنہٕ دِسۄ زیوٗت کیاہ چھُ سُہ یوسف یٕمہٕ ژٕ کانہٕ کرٕمژ چھکھ؟ زلیخایہ سۄ تیٚمبراوِ سارییٚے دِسہٕ شرٛکیٚنچ اَکھ اَکھ ڈیٚتنکھ اَکھن کیٚچھ بیٚیہٕ ڈیٚتنکھ مسوٕ اَکھ اَکھ۔ دۄپنکھ ییٚلہٕ میوون یوسف یپأرۍ نیبر تِمی وِزِ کتراوِزٕ یوٚیم میٚوٕ۔ یٚیمہٕ ساتہٕ یوسف اَپأرۍ ڈراو۔ زنانہٕ گیہٕ أمی سُنٛدِ حُسن وُچھتھ حأران۔ ہیٚبرٕ کارٕنٛ گژھنہٕ مسو کیچھ بیٚیہٕ تِمو میٚوٕ بدلہٕ ہٕنٛزیہٕ اوٚنگجہٕ ژٕ ٹٕچھ۔

سانہٕ زبأنۍ منٛز چھےٚ یوسف زلیخایہ ہٕنٛدِ داستانہٕ سٕتۍ واریاہ تلمیح یادٕ گژھنہٕ۔ مثلن زلیخایہ ہٕنٛدِ خاب۔ تۍ کوٗرہس بہٕ یوسفس دۄہ رٕبایو کوٗر، بٕجہ ہٕنٛدِ ستر کوٗن۔

۱۔ زلیخایہ ہٕنٛدِ خابٕچ وِشِ ہنہٕ چھےٚ حاجنۍ ممأبن یِیتھ کٕنٛو کرٕمژٕ۔

"یوسف زلیخایہ چھےٚ حضرت نظأمی گنجوی سٕنٛز مشہور مثنوی۔ یٚتھ کأشرِس منٛز گوٚڈٕ محمود گأمی بن تہٕ پتہٕ محی الدین مسکینن قصہ بہٕ قصہ منظوم ترجمہ کوٗر۔ توراتہٕ کیٚن مورخن ہٕنٛدِ ونُنہٕ چھُ زحضرت یوسف زاے ۱۹۰۶ قبل مسیح سنس منٛز، یٚتھ وُنِکتام ۳۸۸۲ ؤرِی گیہٕ۔ یوسف اوس سدلہٕ ؤہُر، ییٚلہٕ سُہ ہیٚنٛو وِرِ بایو" دوٗنٕ ججابہٕ کرٕمیٚن اَنٛدرٕ ژھٕن۔ اَتہٕ کھوٗل یہٕ قافلہٕ والیو تہٕ وانٛنو وُکھ مصر۔ بیٚیہٕ اَمہ وقتہٕ اَپاپھس (Apaphis) ناوٕک بادشاہ اوس۔ أمی سٕنٛدِ باڈی گاڈٕک اَفسر (یا بروایت ابن عباس شأہی خزانک اَفسر) اوس "فوطیفار" ناوٕ اَکھ شخصا یٚیشِنٛز آشنہٕ "زلیخا" ناو اوس۔ أمی ہیٚوٚت یوسف قافلہٕ والین نِش مُلہٕ۔ قریبن ژرین وُریٚن رؤدُ سُہ أمِس گرِس منٛز۔ اوٚت تام چھُ یہٕ تأریخی واقعہ۔ یہٕ تہٕ چھےٚ حقیقت زحضرت یوسف

اوس خوبصورتی منز جوٗرٕ روٗس۔ اُمِس پیٹھ سپز زُلیخا عاشق۔ مگر یہ روٗد پاکدامن

ییتھ پیٹھ اُمِس اَپزٕ ہانژ دلائی چکھ تہ تمِس پیو نُو وَرِی جیل تہ کڈُن۔ بییلہ

حضرتِ یوسف ترٛٲہ ۲۳ وُہُر ہیوٗو اُتھ جیلہ ڈٲو شہ بنیوو مالکِ مصر۔ مگر تیتھ کتھ

چھُنہ تأریخ تأئید کران زِ حضرت یوسفن کیا کوٗر فوطیفارُن زنانہ زُلیخایہ سیتھ نیتھر

فارسی ادبی رِوایژ تھوٗو یہ قصہٕ کأشرس منز کھَر کَرِتھ زِ یوسف وُچھنہ یوٗ تیہ پیٹھ

سپدے اُس زُلیخا یوسفس خأبو وُچھان۔ یوٗ تام سُہ تَس گَرٕ ووت۔ مگر بییلہ حضرت

یوسف پاکدامن آسنس پیٹھ ڈٲٹھتھ روٗد۔ زُلیخا یہ ڈٲو نہ خابس شہ تعبیر یہ سوہ

کانچھان اُس امیکہ سَتھ پد نتیجہ وُلیتھ تہ تمِس روٗد ہنٛدُن حسرت پانسے نیش۔ از تہ چھے

وارِہن تحت الشعوری اورزِ وَین پھیٹے وَنن گژھان۔ تہ ترٛن دأرس چھُہ وَننہ یوان

اُمِس تسہ گیٛیہ زُلیخایہ ہنٛدی خاب۔

۵ تژیمہ دوہ ہے گیٛیہ زُلیخا بیدار

خاب ڈیوٹھن آو یوسف شہسوار

(ماخوذ از مقالات مُصنِفہ پروفیسر حاجنی)

(ب) یَتیمہ وِزِ انتہائی قیمکہ وور بایاریچ مثال دِنٕ آسہ' دُیان چھ

تس ہسہ کوٗرکھ تی یہ یوسفس وور بایو کوٗرمت اوس۔ حضرت یوسفس اسہ

داہ وور باے تہ اکھ بینُن سَنح بوے۔ بابہ صأبس تمِس حضرت یعقوب ع نادادِس

اُسہ پانہ یوسف سَنح نا کھوٗ مگر وور بایَن اوس یوسف چھ منز کینژ۔ اخرس سوٗنچ

تموزٕ اُسہ کرٕ ہون یوسف مار۔ بابہ صأبس ہیوٗتکھ اجازتھ تہ نیوٗکھ یوسف پانس

سیتھ سأل کرناوِنکہ غرضہ۔ یوٗ تام حضرت یعقوب شہرٕ نظر اُسکھ تو تان اوس حضرت یوسفس

اکھ بوے کھوٗتہ تہ نگان تہ بیا کھ تراوان۔ بییلہ نظر ڈُلی، دور نو وُکھ یوسف نیتھ ووٗنے

کنیو پیٹھ تہٕ کنڈ پوشرۍ۔ سانہٕ لوک شاعری چھُ یہِ واقعہ ییٚتھ پٲٹھۍ رٔژھمُت

ہ یوٗتان اُسُم بابس نظر توٗتان اوسُم جایہ جایہ ژھٔنرہٕ
ییٚلہٕ ڈیوٗٹھم بابس نظراد، ہیوٗتہٕ نٲم جایہ جایہ گُذر

حضرت یوسف پنٕنیہ ژھینہِ، یوٗتان "دٔوتن" ناوِ اکس جایہ کرٕ پرس منز ژراوٕنہٕ آیہ۔ پانہٕ آیہ اُہندۍ تیم بٲے وٲدان رٔوان تہٕ پان ژٕٹان ژٕٹان بابہٕ حضا بٕس ننش زِ حضرت یوسف کھیو رامہٕ ہوٗنۍ۔

حضرت یوسفس سیتۍ وورہٕ باین ہُند یہ سلوٗک چھُ نہٕ فقط عام لکہٕ نِنے وسنہٕ زانہس بلکہ چھُ کوٗشرا تُہ تہٕ وِزہِ وِزہِ استعمال کوٗرمُت۔

ہ لوٗکچ یوسف ہاہ وورہٕ باین اکس منز
مےٚ چھےٚم رامہٕ ہوٗنۍ رٲچھ اندۍ اندۍ ژھوپٲرۍ

(مہجور)

## ۱۳۔ کربلا گٔژھن

خلفائے راشدین ہٕندِ زمانہٕ پتہٕ ییٚمہِ جگہ دوٗز واقعہن اسلامیہ یکس دینی تہٕ سیاسی تاریخس منز سارنے کھوتہٕ جاد اثر ترٛووُمُت چھُ حضرت امام حسینؑ سٕندِ شہادتُک عظیم واقعہ۔ دُنیہس کُنہ تہٕ دوٚہ لد واقعس منز آسہٕ نہٕ ازتان تیوٗت وَدنہٕ یِوان آمُت، یوٗت اَتھ واقعس منز وَدنہٕ آو تہٕ ماتم کرنہٕ آو۔ تُرہِن شتن وُہرین منز آیہ ۱۰ محرم ۶۱ ہجری یہ واقعہ پیش یاد لوٲگۍ تازہ کران رٔوزِتھ۔

اہلِ بیت اُسی برونٹھے پانس خلافتکۍ حقدار زانان۔ ییٚلہٕ امیر معاویہ بن ابی سفیان سٕندِ گُذرنہٕ پتہٕ تختِ خلافت خٲلی سپُد، کوٗر یزید بن معاویہن

خلافتُک اعلان تہٕ حضرت امام حسینؑ صابٕنس تہٕ دوٚپکھ یِہِ زِ تِم کرِن بیعت۔ یزید اوس یِژھان سیاسی اختیاراتن سٟتۍ سٟتۍ مذہبی اختیارات تہٕ ہیٚنٛدٕ ماریکہٕ تہٕ بنُن۔ مگر حضرت حسینؑ کوٚر بیعت کرنہٕ نِشہِ صاف انکار۔ آخرس کوٚر یزیدن کٔرِ کار کاسنہٕ خاطرٕ حضرت حسینن جنٛدٕ اسنادٕ۔ پننۍ ۷۲ رشتہٕ دار ہمسایہ ہیٚتھ تِمو دریاے فراتکس بٕٹھس پیٹھ کربلاہکس مٲدانس منٛز ڈیرٕ۔ حضرت حسینؑ اٲسۍ نہٕ خامخاہ جنگ یِژھان مگر یزیدٕنس اوس پنٕنۍ فوج وُچھتھ کاڈِ ین کھوٚتمت۔ اَما پوٚز حضرت حسینؑ ماہیکہ ہٕنٛ صداقتس پیٹھ اَپزیکس پٕردٕ ژٕراوٕلن زٕ ویٚتھ۔ آخرس سپُد جنگ تہٕ کربلاہکس مٲدانس منٛز صداقتُک ژونگ دٕزٕ وون تھاوِن واٲلس حضرت حسینس تہٕ تہندین رفیقن آو فراتُک آب بنٛد کرنہٕ۔ رفیق تہٕ دٕدٕ ماحوم شُرکو گیہِ ترٛیشہِ ترٛیشہِ کرِن شہید۔ شہہ ماسس حضرت علی اصغرس تہٕ آو نہٕ اَکھ ترٛیشہِ قطرٕ دِنہٕ تہٕ ترٛیشہِ بدلہٕ آیہِ تِم تیرٕ اکہٕ تیرٕ سٟتۍ شہید کرنہٕ۔ بیٚیلہ سارِنٕی رفیق شہید کرنہٕ آے تہٕ ۱۰ محرم سنہ ۶۱ھ منٛز آیہِ حضرت حسینؑ تہٕ شہید کرنہٕ۔

یہِ واقعہ چھُ تیوٚت جگر دوز زِ کٲشُر زبٲنۍ اندر چھہِ انتہٲیی ظُلمہٕ انتہا وٕنس پیٹھ وَنان "کربلا کرُن یا کربلا گرٕ ژھُن"۔ خطرناک، ظالم جاگیرتہٕ جاہل انسانس چھِ وَنان یزید۔ چنانچہ کشیر منٛز چھُنہٕ کانٛسہِ مسلمانس یزید ناو تھوٚونہٕ یِوان، حالانکہ انجیرا ملکن اندر چھُ یہ ناو چلان وُن۔

## ۱۴۔ نوحؑ سٕنٛز داٲس

حضرت نوحؑ روٗدۍ ساڑھے نو ہتھ وَری یِمن پننِس قومس ہدایت کران تہٕ وعظ دِوان۔ قوم تہٕ روٗدۍ تِم بے ہدایت۔ لہٰذا آیہِ حضرت نوحؑ سٕندۍ وقتہٕ جادہ سیلاب دُنیاہس اندر۔ اوے روٗد مشرقی مُلکن اندر واریاہن جاین تہندِ نِشانہٕ ہیتھ وسیلہ یادگار تلمیح۔

بیپربلن ٹھوٗو کنھ گنڈِمُن، خِدمتس رۄدُس پانہٕ۔ رُت رُت کھین لوگنس دِیُن، مگر سیٹھا ٹھوٗونس اکھ شال تہٕ تکیہ نکیہ گنڈِتھ۔ کنھ بیٚیلہ کھیٚیتھ چیٚتھ موکلان اوس۔ نظرِ اوس چیوان شالس کُن تہٕ ہاوتہٕ سینتھ اوس دۄہے کھوتہٕ دۄہے ہران۔ وہرِ ہنٛد اوسنہٕ سوالے! یوٗتان اکھ وٕری گُذریوو۔ وُہرِ آو اکبر کنھ وُچھنہٕ، اَتہٕ وُچھُن کنھ تیٚتھے پٲٹھ اکھ وٕری برونٛہہ اوس، تکیاہ زِ شالہ بیمہ اوس نٔس بچارس کھیٚیوٗمت چوٗمت واپس نیرن۔ پادشاہ گو خوش تہٕ دیُتُن بیپربلس تیناہم۔

## ۱۷۔ خواجہ خضر سمکھُن

حضرت خضرؑ چھُ اکھ پیغمبر۔ دپان یمو چھُ آبِ حیات چیوٗمُت، یمیہ سِتی تِم تا قیامت زِندٕ روزن۔ یم چھِ خُشکی پیٹھ وَتہٕ راہ بٕرمتین وَتھ ہاوان۔ بلکہ عذاب منٛز گرفتار گٲمتین اَتھہٕ روٗٹ کران۔ کاشرین اکہ کتھن منٛز چھُ حضرت خضرؑ دیدٕ دوٗر دراز سفرس منٛز، روٗدٕ گٲمتین مُسافرن وَتھ ہاوان تہٕ دادی لَدن تسلا دِوان۔

قرآن کریمس کس الکہف سورہ شریفس منٛز چھُ اللہ تعالیٰ فرماوان زِ "حضرت موسیٰ پیغمبرن بیٚیلہ پننس خادِمس وۄن زِ بہٕ کرٕ تۄتان پٔنُن سفر ختم یوٗتان نہٕ دۄن نوٗنی دٔرِیاوَن ہنٛدِس سنگمس نِش واتہٕ۔ تِم بیٚیلہ پننس گرس نِش واتی مگر سۄ گاڑ گیکھ مشرتھ یۄسہٕ تِہنٛدِ خانچہ منٛز ژَلتھ۔ دٔرِیاوس اَندر گیہ آمہٕ پتہٕ بیٚیلہ حضرت موسیٰ پیغمبرن وۄن پننس خادِمس زِ اَسہٕ کرو کھین چین تہٕ خادِمس پیو یاد، وۄننُن حضرت فلانی جایہِ واتِتھ ژھۄکھ سۄ گاڑ مگر مےٚ رۄد نہٕ تمہ وَنُن یاد، حضرت موسیٰ پیغمبرن وۄنُس، تمی جایہِ ہُنٛد تہٕ اوس مےٚ تلاش۔ حالانکہ تِم آیہٕ پۄت کھورے، تمی جایہ پھیرتھ تہٕ اُتی سمکھیوکھ خدایہ سنٛد بٔند یُس بندٕ منٛز اکھ شہ نیک بندٕ، یمِس قدرتن اکھ خاص علم عطا

گوٗرٕ چھنہٕ چھُہ" دپان حضرت چندن اندر چھُہ اَمِس نیک بٔڈ تسنٛد ناو حضرت خضرٕ اوس پیچھ
پولاکہ، مُسلمیو تہٕ حضرت خضرن چھُہ پنٕنو حضرت موسیٰ علیہ غائب ۔

کاشیرس ادبس اندر چھُہ خواجہ خضرٕ سٕندِس ناوک وارٕ استعمال کران یِلہٕ کاشیہ کانٛہہ
غٲبی امداد یا رہبری یِتہٕ تھٕکنہٕ کُنہِ پیٹھ تَتھ حضرت موسیٰ پیغمبرس بنیہ یوان اُس۔

## ۱۸۔ پٔشدارٕن سود

اندر چھُہ رنگ، دِیکھ بوٗد ہیُوٗ دِنا ۔ یَتھ "نغمٔہ آسمانی" گوٚو پھٕند و فلسفس
اندر تہٕ پتہٕ کاشیرس تَصوف منٛز چھُہ دۄن تھٕنٛن۔ امہ نغمُک سوز چھُہ اَکس خاص حٲلی
حالس اندر مانکس سرگرشہان ۔ یتِہ تس امہ کہ غٲبی تہٕ پُتہٕ ہستی و مِیانی لذت چھُہ
دپان ۔ یمہ شفا بلہٕ زیٹھکی ساری نغمہ بے ہنگام شور و شر سوٗ چھُہ باسان یسٲنی
صوفی شاعر چھِہ اَتھ نغمس انوب سوز منصور "تصور" کران تہٕ تھٕکن سوز تمہ
نالن یتس سار کہ چھُہ "سلطان اذکار" و خلیفہ کُہ دان مخصوص کران ۔

~ اندر اتہٕ دربارٕ نغمہ کران چھِہ پُرستانو
(احمد بٹہٕ واری)

## ۱۹۔ نمرود نٕ دم

حضرت عیسیٰ علیہ السلامس برونٹھ ۲۳۰۰ ہری اُس اَکھ "نمو" ناوک
اکھ پادشاہ عراقس اندر اکہ بجہ سلطنت ہند بنیاد تراوِتھ۔ اَتھ ناوس پیٹھ بیوٗ
امہ خاندانُک لقب "نمو" یُس عربی زبانی منٛز شاید تتھ "نمرود" بنیو۔ اَتھ خاندانس قبیلس
اوس "کھیلو" ناو۔ تہٕ اَتھ ہند بوٗد شہر یوس اوس "تنارہ" اَتھ "شہرادس" نار پھشرد ناوی ۔

ABRAHAM LONDON . 1935 ٥ وچھو سر لیا نارڈ وولی سٕنٛز کتاب

حضرتِ ابراہیمہ سِنٛدِ وقتہٕ یُس نمرود پادشاہ اوس سُہ اوس پننِس پانس زندٕ نٕنا رٕ مانٛزِتھ خدائی ہُنٛد دعوٰی کران۔ اَمِس تاریاو حضرتِ ابراہیمن علیہ السلام فیکرٕ زٕ تٕ ژھانٛکھ اَکھ بَتھ۔ مگر نمرود آو وٕھٹیتھ۔ تمہِ دِتی حضرتِ ابراہیمس علیہ السلام رنٛگہٕ رنٛگہٕ تکلیف۔ حضرت ابراہیم گو کوٚڈ فلسطین تہٕ پتہٕ عرب۔ اُہنٛدِ بیرٕ پتٕنے آو عیلامی قبیلہ یلغار کرِتھ تہٕ کوٗرُن نمرود خدائی ہاوتھ تہٕ "اُر" شہرس سیتی فنا۔ اَتھ قصس چھِ تام کم از کم اکنا جی شمتھ وُری گژھان۔ اوٚت تام چھُ یہ تاریخی واقعہٕ...........

ڈلیلہ گرو ہُری اَوی اَکھ واقس داریاہ قصہٕ۔ یموٚ منٛز اَکھ قصہٕ یتہٕ چھُ زٕ نمرود کوٚل اَکی اَنٛگُو منٛز۔ یُس نمرود سِنٛز نستہٕ منٛز ژٕتھِتھ دوہ منٛز اَنٛدری اَنٛدری ماز کوٚران اوس۔ دوٚیُم قصہٕ بَڑ روٗد گوہ یہ زِ نمرودن دوٚپ حضرتِ ابراہیمس زِ اگر چھُن خدا آسمانس پیٹھ تہٕ اَمہٕ ثُمتہٕ تہٕ ہیکَن بہٕ اَکہِ تیرٕ سیتی والعیاذ باللہ سُہ مٲرِتھ۔ چنانچہ نمرودن لوٚے اَکھ تیر آسمانس۔ یہ آو اَکِس گاڈ (یوسہٕ نیلس نَبس تلہٕ کنہِ تصور کرِتھ منٛزس سمندرس منٛز اَسہٕ) گاڈ ہور بیا پے ترٛین دوہن خوٚن۔ یتھے سیتی نمرود سِنٛدی بے قلٕ رعیت تمس خداہ زانٛنِتھ پوزا کرنہٕ لٔگو۔ دلیلہ گرو بڈ روود یہ افسانہٕ بنیٚمیہ یُن تہٕ تم چھِ اَز تہٕ گاڈ ہِنٛدِ کلہِ اَنٛدرٕ اَکھ اَڈچ یادان یتھ تیرچ (کانٛژ) شکل چھِ۔ تِہنٛدِ کنہِ چھُ یہ سِلے تیرٕ یُس نمرودن اسمان لوٚے۔ نمرود سِنٛز اَتھی خود سری تہٕ سرکشی پیٹھ بنیو وَٲشر تلمیح ـــــــ

"نمرودٕنی دم"

۵ رٕہ چھُکھ دوان نمرودٕنی پاٹھی دم
یود ژنٛلے ہیوکھ منٛے ہیوکھ آسے کم کم
بیگنہ نو شداد، ستم طے لولو
دٕسے ژھا نجام نوبتھ نیہ لولو

؎ نمرودن دم دِتی کاں لوٚین اسمانس تامے
رد کوٚر تسنہ ذاتن گاڑِ خوٚن ہور ترٛین دوہن تامے
دِل ژٔوٚر نیوٚکھ دِلبرن یارِ دٔز میانٛی تن تامے .......

## ۲۰ - نمرودُن نار

وَننہٕ چھُ یِوان زِ نمرودن ییٚلہِ حضرت ابراہیم سٕنٛد نصیحتُک کانٛہہ اثر قبوٗل کوٚر نہٕ تتھ ماوجنہٕ ہیٚوتن حضرت ابراہیمس رنگہ رنگہ اَزماوُن۔ دِپان نمرودن کوٚر نار اَلاو تیار۔ یتھ منٛز حضرت ابراہیم ژٔھراونہٕ آے۔ حضرت ابراہیم ییٚچھے اَتھ منٛز ژٔھراونہٕ آے یُتھے کو تسنہ نار پوشہ باغس منٛز تبدیل تہٕ پروردگارن روٚچھ تِمن لولہٕ بٕنٛدۍ ؎

نارِ نمرود کو کیا گلزار
دوست کو یوں بچا دیا تو نے (داغ دہلوی)

کاشرِ زبانِ منٛز چھےٚ اَمہِ تلمیح ہُنٛد یِمانہٕ اَتھ واقعہس یاد پاونہٕ خاطرٕ کیہنہ ضربُ المثل تہٕ مثلن نارس گلزار گژھن۔ نارس پوش پھوٚلِنۍ۔

## ۲۱ - نیچہ تُہند ستٕرکوٚن

یہ تلمیح چھےٚ تمی وِزِ ورتاوس لگان ییٚلہِ موموٗلی حیثیتُک انسان گٔنہ قیمتی چیزس مُلہٕ ژٔرِ ہیٚوان۔

دِپان ییٚلہِ حضرت یوسفؑ ووٚرِ بایوٚ مصری سوداگرن کُن تہٕ سوداگرو وانٛہنووُسُہ مصر۔ تہٕ تہُنٛد حُسنُک شوہراوُن تہُنٛد مصرواننہ برونٛھے لگو بکِزمُت۔ غولام مُلہ ہینہٕ دٲلی کٔرمہ امہ بے تابی سان تِمن پٔراران۔ مصر واتناوِتھ دِتٕ سوداگرو حضرت یوسفؑ

## ۲۵- اسفندیارٕ ہیوٗ

اسفندیار اوس ایرانٕکِس کیانی پادشاہ گشتاسپ سٕندٕ نیچُو۔ یہ چھُ پننہِ زمانُک اکھ بہادُر پہلوان اوسمُت۔ دَپان اَکہِ خاص دَوا ذٔرِ یٕمۍ سٕتۍ سٕران کرٕنہٕ پتہٕ اوس اسفندیارٕ سٕندٕ بَدَن لوٗہُوٗ بنیومُت۔ اَمہِ سببہٕ اوس تہٕ تَس پیٛٹھ کانٛہہ جنٛگی ہَتھیار کارگر سَپدان۔ تتھۍ اوس ایرانٕکین دُشمنَن کانٛٹی نوم کوٚرمُت نٕہِنٛد طاقتنٕہ تہٕ شوہرتٕہ سٕتۍ اوس پانہٕ تَسٕنٛد مول تہٕ عاجز آمُت۔ تَس گوٚ خوف زِ اسفندیار گوٚژھِہ تختس قبضہٕ کرُن۔ اَوٕ موکھہٕ کرنا ونو پننہِ مٲلۍ رُستمُن سٕندۍ ذٔرِیہ قتل۔ اسفندیار چھُ اَزتِہ کِس بہادُر انسانَس وَننہٕ یوان، یُس نہٕ ہرگُز قتنہٕ خوف روزان آسہِ۔

## ۲۶- دیوِ سفید ہیوٗ

دیوِ سفید تہٕ چھےٚ شاہنامہٕچ تلمیح۔ یہ اوس اکھ خطرناک تہٕ خونخوار دیو۔ یُس کاپہِ اَنٛد سیٹھا گُذرُ اوس۔ سُہ اوس شاہِ مازندران سٕندُ دوس۔ ییٚلہِ ایرانُکۍ کیکاؤس پادشاہَن حملہٕ کوٚر تہٕ اَمۍ دیوِ سفیدَن اوس شاہِ مازندرانس اَتھہٕ رٹُے کوٚرمُت۔ رُستمس پیٛیہِ کیکاؤس دیوِ سفیدَس نِشہِ موکلاونہٕ موکھہٕ ہفتخوان جِرٕ گُذرُ وَتہٕ طے کرٕنۍ۔ آخرس سپُد تَس دیوِ سفیدَس سٕتۍ مُقابلہٕ تہٕ دیوِ سفید سپُد مار۔

دیوِ سفید چھُ کانٛسہِ ظُلمہٕ وٕرییہٕ وِکھتَس تہٕ خطرناک انسانَس طٔرِن وَننہٕ یوان۔ ییٚمہِ ساتہٕ تتھۍ سٕندِس دٕسو کانٛہہ ترٛٲٹھ کأم چھےٚ سرزَد یوان۔ یوٚسہٕ نہٕ عام انسانہٕ سٕندِ دٔسۍ سپدان چھےٚ۔

## ۲۷ - دۄمرا یارٕن (عمرٕ عیارٕن) کھیٚش

داستانِ اٙمیر حمزس اٙندر چھُ وننہٕ آمُت زِ دۄمرا یارس اوس بُزرگو اکھ تیٚتھ کھیٚش (تھٚیلہٕ) دِیُتمُت، یتھ زٕن سورُے دُنیاہ تہٕ اگر منز پیہِ ہیٚے برنہٕ تو تہٕ اوسنہٕ پُرٕ ونہٕ یِوان۔ جنگن دوران چھ دۄمرا یارٕن اٙمہِ کھیٚسہِ سیٚتی عجیب عجیب اقم کٔرِ مٕتی۔ مثلن سُہ اوس اٙتھ منز ساسہٕ بدٕ شیطان، کُفار، جِن، دیو تہٕ جادوگر وارا ہ کالس تان جیل برٲن تہٕ کھیٚشس اوسہٕ تو تہٕ پُرٕ ونہٕ یِوان۔ دپان تِمو اوس اٙکِس جنگس دوران ملنگھ موت تہٕ کھیٚسس بوٗرمُت تہٕ پہلوان سپدِ کو سیٹھا تنگ بیمٲلِنہٕ سیٹھا زور کٔرِتھ تہٕ کھیٚنو مرٲن اوس۔ اٙمہِ علاوٕ اوس سُہ سیٹھا چالاک تہٕ مُسخرٕ لاگِتھ اوس دُشمنس پیس ناران۔

عجیب و غریب قسمہٕ کِس چالاک انسانس چھ دۄمرا یار (عمر عیار) ونان تہٕ یُس شخص کھیٚسے تہٕ کھیٚسے کٔرِتھ تہٕ بوچھ ہیٚوٗ تے لاگہِ، طنزٕن چھ تٔمِس دۄمرا یارٕن (عمر عیارٕن) کھیٚش ونان۔

## ۲۸ - حضرت سُلیمانٕنہِ ہیٚشرِ واچھ ....

حضرت سلیمان علیہ السلام اوس ۹۶۵ سٕنہ ق۔م پیٹھہٕ ۹۲۶ سٕنہ ق۔م تام پادشاہ۔ رِوایت چھےٚ زِ اٙمِس ماتحت اٙسی نہ صرف انسان بٔلکہ وُڈوٕنی جانور تہٕ جِن تامت تہٕ۔ پادشاہَن چھےٚ ہمیشہ پیٹھ واچھ کرٲنکِس اندر مُہر کٔھٹِتھ اٙسی مٕٹ تۄرے چھُ "مُہرٕ بیشرف" وننہٕ یِوان۔ گویا زِ پادشاہی ہیٚشرِ علامت چھےٚ تٔمِس مُہرٕ۔ یتھو مین ۲۸۹۲ دٔرمیٚن چھُ یہودین، نصرانین تہٕ مسلمانن ہیٚشرِ اٙتھ رِوایژ تیموٚت درہر

اُمِس آیہٕ نَس ژٕٹنہٕ۔ یہٕ واُتھ اُتھۍ حالَس اَندر بأیِس نٔنِشہِ لنکایہٕ تہٕ بٲنٛنہٕ نَس ہأرٕ یتھ ژھُنٛن رام چنٛدر جیَس پھیر یتھ پھیرن۔ یوٗہے واقہٕ بنیوو نٲٹک گوڈٕ۔ یتھ پیٹھ والمیک جیَن سنسکرت پٲٹھۍ تہٕ تُلسی داسَن ہنٛدی پٲٹھۍ موشوٗر رزمیہ "رامایَن" لیچھ۔ یمیُک مونجٕصر ترجمہ کأشِرِ پٲٹھۍ تہٕ چھِ کرنہٕ آمتہٕ۔ (پرکاش کولُن مطبوعہ رامایَن نیٖل کنٹھ شرما تہٕ آنند رام ترٛہسل مُنٛد غأر مطبوعہ کوشُر رامایَن)

سروٗپ نکھا چھے سوہ نسٕتہ ژٕٹ زنانہٕ یَس ہنٛدِ اوریور وَناوُنی پیٹھ راوَنَس تہٕ رام چنٛدر جیَس دَرمیان نیاے وُزیوو۔ اَز تہِ یلہِ کانٛہہ نیاے ووتھان وُل آسہِ اُسو چھِ وَنان..... "خبر کیا سپدِ، نسٕتہ ژٕٹ چھِنہٕ نژان"۔

## ۳۱۔ یوٗہے بُخ نصر ہیوٗ (بخت نصرٕ ہیوٗ)

بخت نصرٕ اوس شیٖمہ صدی قبل مسیح منٛز عراقُک اَکھ خونخار بادشاہ۔ اَمۍ کوٚر ۵۸۶ ق م ہَس اَندر فلسطینَس پیٹھ حملہٕ تہٕ کوٚرُن ہیکلِ سُلیمأنی تبٲہ۔ یہوٗدی قومَس کوٚرُن کتھِ رِیتھ۔ یِمَن کأنٛسہِ بچوو تہٕ کوٚرُن ذلیل تہٕ خوار۔ بُخ نصر پِیٹھِ اَکھ خونریزی پیٹھ روٗد عام ذہنَس اَندر خونخوأری ہُنٛد مُجسمہٕ بُخ نصر۔ فارسی اَدبہٕ کِس اَثرٕ بڑٕ ژنہٕ اوس یہِ خیال تِمَن یہوٗدین ہنٛدِ دَستہٕ یور ووتمُت۔ یِم بقولِ البیرونی نوٚوِمہ صدی عیسوی تام کشیر یوان گژھان اُسو۔ فلسطینچہ اَمہ تباہی پَتہٕ ۵۳۸ وٕری گژھتہٕ یِلہ ایرأنی بادشاہ خسرو دَن بُخ نصری خاندانُک پایہٕ تخت "بابل" زیون، تِمہٕ کوٚڈ حُکُم زِ یِم چھِلہٕ چھانگہٕ یہوٗدی زِندٕے چھِ، تِم گژھن بیَیہِ فلسطینَس اَندر بسنہٕ۔

کأشِرِس تأریخَس اَندر چھُ اَکھ مُقابلہٕ "یوٗہے نلسان ہیُو" تلمیح بُخ نصرس برٕ ژنہٕ قریب سَتھ ہتھ وری دوہ پد یومُت۔

# ۳۲ - فرہادٕ سٕنٛد تالہٕ ٹونٛگ

یہٕ تلمیح چھےٚ حضرتِ نظامی گنجوی سٕنٛزِ مشہور مثنوی "شیرین خسرو" پیٹھٕ کاشرِ زبانِ اندر دٲخِل گٔمٕژ۔ "شیرین خسرو" چھےٚ کاشرِس اندر حاجی محی الدین مسکینن لیٚکھمٕژ۔ خسرو پرویز اوس سنہ ۵۹۰ء پیٹھٕ سنہ ۶۲۸ء تام ایرانُک ساسانی بادشاہ۔ اُمی سٕنٛدِ عہدٕ اوس فرہاد ناوُک اکھ عاشقاہ شیرین ناوِچ زنانہٕ فریفتہ گومُت۔ شیرین ہیچھ اوس بڈ۔ نہیٚ خسروس ژُور پیومُت۔ اماپوز فرہادَس اوس کھاندرٕ اقرارس شیرینہٕ یہ شرط تھوومُت زِ اگر فرہاد "کوہِ بے ستون" ژٹِتھ دودٕ کوٗل کھنِتھ تہٕ تس گرٕ واتناو۔ سو کرِ تس اقرار وصل۔ فرہادن مون یہ شرط تہٕ لوگ کوہ پرانٹنہٕ۔ مگر تس ژٕھاٹان ژٕھاٹان ہیٚلہٕ وونی تس کٔرٕ حیلہٕ زٔنتہٕ اوس۔ تس آیہ اکھ مال ذالتھ زنانہ یہ اتھ خبر ہیتھ سوز زِ شیرین گیہ ییمہ عالمہ بے فرصتی منز دون فرہادن یہ کوٹھ پٕٹھ۔ زندگیہ رودُن دونی کانہہ حصہ۔ تہٕ ٹلُن پننہٕ نیٚ ٹونٛگ تہٕ لوٚیُن پانے پننس کلس۔ ییٚتھ پٲٹھۍ مود شہ پاک عاشقی منز۔ شیرین نیہ ایرانکو خسرو پرویزن۔

کاشرِ عشقیہ شاعری منز چھُ فرہادٕ سٕنٛد عشقہٕ قصہٕ تہٕ ٹونٛگہٕ سیتی پان گالنُک واقعہ قریبن پٔتھ شاعرس یاد پیومُت۔ عام روزمرس اندر چھِ یہ تلمیح تیمہ وِز ورتاونہٕ یوان یُس ییٚلہ کانٛسہ دوکھس منز پھٔسِتھ پننہٕ نیٚ اتھ وٕشفہٕ گژھہ' ییٚتھ تہٕ موہکو پأٹھۍ کانہہ علاج سپد کتھہ ہیکہٕ۔

# ۳۳ - فرہادٕ بڈٕ

یہ چھےٚ سوسے مکارتہٕ بےعار لالچی بڈٕ زنانہٕ یوسہٕ خسرو پرویزن فرہادَس

گُژراوُن وِزِ ہمہ ڈٔپیہ۔

## ۳۷۔ سُدامُن کوٚم پوٚس

سُدام اوس کرٛشن جیُن لوکہٕ چارُک یار۔ کرٛشن جی گو ہُندان تہٕ سُدام روُد غریب۔ اکہِ دوہہٕ ووٚن سُدامنہ آشنہِ سُدامس ژٕ گژھ ہنہٕ کرٛشن جی جہاراجس نِش، دیوہ تس پٮ۪ٹھہ چون آدنکہ مٔنزیہہ ژہٕ تس۔ سُدامن تُل کوٚم پوٚسا تہٕ نیوٚن کرٛشن جیس نِش یٮ۪مہ ہٕز نہایت لولہٕ سان قبوُل کوٚر۔ یٮ۪تھی گو سُدامس پیٹھ تہٕ سیٹھا مہربان۔

کانٛسہِ بٔڈِس انسانس نِشہِ کانٛہہ شقیر چیز تحفہٕ نینہٕ وِزِ چھےٚ یہِ تلمیح ورتاونہٕ یوان۔

## ۳۸۔ آبِ حیاتُک تَرٛگ

”آبِ حیات“ گوٚژھہ آب یُس اگر کانٛہہ چیٚیہِ، ژٕ نیہِ مَرِ نہٕ۔ دٔپان یہِ چھُ ظُلماتس منٛز یٮ۪تھ زَن زوٚن اکھ تابہٕ ژٕ نیہِ کھسان چھِ نہٕ۔ آبِ حیات ژھارنہٕ اُسی حضرتِ خواجہ خضرؑ تہٕ سِکندر ذوالقرنین گمتی۔ وَننہٕ چھُ یوان ژِ سِکندرَس رٔاو ظُلماتس منٛز وَتھ۔ لہٰذا ہیوٚکنہٕ تمہِ آبِ حیات چیٚتھ تہٕ حضرت خضرنؑ چیٚیوو، سُہ چھُ تا ابد زِندٕ۔

تہی دستانِ قسمت را چہ سود از رہبرِ کامل
خضر از آبِ حیوان تشنہ مے آرد سکندر را

لُکہٕ رِوایت چھےٚ ژِ کاو اوس گوٚمُت ظُلماتس منٛز حضرت سُلیمانہٕ سٕندِ خاطرٕ آبِ حیات انٛنہٕ، تمہِ اوٚن توٚنتہٕ منٛز یہِ آب۔ اکِس جنگلس منٛز بیوٚٹھ یارہ کُلِس پیٹھ، اتہٕ آیس پیٚنی ہٮ۪ن تہٕ لوکَن ہاو ہاو کرُن۔ آبِ حیات پیوس پھٔٹرِ ہنا چیٚیوو یارِ موٚلو، موٚلن تُل آسہٕ ریٚشہِ ہنا چیٚیوو تہٕ تمہِ ووٚٹیو۔ لکہٕ عقیدِ چھُ ژِ امی موکھہٕ

چھےٚ یاگٕر ہمیشہ سرسبز روزان۔ کاڈس یوٚتام نہٕ تُوشہ دوہ درٕ نیوٚتام چھُپنہٕ مُران۔ رٔچھیہ تہٕ چھےٚ تیز دوٚاُنس زِ تس چھےٚ بیٚنہٕ پکھ لیوان۔ (پوٚز زانہٕ خدا)

## ۳۹- امرت میلُن

امرت چھُ آبِ حیات یُس مانہٕ یس منز وُرتاونہٕ یوان۔

٥ ییٚمہِ ظُلمانہٕ چھےٚ امرِہتہٕ ارمانہٕ ژانگین زالان خوٗنِ جگر
مَتہٕ مجلونو بیٚنتہِ نو پاٹھی آمین ٹاکین کیتھ نخاگرٕ اٲسہٕ

(مظفر عازم)

اَکہِ لُٹہٕ کوٗرٕ راکھی سٕنٛدٕ دوتامن پیہہٕ غلبہٕ تہٕ دوتا آپہٕ سوٗرٕ گیہٕ منز گدٕ ژھنہٕ۔ دوتاہو کوٗرٕ برہماجیس تہٕ ناران جیس نِش فرٕیاد۔ یمن دوین عظیم دوتامن ہِندین ہانیتس پیہہٕ ٹِکھ بنوو دوتاہو کوہِ مندراچلس دیوٗن (ییٚمہ پیٚٹھ امرت دوٚد منداچھ) تہٕ شیش ناگ گو ٹَنڈہس ریز بدلہٕ۔ اَمہ پیٹھ موٚنڈکھ شدر۔ شدرٕ منٛدان منٛدان یم دوہ رَتن تمن اَتھہٕ لگے تِمن منز اوس امرت تہٕ اَکھ۔ امرت چیتھ کوٗرٕ دوتاہو راکھسن پیہہٕ بیٚیہ غلبہٕ تہٕ ژھنکھ سوٗرٕ گیہٕ منز گدٕ ژھ۔

## ۴۰- سیف الملُکُن سفر

"گُل بکاولی" چھےٚ اُردو زبانی منز اَکھ مشہور عشقیہ مثنوی۔ یہ چھےٚ دیا شنکر نسیمن لیچھمٕژ۔ اَمہ پوٚز کاشرِ زبانی اَندر چھُ اَتھ واریاہ ہیر پھیر کرنہٕ آمُت۔ اَتھ مثنوی چھُ اسلام آبادٕکی لسیہ خان صابن تہٕ صفا پورٕکی نعمہ پرے صابن الگ الگ قصہ بہ قصہ منظوم ترجمہٕ کوٗرمُت۔ خان صابُن ترجمہ چھُ چھاپ گوٚمُت تہٕ پرے صابُن

گُڑراوُن وِزِ ہمہ ڈیِیہ۔

## ۳۷۔ سُدامُن کوٗم پوٗس

سُدام اوس کرشن جیُن لوکہ چارُک یار۔ کرشن جی گوٚ ھِدان تہٕ سُدام روُد غریب۔ اکہ دۄہہ وۄن سُدامنہ آشنہٕ سُدامس زِ گژھ تہٕ کرشن جی چھا راجس نِش، دِیہِ تس پنٕنہ چون آدنکہ مترٕنہِ ژۄتس۔ سُدامن تُل کوٗم پوٗسا تہٕ نیوٗن کرشن جیس نِش یمہ یہ نہایت لولہٕ سان قبوٗل کوٗر۔ یمی گو سُدامس پیٚٹھ تہٕ سیٹھا مہربان۔

کانٛسہ بڈِس انسانس نِشہٕ کانٛہہ شقیر چیز تحفہٕ نیُن وِز چھے یہ تلمیح ورتاونہٕ یوان۔

## ۳۸۔ آبِ حیاتک تُس

"آبِ حیات" گوٚ سہ آب یُس اگر کانٛہہ چینہٕ زِ نیہِ مرِ نہٕ۔ ڈیان یہ چھُ ظلماتس منز یٚنہ زِن زوٗن اکھتاہ زِ نیہِ کھسان چھنہٕ۔ آبِ حیات ژھارنہٕ اُسی حضرت خواجہ خضرؑ تہٕ سکندر ذوالقرنین گمتیٚ۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ سکندرس رُٲو ظلماتس منز وتھ۔ لیکن ھیوٚکنہٕ تمی آبِ حیات چینتھ تہٕ حضرت خضرؑ چیٚیہو، سہ چھُ تا ابد زِندٕ۔

تہی دستانِ قسمت را چہ سود از رہبرِ کامل
خضر از آبِ حیوان تشنہ مے آرد سکندر را

لوک ریوایت چھے زِ کاو اوس گومُت ظلماتس منز حضرت سلیمانہٕ سِندِ خاطرٕ آبِ حیات اننہٕ، تمی اوٗن توٗتہٕ منزٕ یہِ آب۔ اکِس جنگلس منز بیوٚٹھ یارِ کلس پیٚٹھ، اتہٕ آیس پینیٚ ہسن تہٕ لوگُن ٹاو ٹاو کرُن۔ آبِ حیات پیوٚو پھٹرٕ ہنا چیٚنہِ یارِ موٗلو، مولُن تُل آسہ رینٕہ ہنا چیٚیو وِ تمو یٚیو۔ یکہٕ عقید چھُ زِ امی موٗتھ

چھےٚ یارٕ ہمیشہ سرسبز روزان۔ کاوس یُس تام یہ تو نتھ دوہ درٕ نیٚو تام چھُنہ مران۔ رٕٹیمیہ تہٕ چھےٚ تیمٕزٕ دأنس نٕ تتس چھےٚ یہنٕ پکھہ لیوان۔ (پنٕڈ زانہ خدا)

## ۳۹۔ امرت میلُن

امرت چھُ آبِ حیات یُسےٚ دانہٕ یس منٛز وَرتاونہٕ یوان۔

یَیمہٕ ظُلماتہٕ چھہِ امرہتہٕ ارمانہٕ ژانگیٚن زالان خونِ جگر
منتہٕ مجلونو بیٚبنہٕ نو پاگھتی آمیٚن ٹاکیٚن کیتھ نظارٕ اَتھ

(منظفر عازم)

اَکہ لٕٹہ کوٚر راکھشسَو دِوتاہَن پیٹھ غلبہٕ تہٕ دِوتا آیہٕ سوٗرگہٕ منٛز کڈنہٕ ژھننہٕ۔ دِوتا ہیٚوکو نہٕ برہما جییس تہٕ ناران جییس نِش فرٕیاد۔ یِمَن دوین عظیم دِوتاہَن ہنٛدِس ہدایتس پیٹھ ٹیکیتھ بنوو دِوتاہو کوہٕ مندراچلس دیون (یُس پسیٚتھ دوہٕ منثر انتا چھِ) تہٕ شیشِش ناگ گوٚنٛڈ ہس رزٕ بدلہٕ۔ اَمہ سیٚتی مونٛڈکھ سمنٛدر۔ سمنٛدرٕ منٛدان منٛدان یم دہ رَتن تیمن اَتھہ لگیہٕ تیمن منٛز اوس امرہت تہٕ اَکھ۔ امرت چیتھ کوٚر دِوتاہو راکھشسن پیٹھ بیٚیہ غلبہ تہٕ ژھنکھ سوٗرگہٕ منٛز کڈتھ۔

## ۴۰۔ سیف الملوکُن سفر

"گُلِ بکاولی" چھےٚ اُردو زبانہِ منٛز اَکھ موشوٗر عشقیہ مثنوی۔ یہ چھےٚ دیاشنکر نسیمن لیچھمٕژ۔ اما پوز کأشر زبأنی اَنٛدر چھُ اَتھ وادیاہ ہیر پھیر کرنہٕ آمُت۔ اَتھ مثنوی چھُ اسلام آبادکی لسّہ خان صأبن تہٕ صفاپورکی نعمہ پرےٚ صأبن الگ الگ قِصہ بہ قِصہ منظوٗم ترجمہ کوٚرمُت۔ خان صأبُن ترجمہ چھُ چھاپ گوٚمُت تہٕ پرےٚ صأبُن

ترجمہ تہٕ کوٗر کلچرل اکادمی حالے چھاپتھ۔ صاحبنہٕ مثنوی ہند ہیرو تہٕ ہیروئن چھِ سیف الملوک تہٕ بکاوَل۔ تِیک صاحبس چھُ یِمن ماشوق ژھانڈان ژھانڈان تھوت کرِتھ بڑ سفر پیوان تِمن زِ خیالے کانٛہہ مجازی عاشق ہیکہِ سہ سفر برداشتس کرِتھ۔ یوٗر کتاب چھِ یِم سفرو تہٕ تِمہ کو سیتو بَرِتھ۔ اَتھ پیٹھ چھو نہٕ تِمن سفرس بیان کرنہٕ پیٚیہ زَ فرنہٕ بیان زِ کانٛسہ ہیو آزادی ژھانڈان ژھانڈان سیف الملوک تمٲمی سفر تُلن۔

## ٤١۔ آبِ زم زم

زم زم چھُ تِمہ مقدس اکھ ناو یُس بیت اللہ شریفس نِکھہ اکس ناگس دوان چھُ۔ مُسلمان چھِ یہ آب مقدس شُوز، میوٹھ تہٕ دوا مانان۔ یہ آب چھُ دادِ ہن دوا تہٕ مرنہٕ ورٕ زم زم ترٚیش ژھادہٕ سیٚتی چھُ موت سہل یِوان۔

"زم زم" گو "ٹھہرُن، رکُن"۔ یِم لفظ چھِ حضرت اسماعیل سٕنز ماجہ بی بی حاجرہ زیوِ مبارکہ منٛز تِمہ وِز دراہتھ یلہِ تِمو زمینہ منٛز چھ گنڈل آب فیرن دوان۔ قرآن مجیدس منٛز چھُ یہ واقعہ تفصیلہ سان بیان سپدمُت۔ حضرت ابراہیم سٕنز گودنچ آشنٛز بی بی سائرہ اس یلہِ سوینہ تہٕ نہ سپدِس بچہ حضرت اسماعیل ما اس سنز تیچ خدمت کران تیلہ زیو اُس بانہ بٹھ اولاد۔ تِمہ کوٗر حضرت ابراہیم مجبور زِ سہ گژھن بی بی حاجرہ تہٕ حضرت اسماعیلس گژھ دور۔ مجبور تِتھ حضرت ابراہیمن تِمہ دونوٕے ماجہ پُتھ غیر ذی زرع وادی منٛز۔ یتیٚن آزکل کعبہ شریف چھُ۔ یہ اوس اکھ نیٖشِتھ وادان یتہٕ نہ آب تہٕ کینہہ اوس۔ حضرت اسماعیلس لجِ ترٚیش۔ تِتہٕ نہٕ اوس زن بہ رانچھت تہٕ نہ کینہہ آبُک نشان۔ حضرت حاجرہ لجِ معصوم شُرس

پھیٔیاں پھیٔیاں کراں ژھ چھنہٕ، ڈٲمبہٕ جبلہ اوٗر پور آب، ژھارنہٕ۔ گوڈٕ اُس سعی صفا وُڈر پیٹھ دواں دواں کھسان تہٕ پَتہٕ مروہ وُڈر پیٹھ۔ یِتھ پٲٹھۍ ستھ کرِ آب ژھارَن ژھاران دونوٕ پَہٲڑن درمیان ستھ چکر۔ وۄنی چھ اَتھ جایہِ "سعی بین الصفا والمروہ" ونان۔ ستمہ چکرِ پَتہٕ گیہِ حضرت حاجرس اَکھ آواز کنن۔ نمود تہٕ کرنکھ "کُس چھُ ونان؟" ہرگاہ ژےٚ مولہٕ کانٛہہ اَتھ روٚٹ ہیکیکھ کٔرتھ، نتہٕ چھ نیرنہٕ نوٗن۔ یہ بوزتھ ڈرایہ حضرت جبرئیل نہٕ تہٕ اَکس جایہِ دبا وِکھ پننہٕ کھور۔ اَتہِ ڈرا ونا منٛز منٛز آب۔ حضرت حاجرِ پیٛو آب وُچھتھ سیٹھا شاد تہٕ ستھ ژھوٚل دہانِ مُبارکہ منٛز نیرتھ "زمزم" یانی "ٹھہر ٹھہر"۔ تمہِ پیٹھہ پیو اَتھ مقدس ناگس تہٕ آبس "زمزم" ناو۔

## ۴۴۔ شیخ صنعانہٕ سٕنٛز باتھ

شیخ صنعا اوس اَکھ بوڈ پایک عالم یُس اَکِس ہنٛزِ کوٗرِ پتہٕ دِل لاگتھ عشقس اندر واتنا وِنہٕ خاطرٕ بقولس تمہ سنٛز شرط، یمن منٛز کانٛہہ جائز مسلمان تہٕ مانہٕ ادا عالم! دوٚ بہُس بہ پیٹھ تہٕ نیلی جائی بیٹھہ ژہ مبارک یا پتہٕ سور رچھکھ۔ شیخن موٚن یہ شرط تہٕ لوگ سور رچھنہٕ۔

کانٛہہ جان یا ناکار مقصد حاصل کرنہٕ خاطرٕ اگر کاشرِ ترتھ کام کرنۍ پییہ یِمن تہٕ شُد ضمیر، مذہب یا اخلاق اجازتھ دیہ ہے، تس چھ لوان ونُنہٕ —— اُمس ہیسہ گژھہ "شیخ صنعانہٕ سٕنٛز باتھ"۔

یہ لوکٹ مثنوی چھےٚ فارسی پیٹھہ محمود گامی ین کاشرس منٛز ترجمہ کٔرتھ یہ چھےٚ چھاپ تہٕ گمژ۔

## ۴۳۔ بُراق سوار

بُراق سوار چھِ حضرت محمد صلعم مصطفےٰؐ صٲب۔ بُراق چھُ جنتُک اکھ سوزنہٕ آمُت۔ اَمہِ سُند بُتھ حسین زنانہِ ہُند ہیوٗ تہٕ لوٗٹ مورجانور سُند ہیوٗ۔ اَمِس سوار سپدِتھ اَسۍ آنحضرتؐ بیت المقدس پیٹھٕ معراجس دراہمت۔ یہ اوس وُزملہِ ہِنٛدِ کھوتہٕ تہٕ تیز، اَوے موکھ چھِس بُراق وَنان۔

## ۴۴۔ رف رف ہیوٗ

"رف رف چھےٚ سو خاص سوٲری" یوٗ سہٕ حضرت محمدؐ صٲبس تمہِ وِز سوزنہٕ آیہٕ۔ ییلہِ تِمو معراجہِ خاطرٕ بُراقس کھٔسِتھ تشریف نیوٗ۔ سدرۃ المنتہیٰ واتِتھ ہیوٗکتہ بُراق برونٛہہ نہٕ گژھِتھ۔ بُراقن وونٛ "حضرت"! بہٕ ہرگاہ یمہِ برونٛہہ قدم تُلہ مےٚ دزِ سوٗرُے پان۔" اَمی وِزِ آو آنجنابن "رف رف دِنہٕ۔ یمِس پیٹھ کھٔسِتھ تِم اَیہ برونٛہہ دراے۔ رف رف اوس سبز تہٕ تَسُند نوٗر اوس اکھتاہ کیس نوٗرس پیٹھ تہٕ غائب سہٕ اوس بُراق سٕنٛدِ کھوتہٕ سیٹھا تیز رفتار۔

## ۴۵۔ شیخ چلی سٕنٛز تلہِ مٔٹھ

یہ تلمیح چھِ اُردو زبٲنی پیٹھٕ کٲشِرِ واژمٕژ۔ حالانکہ عربی اَدبس منز چھُ یوٗہے قصہٕ بدل اندازٕ بیان سپدمُت۔ شیخ چلی اوس تصوّراتی دُنیاہس منز ینٛن مستقبل وُچھان۔ اَتھی حالس اَندر سوچان زِ شانہٕ پیٹھٕ کُٹ تلہِ مٔٹھ (بروایتِ عربی برونٛہہ کنیکُٹ دوٗدٕ ژوٹ)۔ کنِتھ کَرٕ شاہ آمدنی یمہٕ تہٕ تمہٕ آمدنی کَرٕ شاہ برکتھ بنیم اَتھہ آمدنی پیٹھ دولت مند۔ بنِتھ کیتھٕ کُنہِ کَرٕ شرٕ پٹھ اَکِس خوب کورِ (بقولِ عرب حجاج سٕنٛز

کوڑ) سیتھ نیرِتھ ہیٚمیس اکھ نیٚچوٗ تہٕ زیٚو۔ یُس تربیت دِوان دِوان گیہِ وزِ کُنہٕ مژن تہٕ کرٕنی پیٚیہ۔ (بہ رِوایتِ عرب یُس آسیٚنہ بیٚنہ راونہٕ خاطرٕ لٔحتہ تہٕ لایتہٕ پیٚیہ) اگر سُہ نیٚچوٗ نافرمان گژھیہ بہٕ لایُس "یِہتہ کُنہ" چیاتھ۔ "یِہتہ کُنہٕ" وٚنٲنی وہرہ دوٚتموٗ اُتھہ۔ تُس پیوٚ تلہٕ مٔتھ شانو پیٹھ پٮٚتھر۔ (بہ رِوایتِ عرب دوٚدہٕ ژٔڈس آیہ لٔحتہ تہٕ گوٗ ڈٕلہ)

کٲشرِ کیٚھ قیاسی سرمایہ داری ہیٚندِس غلط انداز س پانہٕ پشنیاے کرنہٕ وزِ یہ تلمیح ورتاوان۔

## ۴۶ - نٔلہ گرٕٛژھن

نل دمینتی چھےٚ اکھ مشہور عشقیہ مثنوی۔ یِتھ لِکھمٕن کول بُلبُلن کٲشرِ پٲٹھی ترجمہ کوٚرمُت چھُ۔ نل اوس راجہ تہٕ دمینتی اُسیس آشیٚنہ۔ نل اوس زارِی تہٕ اُمی ہار ہیٚنہٕ سارِے دولتھ ہیٚنہ تُس بٲیس پُشکرس سیٚتھ زار گنڈان۔ یوٚتام چھیکرس اُمس تہٕ اُمی ہیٚنزِ آشنہ صرف اکھ پلو روٚد۔ راج تاج راوِتھ دراے تم ز بٲژ یوٚہہ اکھ پلو ہیٚمتھ۔ اَمہ پلو مَنز تہٕ ژوٚل اکھ شِیعہٕ ہیٚمتھ وَتہ مَنزٕ اکھ جانور۔ پٔتھ روٚد کھ اوٚڈ پلو مٔہ نہ لوٚگ نلس تہٕ نہ دمینتی۔ ییٚلہ کٲنسہ سارِے ٹھیٚتھ میٚشتھ راوران ہیٚتم چیز تام راوِ، اُمس چھِ وَنان ـــــــ "گوس ہیٚتھ نلہ راژن پلو"۔

اُتھی سیتھ چھُ "نلہ گرٕٛژھن" بدخواس گرٕٛژھنس پیٹھ وَرتاونہٕ یوان۔ یِکیاز زارس اَندر سارِے سلطنت راونہٕ وزِ یوسہٕ بدحواسی نلس گٔیہ، سو چھےٚ اَز تہٕ وار یِہن گرٕٛژھان تہٕ تِہم چھِ یِمزِ پٲٹھی نلہ گرٕٛژھان۔

(نل اوس نشادھ دیشُک راجہ۔ یہٕ قِصہ چھُ مہابھارتُک اکھ ضمنی حِصہ گوڈٕ، اوٚن یہ قِصہ فیضی ین فارسی زبٲنی مَنز)

## ۴۷ - پُل صراط ہیٚو اَڈُل

یہ چھُ سہٕ کٔڈٕل یُس جنتس تہٕ جہنمس درمیان چھُ۔ اَمی پیٹھٕ تٔرِتھ چھِ پرہیزگار تہٕ نیک انسان جنتس منٛز واتان۔

دپان یہ کٔڈٕل آسہِ مسہِ وال ہیٚو زٲوُل تہٕ اَڈُل تلوارِ ہنٛدِ کھۄتہٕ تیز۔ باایمان لُکھ تٔرِن بے واہ تہٕ واتن جنتس منٛز۔ جہنمی ہیکن نہٕ اَمہِ پیٹھٕ تٔرِتھ

پُلِ صراطس دِتم تار اے رسولِ تاجدار

## ۴۸ - قیامتُک قہر

قیامت چھُ سُہ مُقرر دۄہ، ییلہِ خداوندِ کریمس برونٛہہ کُنہ انسانہٕ سنٛزن عملن ہُنٛد حساب لگہِ۔ دپان یہ دۄہ چھُ مُقرر، مگر خداوندِ کریمس ورٲے چھُنہٕ کٲنٛسہِ تہٕ اَمیُک عِلم۔ دۄن گو قرآن مجیدس منٛز تہٕ حدیث شریفن منٛز چھُ قیامتچن علامژن ہُنٛد ذِکر آمت۔

دپان حضرتِ اسرافیل سٕنٛدِ پوگ وایہٕ سیتھٕ گژھِ کأینات تٕک سورُے نظام چھلہٕ چھانگر، پھٔلِ یِن، بال موٚژن پھٔمبہٕ ڈیٚنٛگلین سٕمب۔ تارکن گژھِ ہٕٹُھ لیہٕ ہٕٹُھ اسمانس گژھن ٹُکرٕ۔ شور و شرک اکھ عجیب عالم وۄتلہِ۔ دجال سٕنٛدِ نوٗن نیبرنُک وَق تہٕ آسہِ سُے۔ دپان پنٛژ ہِن راتن وُرِیت ہُنٛد آسہِ اکھ دۄہ۔ اَکھ تاب آسہِ سیٹھا بوٚن۔ اَتھ دۄہس چھُ محشر تہٕ وَنان۔ امام مہدی سٕنٛدُن ظٲہر تہٕ حضرت عیسیٰ سُند ژھۄرہِ نبہٕ پیٹھٕ۔ قیامت گژھن، قیامتس بَگُن، قیامتس تال تہٕ محشرُن ماؤان بیتر محاورٕ چھِ ساینہٕ زبانٕ منٛز رنگہٕ رنگہٕ مانین منٛز استعمال کرنہٕ یوان۔ تُریتھ سختی

عنایہ تہٕ مُشکِل ٹیٖکہٕ پیٚنہٕ وزِ چھُ فنیا منٛکُت قہرٕ رِنٛس پیوان۔

## ۴۹۔ خرِ دجال

دجال چھُ تُسٕ شخصس یُس قیامتکہ دوہہ نزٛان تیر یہٕ آسہ یہوٗد کونٛکہ تہٕ ژایکس پیٹھ آسِس لفظہٕ "کافر" لیکھِتھ۔ اَچھ آسس اکھٕ تہٕ سوار آسِس خرٕ۔ اُمی سٟتی خرس چھِ وَنان "خرِ دجال"۔ یانی دجالہٕ سُنٛد خر۔ کینٛہہ لُکھ چھِ وَنان شہ آسہ کھوٗر تہٕ اَوے چھِس وَنان "کھوٗرِ دجال"۔ دجال سپدِ حضرت عیسیٰ سٕنٛدِ دستہٕ قتل۔

کینٛہہ شکہ ملہٕ ہِنٛز بدکار تہٕ ترہٕ پھٹہٕ ہیٚوہ انسانس چھِ اُمی دجال وَنان یا خرِ دجال۔ مثلن:

" شہ بوزتن خرِ دجالُن تہٕ تہٕ لیٚدہٕ۔ پھٹہٕ ویزِ چھُ آسان کلہٕ ٹھُکھ لدِتھ۔"

بہرحال یہٕ تلمیح تہٕ چھِ تھنٛدن مطلبن منٛز ورتاوس لگان۔

## ۵۰۔ کوہِ طورُک جلوٕ

اَچھ تُجھ تِھ کُنٛدُو تہٕ سنٛگ تہٕ طورس
چھاسہٕ منصورٕ کھٕمان چھُ چیاسٕ ستہٕ

(غلام نبی آتش)

حضرت موسیٰ علیہ السلام چھِ کلیم اللہ تہٕ وَنان چھِ، سپدِ اکہِ پھِر اللہ تعالیٰ سنٛدِ نوٗرٕکی ستیہٕ فیضیاب۔ حضرت موسیٰ سٕنٛدِس عرض انٛتس پیٹھ فرماووہ گوڈٕ اللہ تعالیٰ حضرت موسیٰ سٕس "لن ترانی" زِ بہٕ کہِ چھکھ تہٕ تاب کرنہِ۔ اما پوزٕ حضرت موسیٰ علیہ السلام اوسُے بے قرار تہٕ آخرس پیٹھ پیو ربُ العالمینن کوہِ طورس پیٹھ پننہٕ جلوٕ ہاوُن۔ حضرت موسیٰ سپدِ بے ہوش۔ تیز کیا گئے اُڈن تہٕ

تموٗ جمالِ یارُک چھُنک تاب۔ یہ نوٗرِ اللہ تعالیٰ شیُد تہٕ تھٕی کُلس پیٹھ ظاہر، یتھ "شجرِ طوٗر شجرِ موٗسیٰ ؑ" ونان چھِ۔

سانین اکثر شاعرن چھُ کوہِ طوٗرُک جلوٕ اکثر یاد پیوٗمُت۔

## ۵۱ - غارِ حرا

کوہِ حرا چھُ مکہٕ شریفہٕ پیٹھٕ میل تار ہیُو دوٗر۔ اتھ منٛز چھےٚ اکھ مُقدس گوپھ، یتھ منٛز حضرتِ محمد ﷺ عبادت کران اٲسی۔ جنابؐ اٲسی سیٹھا کالس اتھ گوپھِ منٛز قیام کران۔ صحیح بخاری منٛز چھُ لیکھتھ زِ آنحضرتن ﷺ ہٕنٛز یہ عبادت اٲس غور و فکرٕ تہٕ فکرانگیزی خاطرٕ۔ کارلائلن "ہیرو اینڈ ہیروز ورشپ" (Hero and Hero's Worship) کتابہٕ اندر لیُکھمُت "نبوّتہٕ برونٛہہ اٲسی پٔزِتھ وِزِ حضرت محمد ﷺ بنٕس دلِ مُبارکس منٛز سانیہ بٔڈی سوال ووتلان، مثلن یہ کیا چھُس؟ یہ دُنیا کیا چھےٚ؟ کتھ چیزس پیٹھ گژھہ پزٕہ سیہٕ نٕ؟ اما پوٗز یِمن سوالن ہُنٛد جواب ہیُوکنہٕ نیمو، کوہِ حراچو شیلو، تھٔدیو بالہٕ تھقہٕ نگیو، پرانیو نِشانو، دکھنٛڈرو تہٕ مادانو نِشہ حاصل کرِتھ۔ بلکہٕ سیٹھا بوڑ یہ نیوٗل نب، اَسہٕ وِنی تارکہٕ تُرِونٕ اوٗبرٕ تہٕ کالہٕ چکرٕہک گردش تہٕ ہیُوکنہٕ جنابن ؐ ہٕندین سوالن ہُنٛد جواب دِتھ" مگر تِمن مبوٗل سارنٕے سوالن ہُنٛد جواب اُتھو کوہِ حرا ہٕچہ گوپھِ منٛز۔ یوسہٕ عبادت تِمو اتہٕ کرٕ دراصل اٲس سہ نبوّتچ گوڈنیتھ۔ حالانکہٕ حضرت جبرائیل آیہ تِمن گوڈنیُک وحی مبارک اُورے ہیتھ —— اَمہ موکھ چھےٚ غارِ حرا مُقدّس تہٕ مُتبرک۔

ع
یہ چالیسویں سال لُطفِ خدا سے
کیا چاند نے کسبِ غارِ حرا سے

(مولانا حالی)

## ۵۲۔ توبۂ نصوحا

پوز چُھنہٕ توبہٕ کرٕنہٕ وِز چھِ دپان زِ سُہٕ ہیٚسہ کوٚر توبۂ نصوحا۔ یہٕ گوو شہ توبہٕ یُس نہٕ ہرگز نہٕ پھُٹہِ۔

دپان نصوح اوس عربک اَکھ ناو۔ یُس پرٕیچھہ وِزِ بدکار گرٕتھ گژھان اوس۔ اَخرس کوٚرُن توبہٕ، تیتھ زِ دٲنس پھُٹرووُن نہٕ زانہہ۔[۱] دراصل چھُ یہٕ "توبۃُ النصوح" کٲشرِس منز وٲتِتھ بنیوو ہیٚس "توبۂ نصوحا"۔

ڈاکٹر نذیر احمدن نہٕ چھےٚ اَمی خیالہٕ سیٚتی متاثر سپدِتھ "توبۃُ النصوح" ناوُک اَکھ ناول اُردوٗ زبانی منز لیچھمُت۔

## ۵۳۔ ہاروٗت ماروٗت

"ہاروت و ماروت" چھِ زٕ فرشتہٕ، یِم قیامتس تام اللہ تعالیٰ سٕندِس غضبس منز پھٕسنہٕ سٕبب "چاہِ بابلس" اندر قیدی بنٕتھ چھِ۔ یِمو اوس اَکہِ پھِرِ خداےِ عالمس وونمُت زِ انسان نہٕ چھِ عجیبے، اللہ تعالیٰ سٕندِ طرفہٕ رنگہٕ رنگہٕ نیٚمتہٕ تہٕ آسایشہِ حاصل آسنہٕ باوجود چھِ یِم خداےِ سٕندین حُکمن ہٕندِ نافرمٲنی کران۔ تَوتہٕ چھِ یِم مختلف گونٲہ کران۔ یِمَن فرشتَن ہُند خیال اوس زِ اگر انسانو بدلہٕ ملایک دُنیہس منز بساونہٕ ییٚن، تِم کرٕہن نہٕ ہرگز تہٕ گونٲہ تہٕ نافرمٲنی۔ اللہ تعالیٰ لٕہن سوزِ یِم دۆشوےٚ دُنیہس منز۔ واراہ کالس رُودی یِم ملکہِ بابل (عراقس) منز خداےِ سٕنزِ عبادت کران بابلس منز آسہِ زِ خوٗب صوٗرت زنانہٕ روزان یِم چھِ دگری منز تہٕ کامِل آسہٕ۔ یِمو دون لوگ زناو

پھسأوِتھ یِمہٕ دون نوِسے ملکۍ عشقہٕ زالس منٛز پھسِتھ ہیٚتِکھ تِمو مٲلکو بُت پرستی پرستی کرٕنۍ، شرابہٕ چوٚن تہٕ قتل تہٕ کٔرنۍ۔ تِمو کوٚر جود دگرێن اِسمِ اعظم تہٕ یاد تہٕ بایہٕ ہیٚچھ بِہ جود گٔری۔ یانس کوتھ اِسمِ اعظم مشرِ چھ۔ زہرہ تہٕ مشتری نأوی تہٕ جودو گرِتھ تہٕ گِرہ اِسمِ اعظمکِہ مدتہٕ شتھ مہ اسمانس پیٚٹھ یمیتہٕ تہٕ تمہ تارکھ بنیتھ روزٕ۔ ہاروت تہٕ ماروتس کوٚر اللہ تعالیٰ ہن غضب تہٕ تمہ آسے "چاہہٕ بابلس" منٛز کھعرنیو یتھن اَویزان تراونہٕ۔ بابل چھ اُزیک عراق مانہٕ یوان۔ یہ قدیم شہر چھ دریاے فرأنس بٔچہ (کوفس نِش) ہزاروٚ ورین کوشن آباد کوٚر مُت۔ ایرانی چھ اَتھ بافیس یا بابیلون وَنان۔ اَزیچ خشتی یتھ چھے مانہٕ یوان یوسہٕ تأریخس منٛز مصرکہ اہرامن چھے۔ اَہرام چھ وۄنہٕ تہٕ موجود مگر بابل شہرکۍ نشانہٕ چھ ختم گأمتۍ۔" (تلمیحات از محمود نیازی۔ صفحہ ۸۴۴)

مٹن وۄڈر پیٹھ تہٕ چھے اَکھ زیارت یتھ "ہوٗرت موٗرت" صابُن وَنان چھیٚ۔

چونکہ راجا رام دیون یُس پانڈو خاندانک راجہ اوسمُت چھُ، چھُ اَتھ وۄڈر پیٹھ بابل ناوی اَکھ شہر بسوومُت۔ یتھ متعلق محمد الدین فوق لیکھان چھُ۔

"راجا رام دیو ییٚمۍ ۲۰۰۶ ق م منٛز کشیر ہندِس تختس پیٹھ کٔرِتھ نکھ سیٹھا خوشحال۔ نوۍ قونون بنأوِن۔ مٹن وۄڈر پیٹھ کوٚرن بابل ناوی اَکھ عالیشان تہٕ بوڈ شہر آباد۔ ڈچھن پور کیو بالو منٛز کٔرِن اَکھ نہر کڈتھ۔ یہ چھے گوڈنیچ نہر یوسہٕ کشیر منٛز کھننہ آیہٕ (خبر یہ ما چھے شاہ کول، یوسہٕ بڈشاہ صاحبس کُن منسوب چھے۔ آتش۔ آتش) اَتھ وۄڈر پیٹھ بنووُن مارتنڈ مندر تہٕ . . . ."

ہُپارِتھ چھُ ۲۵۶۵ ق م سنس منٛز ہیو راجہ مرہن دیو تہٕ راجا کامن دیو، کشیر مرازتہٕ کمرازناوی زٕ حصہ کران۔ کامن دیو چھُ مرازک راجہ تہٕ مرہن دیو کمرازک حاکم بنان۔ کامن دیو چھُ بابل شہرس کُن خاص توجہ کرِتھ اَتھی پیٹھ دارالخلافہ بناوان

تاریخِ کشیرس منز چھُ آمہ بابلُک ذکر تمہِ وزِ تہِ یوان، ییلہِ محمد شاہ اوس کشیر ہُند پادشاہ تہِ اَمیرِ کاشغر سلطان محمد سعید خان، یَمہِ نِس نیچوِ ، شاہ نیچوِ مرزا حیدر ژھ داہ ساس پنُن کرِ تہِ سَتھ ساس شہسوار فوج ہیتھ کشیرِ پیٹھ حملہ کرنہِ سوزان چھُ۔ سرینگرس پیٹھ قبضہ نیتھ ڈراو کاشغرِ فوج مرازکنُ صحرائے بابُل ناوی اَکِس جایہِ سیدُ کوشُرلبے سرِ فوج کاشغرِ ین مُقابلہ۔ مگر کاشرِ ین اُس تَیِنہِ نیو لیڈرِ وُنہِ وٲجِس تَم کیاژکر گَژھہٕ ہن کامیاب۔ کاشرِ لُکہ کاشغرِ ین ہندِ شراہ شتھ سپاہ گٲلتھ ژلینہ۔ کاشغرِ فوج دورلیوڈ نیمتھ پنُنہِ تہِ ڈیان ہَتہِ واد کٲشرِ ہاپٹھ وکھ لدِرِ دٕرِ ی باوس اندر ....

(مقالات از پروفیسر حاجنی)

باسان چھُ زِ ساسہِ واد وٕرِی گَژھتھ آسہ ہے بابُل (بِشن رام دیون لِسو دمُت اوس) وٲرِان گومُت تہِ موغلَن ہِنٛدِس آدٕکس زمانس منز اوس شہ فقط رُود مُت صحرائے بابُل زِتکیازِ لدِرِ دٕرِ ی یاو چھُ مٹن وُڈرِ بیٹھ ہیے دوٗر، اَدِ سبہٕ چھُپے بہ کنتھ ژمان زِ یہِ "صحرائے بابُل" گَژھہ سُے "شہرِ بابُل" آسُن۔ یتھ رُود سوال زِ یوسہٕ اُتہ "ہوروُت موروُت" شمائیخ درگاہ چھُپے، اگر تم زِ فرشتہِ بابُل (عراقس) منز چھِ تہِ ییِٚنہ کیاژھ یہِ (یوٗزِ زانن دول خدا) شہ ما چھُ یوٗہے بابُل ییٚتیٚنہِ تم چھِ؟ یہ چھُ تارِیخکِس طالبعلمہ سِنٛدِ خاطرِ لازمی مَن اَکھ سوال۔ اَسہ چھُ آمہ زیارت گژھمک اَز حدا حترام، اما یوٗز تواریخی طورِ تحقیق کرنہ یہیتو چھُ ممکن کینہہ پَزرِ ما نیرِ ن نتہ۔ یہ کأم چھُپے محققن ہُنٛد۔

## ۵۴۔ راونُن لیٚتُل

ییان ییلہِ راونس فِکرِ نوٗرِ زِ رام چندر جی چھِ لنکایہِ پیٹھ حملہ کرنچ بارتیاری کران، تس آو کھوژُن، ژلان لاران ووت یَتہِ نیس گعرمس نش ہِمالیہ بالس پیٹھ۔

وَنہٕ چھُہ پوان زِ اُمِس اوس گورِ شنکرَ سُند ٲسنہٕ بیٛلہٕ سورُے حال وۄنِتھ تمہِ دِیتُس سالیگرام (اکھ لوکٹ کَنہٕ پھول) تہٕ وۄنُنس یہِ تھوون سانِہ پنس محلس منز۔ اَمہِ سیتۍ پوری ہۄ نہٕ کانٛہہ طاقت۔ مگر ہیُھنہٕ اَتھ کَنہٕ قسمچ ژھیٚنٛچو یا گَژھی۔ راوُن اوس لنکایہ کُن واپس پوان۔ تہٕ پیشاب کرنٕچ پیوس حاجتھ مگر اَتھ سالیگرامس کیا کرِ ہے۔ بُڈاہ اَکھ اوس تَتہٕ پکان۔ (رامایَنس منز چھُہ وَنہٕ آمُت زِ یہِ بُڈ اوس نارد مُنی شوِ) راوَن دوپُن اُمی سٕے زِ یوتام بہٕ پیشاب کرِ تۄتام رٹھتَن یہِ سالیگرام اَتھس منز۔ بُڈَن وۄنُس بہٕ رٹَے، اما پوز مے چھُے سخ تاجلی جاے کال ہرگاہ لوگے یہِ ژراو نے یہِ پتھرس پیٹھ تہٕ نیرِ۔ بُڈَن روٹ سالیگرام تہٕ راوُن پیشاب لوگ کرنہِ۔ کانٛہہ وادن چھُہ راونس پیشابس ٹھکھے سپدان۔ پیٛلہٕ جاے وق گو تہٕ بُڈَن تھوو سالیگرام پتھرس تہٕ ژراو پانس۔ پتہٕ تمہٕ سالیگرام پتھر تھوو راونس گو پیشابس تھکہ۔ تھوو دوو پتھنہٕ پتہٕ آو سہ سالیگرام تھود تُلنہٕ۔ اما پوز تمہٕ سِنٛدِ سیٹھا زور خرچاونہٕ تہٕ کرنہٕ ہیوٚ سالیگرامس حرکتھ۔ مجبوٗرن ترٛاو راوَن یہِ پتھ تُل اُتی تہٕ ژراو یہِ ناٹنتھ زِ حال بدچھُ پیش پینہٕ وول۔

کانٛسہ بیکارس، کاہلس یا جاہلس پتھس اَکی سٕے جاے بیہہ یا اَکی سٕے کتھہ پیٹھ ڈٹتھ روزِ چھہ وَنان زِ اُمِس ہٕسہ چھُہ راونُن پتھ تُل گومُت۔ کانٛہہ بدشگونی سپدنہٕ وزِ تہٕ چھُہ یہِ یاد پیوان۔

## ۵۵ - راونٕنی لشکر

راوُن اوس لنکایہ ہُنٛد راز تہٕ اُمِس اوس اَکھ بہوُر تہٕ قابل فوج تیٚتھ۔ فوجی طاقت آسنہٕ کِنۍ اوس پنٕنہٕ بہوُری پیٹھ ناز، تہٕ کیاز شمارِ روٚس جنگی جوان اُمِس کُنہٕ تہٕ جنگ خاطرِ تیار۔ ییٚلہٕ اُمی سیتا چِترکوٹ بالہٕ پیٹھ ژھل کرِتھ ژوٚرِ نیٖیہ،

رام چندر جی اوس تہٕ امہِ وِزِ اَتھ پوٚژ شٕنِہ منٛز ژٕ نٕس ہیٚکہ ہا راونٕنہٕ لشکرس سٟتۍ جنگ کٔرِتھ لوٗنٛے دِجہ چھہ ژُو سٕلن تہٕ جنگی ہمتھ یارن منٛز کٔمی سبب پٮٛوٚت رامچندر جین اُکس جنگلی قبیلس تٔتھۍ رہنمائی سگر یو کران اوس مدد۔ جنگس دوران چلیو نہٕ راونہٕ لشکر کینٛہہ نہٕ سارے لنکا بسیٚز ختم۔ سیتا آیہ آزاد کرنہٕ۔ راونٕنۍ بڑ بوٚڈ فوج روٗد یوٚہے موٗنٛتھن سیو بےٚ دست و پاہ چھان۔

ہر کینٛہہ گٔنہ گرس منٛز بٲژجاد آسن تہٕ کٲم کار آسن تہٕ کینٛہہ کران، نالگہ ہارے اوت آسنۍ دِیان چھس اَتھ گرس منٛز چھےٚ ژٕنہٕ راونٕنۍ لشکر۔

## ۵۶۔ کومبہ کرنٕنۍ نیٚندٕر[۸۷]

کومبہ کرن اوس راونس بوے اوس تہٕ زبردس وٕلہ وپہر مگر آلزٕ تھوٗ۔ اُمس اُس شن رٔتن نیٚندٕر رٕپیوان۔ بہودرٕ اسٕتھ اوس تہٕ گٔنہٕ کامہ لگان۔ کھین چیٚن اوس گژِل کران۔ یِیلہ رامچندر جین لنکایہ پیٹھ حملہ کوٚر۔ ہنومانن دِیُت لنکایہ نار۔ راونن کوٚر فوج جمع۔ محلہ خانکو رٕ اُپچھدر۔ فوجی تہٕ ساری اُنجیار مٲنجیار لگو نار ژھینو رینہٕ۔ مگر کومبہ کرنن اُس شن رٔتن گُمب نیٚندٕر ژٕ آو ہیٚژ۔ حالانکہِ تس پٮٛوٚ ہے سارینے بروٚنہہ ملکی دفاع خاطرٕ بروٚنٛہہ ٹھیٚرن۔

## ۵۷۔ رامُن راج

جلاوطنی ہندرٕ ژوٗدہ وٕرے زمانہٕ اَندٕ واتنہٕ پتہٕ بیوٚٹھ رام چندر جی تختس۔ تس اوس دوٚہ نٕ سیٹھا تجربہ بشیدمت تہٕ اَمی کٔر سیٹھا جان پٲٹھۍ حکومت۔ پرجہ کٲنٛسہ میوٗ آزادی۔ لوکھ سیدٕ خوشحال یِتہٕ روٗد عوامہ کِس دوٚکھس سوٚکھس منٛز برابر شریک دِپان

اُمِس ہِنٛد دربارِ چھُھ نہٕ کانٛہہ سوالی خالی دٲرامُت۔ تٕمہ اوس مُلکی حالاتن معلوم کرنہٕ خٲطرٕ رات گردِشس نیران تہٕ مظلوٗمن جاۓ پٮ۪ٹھۍ انصاف دِوان۔

خوشحٲلی تہٕ یار پرجایِ ہِنٛدِس کُنہِ تہٕ دورِ حکوٗمتس منٛز چھُ اَکِتھ رامُن راج یاد پیوان تہٕ ظُلمُک وانتہِ وِزِ چھِ لوٗکھ وَنان زِ ہے تٕمہ کُنہِ تٕمہ رامُن راج ییٚتہٕ انصاف میلان اوس۔

## ۵۸۔ مردِ رٕکھ

جلاوطنی ہِنٛدِس زمانَس منٛز آسہ رامچندر جیٖس سیٖتھ لکشمن جی تہٕ سیٖتا تہٕ۔ اَکہ پھیرِ اوس لکشمن جی کُنہِ تان کامہِ دٲرامُت تہٕ رام جی تہٕ سیٖتا آسہ پٔہر منٛز بیہِتھ۔ اَمی وِزِ آو اَکھ رٕ اَکھ سونہٕ سُنٛد ہانٛگُل ژھالہِ دِوان۔ سیٖتایہِ تِمبلیوٚو دِل تہٕ رام جیٖس دوپُن ہانٛگُل دِن مےٚ رٹِتھ۔ رام جیٖن مانیوس نہٕ کیٚنٛہہ مگر سیٖتایہِ ییٚلہِ مجبوٗر کوٚر تٕمہ دراو تیٖر کمان ہیٚتھ ہانٛگلس پٔتہٕ۔ نیٖرنہٕ برونٛہہ ہٕھ ووٚ رام جیٖن سیٖتایہِ اَنٛدٕ اَنٛدٕ اَکھ رٕکھ دِتھ۔ بانٛد بانٛد تھوٚوُن کرِتھ زِ یِتھنہٕ رٕکھ نیبر نیبر رٕکھ۔ ہانٛگُل گوو ژھالہِ مارَن بالہٕ تیٚنٛتھ پٔتہٕ تہٕ رام جی دوریوس پٮ۪تے۔ اَتھی وقتس منٛز آو راوَن اَکھ سادھو بٔنِتھ تہٕ سیٖتایہِ موٚنٛگُن خاراتھ۔ سیٖتایہِ اُنٛز آنا جہ معہ ہٕھاتہٕ ہیٚنٛز سُن پلیناونی۔ فقیرَن دوٚپُنس زِ درویش چھِنہٕ رٕکھن منٛز رٔوِتھ خاراتھ ہیٚنٛدِکان۔ سیٖتا گیہِ مجبوٗر۔ درویشس ہیٚوٗکن نہٕ چھوٚ گژھتھ۔ رٕکھ نیبر دٲرامہ، راوَن دٲرِس ہیٚتھ تہٕ واتناوِن لنٛکایہِ۔

لوٗکھ چھِ اَتھ مردِ رٕکھ تہٕ وَنان تہٕ رامہ زٔندٕ رٕکھ تہٕ۔

## ۵۹۔ کامہِ دیوٚن کان

ہِنٛدوستٲنی دیو مالایہِ منٛز چھُ کامہ دیوس اَکھ خاص مقام حاصل۔ یہ چھُ

عشقٕک دٕوتا مانٕنہٕ یوان۔ دٔپان ییٚلہِ سوٗنٕتہٕ کال یوان چھُ، کامہٕ دیو چھُ بُتراتھِکٕ قدم ترٛاوان۔ اُمہِ شرٛے نظرٕ سیٚتھٕ چھہٕ ییٚمبرزلہِ پھولان۔ پوشن بُبرا یے لگان۔ وَنٕنہٕ چھُ یوان زِ ییٚلہِ بھگوان شنکرن پارۄتی سیٚتھٕ خانٕدر کرُن اوس پارۄتی کرٕ کامہٕ دیو سِنٛز پُرزانہٕ نٕنہِ سیا۔ کامہٕ دیوَن سۄدٕ پارۄتی بیٚہِتھ رٛاعظمی تہٕ ژٕیٹنس زٕرشُن۔ پزٕ چھُنا زِ مُنز وۄرِہتہٕ کیٛا چھُ؟ پارۄتی وۄنُس زِ شنکر گوٗژھہِ میون ژٕکہ لُون بنُن۔ کامہٕ دیوَن ژیٚنٕس یقین۔ مگر وۄنُس زِ یکہٕ تہٕ وات کٲلاس بالَس بیٚہِتھ۔ اَمہٕ سانٕہٕ کٲلاس بالَس بیٚہِتھ شبین آسان ہیکیا زِ ہستان اوس تہٕ شنکر اوس عبادتَس منٛز محو۔ کامہٕ دیوَن وۄنُس زِ شنکر تنہٕ دٕالُن چھُ سیٛانی کام۔ پارۄتی وٲژ کٲلاس بالَس بیٚہِتھ تہٕ شبین ہیبوتُن گلُن۔ ژٕرٕ پٲرِ پھیوٗرٕ سبزار۔ بۄمبرٕ گیٚیہِ گیٚیہِ لوٛگ سوزٕ نٕلینہٕ ییٚمبرزلہِ لٕجہٕ پھولینہٕ۔ جانا وارٕ لوگ پٕژرٕ کرٕیٚنِش۔ اَتھو منٛز گوٚو کامہٕ دیو یاد۔ اَمہٕ ژُل پوشن مُنٛد کان (تیٖر) تہٕ چیلوٕن شنکرَس۔ شنکرَس ییٚیہِ کامہٕ دیوس کُن نظر تہٕ اشتعال کھۄتُس کٕنِٹہِ نظر کوٗرُن کامہٕ دیوَس سۄر۔ مگر تیٚمہِ پتہٕ اوس کٲلَس اوس کانُن اَثر کوٗرمُت تہٕ شنکرن کوٚر پارۄتی سیٚتھٕ خانٕدر۔

کانٛہہ ییٚلہِ کانٛسہِ ہندِس عشقَس منٛز زبردس پاٹھی ہسینہٕ ییٚیہِ۔ دپان چھِہ زَن چھُس کامہٕ دیوَن کان اوٚنمُت۔

## ۱۰- کٲلی ریٚپ

ہندو فلسفہ موجب چھُ یتھہٕ کٲیناتَس پٲدٕ کرَن وول اَکھ لازوال طاقت۔ اَکھ حسین تصوُر، یُس ییٚمہِ کٲیناتُک محور چھُ۔ یوٚہے طاقت چھُ یتھہٕ کٲیناتس پٕژھراوان۔ تہٕ ییٚمہِ پانَس اَندر شرٛاوان۔ اَتھ چھِہ وَنان "شکتی"۔ بیاکھ اَکھ طاقت

یُس بےٚ حرکتھ آسِتھ پانَس اندر سائرٕ ے حرکتھ تھاوان چھُ۔ تتھ چھِ وَنان ریشو۔ شکتی ہُند سوبھاو چھُ پالُن تہٕ رچھُن مگر یتھ ساتہٕ ریشو، یہ شکتی گمراہ بنٲوِتھ ہانٛیرٕ تہٕ ہیٛر باپتھ یا کُنہ ہِن ہُند بور کم کرنہٕ موکھ اِستِمال کران چھُ، اَتھ شکتی چھِ تتھ صورتس منٛز کالی وَنان۔ یہ صورت چھےٚ موتہٕ چ شکل مانہٕ یوان۔

بدمزاج، بدلحاظ، خطرناک تہٕ لڑٲیہٕ کرٕنٛ انسانس چھِ وَنان نِرٲمی چھُ زن کالی رٕپ دورمُت۔

## ۶۱۔ اللہ دینُن ژونگ

اکِس شہرس منٛز اوس اَکھ سفید پوش شخص، اَمِس اوس نیٚچُو یَمِس اللہ دین ناو اوس۔ اکہ دوہہٕ وۄت اَکھ درویش اَمہِند گرٕ۔ زان پٔچھان گٔژھتھ لوٚگ یہ اَتی روزنہٕ۔ یہ اوس ژٔرتھ دوہہٕ اللہ دینَس پانَس سیٚتۍ سٲلس نِوان۔ اَکہ لَٹہٕ واتۍ یِم پکان پکان دور اکِس بالہٕ دامنَس تَل۔ درویشن زول ہٲدانس منٛز نار تہٕ اَتھ نارس منٛز ژٕروُن کیاہتام۔ پھِرِ پھِرِ اَکی گوٗ اَتہٕ یوٗ ہیٚتھ ٲس ہیوٚ تہٕ زٔمینَس گو زیٖٹھ ہیوٚ۔ درویشن وۄن اللہ دینَس زِ وس تَہ اَتھ زٔمیٖنس منٛز۔ اللہ دین چھُنہٕ زٔمیٖنس منٛز وسان تہٕ اَتہٕ چھُ اَکھ دروازاہ وُچھان۔ دروازٕ مُژرٕتھ وُچھُن طاقچَس پیٹھ اَکھ ژونگ۔ درویش ووٚنُس پلناوِتھ یہ ژونگ میٚ کُن۔ اللہ دینن تُل ژونگ اَتھَس کیتھ تہٕ درویشس ووٚنُن گوڈٕ کھال تہٕ میٚ ہیٚتوٗ، اَدٕ پلناوِ ژونگ۔ فقیرس کھوٚت شرارت۔ اَمہٕ اوٚن کنہٕ پلاہ تہٕ تھوٗوُن زٔمیٖنس تَلٕ۔ اللہ دینن لوگ وَدُن۔ اَمہٕ ماہ میٚژٕ وو ہیٚتوٗ رٕ کھسُن مگر ہیٚتوٗ کینہٕ کھسِتھ۔ ہنگہ منگہ لوٚگ ژاژنٛس کھیٚنہٕ ہیوٚ۔ ژونگ دوٚد تہٕ اَکھ دیو گو پٲدٕ، رچھارَس اللہ دینَس گوٚ پیٚتم شہہ پتھ تہٕ برٕوٚنہٕ ٹھم ژونٛٹھ۔

اَمہ پوٚز دیوٚن دوٚپُس۔ کھوژمُت۔ بہٕ چھُس اَمہِ ژانگیٖکُھ نوکر۔ ژٕ یِیہِ وونکہ تہٕ دِمہٕ بہٕ عاجز کرِتھ۔ اللہ دِین چھُ گوڈے پیٚٹھٕ پنیٚن ہٕتھ اُمیٖ سیٚدِ دیوِشٕندٕ سیٖتہٕ سیٹھا دولتمند بنان ہُنٛگہٕ منٛگہٕ اُمیٖر سپدِتھ۔ وٲلِس انسانس چھِ وَنان نیٚزن چھُن اللہ دِینٕنُن ژوٚنگ لوٚبمُت۔

## ۶۲۔ عِلمہٕ کِسنہٕ وِیاس تہٕ عقلہٕ کِسنہٕ راوُن

وِیاس رِیوٗش چھُ عالِم تہٕ اوسمُت تہٕ عامِل تہٕ۔ اُمیٖ چھےٚ بھگوت گیتا ترتیب دِژمٕژ تہٕ اُمیٖ چھےٚ بھاگوت بیٚیہِ باڈو دار کِتاب لیچھمٕژ۔ دپان اُمیٖ چھُ پورانَن ہُنٛد سمندر موٗنتھمُت۔ اَتھ برعکس اوس راوُن تہٕ عالِم تہٕ عبادتھ تہٕ اوس کران مگر عقلمند اوسنہٕ۔ تمیٚ نِیہٕ پنٕنہٕ کم عقلی کِسنہٕ سیٖتا ژوٗرِ تہٕ لنکا یِہ کرناوٕ نووُن دٔرٕ داس۔ اکثر حکھ چھِ یہِ تلمیح تمیٚ ساتہٕ وَرناوان یِیلہِ کانٛہہ گاٹُل یا عالِم شیطانہٕ پٕنٛدکر ہِیو کرنا کارٕ کار کران آسہِ۔

# سیٹھا پرٲنۍ تاریخی تلمیح

## ۱۔ پانڈو لٔرِ ہیش

کُس مُرزاوِ تہٕ سُم سُم گَژھ چھ
کُس پھُٹراوِ تہٕ پانڈوَ پُل (اہمن کامِل)

پانڈو، یِمو زَن کروکھیشترس منز، کورَوَن سیٗتۍ جنگ لٔڑِتھ شمٲلی ہندوستانچ حکومت حٲصل کٔرمٕژ ٲس، ٲسۍ سیٹھا بہودُر۔ اَتھ جنگس چھِ ہندوستانکِس تواریخس منز مہابھارت وَنان۔ ہرن دیو ناوکۍ پانڈوَن یُدھِشٹر، بیٖمس، ارجن تہٕ ہِندوٗ سٕب اوس، پچھے کشیرِ منز حکومت سنہ ۳۰۳۶ قدیم سنس منز حٲصل کٔرمٕژ۔ اَمِس پتہٕ چھےٚ راجہ رام دیوَن یَمِس ہرن دیو ہُنٛد گُنٛے ییٚچھو اوسمُت چھُ کشیر بیچھ گُنستھن وٕرِ مِن حکومت کٔرمٕژ۔ دپان اَمی پادشاہن چھُ مٹن وُڈرِ پیٹھ اَکھ عالیشان شہر آباد کورمُت ییٚمیک ناو "بابل" اوس۔ اَتھی وُڈرِ پیٹھ چھُن "مارتنڈ شوور" ناوی اَکھ عالیشان مندر تہٕ تعمیر کورمُت۔ محمد الدین فوق چھُ "تاریخِ کشمیر" کتابہٕ منز لیکھان زِ یہ مندر اوس پینٛزاہ گز تھوٚد۔ تمۍ چھُ پتہٕ لیوکھمُت زِ تمہِ پتہ یمن اَکِس تھوٚد تُلنہٕ خاطرٕ اَکھ اَکھ ماس مزوٗرٕ تہٕ ناکام گٔژھن چھِہ اَتھ مندرس نیٚتھہ پانٛژھو گرٕ تھٕ ژٕرِتھ لاگنہٕ آمتۍ۔ زنتہٕ سوٗرٕ مندر آسہِ پل باسان چھُ۔

بہرحال، مٹن وُڈرِ پیٹھ چھُ وُنہِ تہِ یہ مندر پانڈوَن ہنٛدِ عظمتُک تہٕ کٲشرن

ہیٛنٛزٕ وۄستکارۍ ہٲنٛزٕ نشانہٕ ہی کران۔ عام لُکھ چھِ اَتھۍ پانڈولرٕ وَنان۔ تِکیازِ چھُ یوٗت اَفسانہٕ تہٕ بنوومُت زِ ییٚلہِ یِہ لرٕ بَناونہٕ یوان آس، وۄٚنٛثنۍ پور پیٚچھ اوس اَکھ اِنسان پَل پَلناوان تہٕ مٕٹن وُڈِ پیٚٹھ اوس بیاکھ رٹان۔ تِکیازِ عقیدٕ چھُ زِ وۄٚنٛثنۍ پور تہٕ چھِ پانڈولرٕ اما پوز تارِیخ چھیٚنہٕ اَمیُک نِشانہٕ ہی کران۔ حالانکہ یِہ چھُ پوٚز زِ وۄٚنٛثنۍ پور تہٕ چھِ سٕہ لرٕ ہٕن تِمی کاچہِ ییٚمہٕ کاچہِ دارٕشٹ مٔندر چھُ۔ راجا للتادِتن مکنا پیٚدٕن تہٕ چھِ اَتھ دارٕشٹ مٔندرس نوٚو سٕر مرمت کٔرِمٕژ تہٕ اَتھ اَنٛدۍ اَنٛدۍ چھُن سنگین دیوار گٔنٛڈِتھ یِہ مٔندر محفوظ تہٕ مضبوط بنووُمت۔

اَمہِ مٔندرٕچ مضبوطی وُچھِتھ چھِ لُکھ اَتہٕ تہٕ حٲران گژھان۔ تۄہۍ مۄکھ چھِ کُنہِ مضبوط تہٕ مستحکم عمارژ کُن وُچھِتھ تِمن "پانڈولرٕ" یاد پیوان۔ یِہ سہٕ سالہٕ پٔتۍ وٕرۍ گٔژھِتھ تہٕ وُنہِ موجوٗد پٲٹھۍ چھِ۔

## ۲- اہلیا یہٕ ہٕنٛد شاپھ

اہلیا چھےٚ نیاے شاسترٕکِس مُصنف گوتم ریٚشی سٕنٛزٕ آشیٚنہٕ اَسمٕژ۔ اَکہِ لٹہِ دراو اَکھ راز شکارس، وَنس منٛز پیٚیس اہلیایہِ کُن نظر تہٕ گوس اَمہِ سٕنٛد عشق۔ اہلیایہِ تہٕ گو راز سٕنٛدِس مَحبت پادٕ۔ وَنس منٛزٕ ے لوٗگ دوشوٕنی زنتہٕ کامہِ دلیوٗنٕ کال۔ راژن لوگ ژُور ژھینہِ گوتم ریٚشہِ سٕنٛد گرٕ یُن گژھن۔ اَکہِ دوہ ییٚلہِ گوتم ریٚشی عبادت کٔرِتھ صبحاے گرٕ ژاو اَتہٕ وُچھن پننہِ آشیٚنہٕ تہٕ راز یکجا اَکھ اَکِس لول بَران۔ اَمۍ ووٚز دِژُن اَمۍ ریٚشی اہلیایہِ شاپھ تہٕ وۄننس "گژھ ژٕ سٕتے گٔژھی نے کٔنۍ ڈوٚاپر یُگس منٛز آسہٕ رامہِ اوتار، تس پیٚدٕ راونس سٕتۍ جنگ، ییٚلہِ تِمی سٕنٛدۍ کھور ژٕ تِیے سٕتی لگن، اَدٕ گژھہ ژٕ تتھ شاپھ موکلُن۔" اَمۍ ساتہٕ بنیاو اہلیایہِ اَکھ کٔنہٕ پٔلہِ ہٕن

پیٹھ کٹنی رۄزا اہلیا ساسہ بدین ؤرہین تام پُژ تہٕ رۄدُک قہر ژالان۔ وتستا مہاتمُک مُصنف چھُ (ادھیاے ۲۶ تہٕ شلوک ۲۲) لیکھان زِ واقہ چھُ اننت ناگس نزدیکھے شۄرک گرام گامس منز سپدمت۔ اندازٕ چھُ زِ شۄرک گرام چھُ شاید اُزیُک بشر پور۔

## ۳۔ پرشرامنز مکش

ریوٗش پرشرام ادس وتستا مہاتمکس مصنف سند لیکھنہٕ مُطٲبق سنگھہ روزان۔ اکہ اکھ آدہ اپارٕ اکھ راتہٕ۔ راتہٕ سٕند گرٕژاو پرشرام شیرز وارٕ منز تہٕ کُنی کنٹھ سبزی بیتر کھیوان۔ پرشرامنہٕ بڈٕ مالی کوٗر اکھ پیٹھ زبردست اشتیاچ۔ رازس کھوٗت شرارت تہٕ کوٗرن بہ بڈٕ قتل۔ پرشرام بیٹلہ شامن گرٕ وت اتہٕ وچھن بڈٕ مول بیدی سان قتل کرنہٕ آمت۔ امی سانہٕ لوٗگ سہٕ عبادت کرنہٕ سیٹھا عجز و زاری کرٕن عبادتس منز بیٹلہ محو سپد۔ اکہ غٲبی آواز گییس "توٚ کیا گژھی؟" پرشرامن وونس "اے لاحمد طاقتہ۔ مے گوژھہ کانہہ پوشن، یس" بیٚیہ گیہ آواز "چون منگن آو منظور کرنہٕ" اُتھو سیتو بڈٕ رازٕ پرشرامن اچھ۔ ژبن زٕ ژیچ مکشہ نچو بیٚکس پیٹھ تہٕ کوٗرن گوٚڈ رازٕ قتل، پتہٕ اُمی سند سرا انجیاری ما بخیاری تہٕ پتہ تم ساری لۄکہ ہیم زن رازس کُنہ تہٕ گُنہ رنگہ رشتہ دار اسی۔ پرشرامس پوش نہٕ کانہہ۔

ہرگاہ کانہہ کانسہ سیرح آزار واتناوِ، کانہہ زبردست خوٚ کنر آسہ۔ کانسہ بیمثال طاقت آسہ، پرشرامنز مکش چھے یاد پیٹھہ زبٲنی منز ورتاونہٕ یوان۔

ہی ہبہ گر کن ٹھو میانس نادس
بل ژیتے ڈیٹھتہ پرشرامس مکشیے
دادس واتم لوسہ منز بکھشے ....

# ۴ - کاہ کاہ پل

یس نہٕ کھٕنو تس کینہہ نکو اَزٕ تیر
یس ژٕ پیٹھ کینہہ تس کینہہ نٕ ہول
زانہٕ یہٕ کاہ کاہ پل وٕنیچ بٕرازیک
کمہٕ ہیوک کس تھوک کمہٕ کیٛشا ژول

(دینا ناتھ نادِم)

راز ورزانہٕ شدن ییٚلہٕ وٕنیچ بیار ژیک "وچیشور مندر" تعمیر کوٚر، تس اوس خیال زٕ ژٕ پیٹھ لحاظ گژھہ یہٕ مندر بے مثال تہٕ قابل یادگار بنُن۔ اَدے تہٕ آیہٕ بیشمار دولت خرچ اوٕنہٕ۔ مندر ییٚلہٕ ژٕ پیٹھ لحاظٕ مکمل سپُد۔ اَتھ منز آیہٕ شیٚے گنٹا یہ تھونہٕ۔ مندرُک زیٚٹھ آو نیلہٕ پنڈت مُقرر کرنہٕ۔ نیلہٕ پنڈت اوس "گنٹا لیکا پورم" گامس منز۔ یتھ از شایدامی ناو کہٕ تعلقہ سبہٕ گاٹل پوٚر ومان چھِہ روزان۔ اَمی پشہٕ کام اُمس سیٹھا شُلہٕ صُبحٕ ئے مندرس منز واتُن تہٕ اَکھ گنٹا وایُن۔ یہٕ اُمس ساہِنے گنٹا یوٚ منز کھسیتھ اَکھ تہٕ اَمہٕ پتے آسہٕ باقی گنٹا یہ واینہٕ یوان۔

اَکہ دوہہ اوس نیلہٕ پنڈت صُبحٕ ئے مندر وسان۔ ڈرکہ یاوس منز وچھن اَکھ سوٚندر مالا سران کران۔ اَکی نظر گوٚس عشقُن جود کار کرِتھ۔ مجبوٗرن دوت نیلہٕ پنڈت مندرس منز۔ مگر دِل چھُس سیٹھا پریشان۔ بیچھتہ تیمہ پے کڈان کڈان دوت پنڈت اُمس سوٚندر مالہٕ ہُند گرٕ، بھر پوٗر حُسنس بٕرونہہ کنہٕ ہیوٚکنہٕ تس زژھ نہٕ تاب روٚزِتھ۔ سوٚندر مال اُس نہٕ صرف حسینہٕ بلکہٕ عقلمند تہٕ سمجدار تہٕ اُس کاٗفی۔ تیمہ وٚن پنڈتس تس بیکہ ضروٗر ورچانی خاہش پوٗر۔ مگر میون شرط چھُے زِ یمہ سہ گنٹا مندرس منز وایان چھُکھ

سو دن سہ مٔے۔ یمہ برونٹھہ وچھینہ ورأے اُنی نیلہ پنڈی تن مندرن ہج موہ چھ گنڈا زور تہ ٹھاون تیمس حسین زنانہ برونٹھ کنی۔ شرط یُور کرتھ تہ اگر ئس زنانہ سیتی دامنہ تھیل کرتھ کرِ نیلہ پنڈی تن ہنز عبادت۔ یمن علم تہ یمن ولیہ رسورسے کینہہ ضایہ۔

یمہ پتہ ییلہ مندرچہ زور ہند حال بادشاہس تام وٲتناوِنہ آو۔ سہ گو نارو نار شہرکیس شہرس گوو ہیولی ہانگے۔ لوکھ گے پریشان۔ نیلہ پنڈت آو رژ گنڈ کرتھ راجٕ دربارس منز واتناونہ۔ اکھرس تہ ہیوٗت تمہ ذمہ زُ زور ہس۔ پکھنے مٔے کر مزاتہ گنڈا چھے فلاننی زنانہ نش۔ سعو زنانہ تہ آیہ حاضر کرنہ۔ تس ییلہ پرژھینہ آو زِ تمہ نش کیتہ کنو واتھ یہ گنڈا؟ تمہ وون ـــــ "پادشاہہ! نیلہ پنڈت اوس ویدوان، عالم تہ سیٹھاہ باوقار تہ بزرگ شخص۔ یہ تشلیوو میون منز مور وچھتھ، یمہ پادہ کرن والی کرالن ہنا جاوِ سے یہنز زاکھتہ دِژ مژ اس، آوے یہ کرِ ہس یہ اُمی مجبور ناجایز کرنہ۔ پتہ سمے کوُر دلس منز خیال زِ امس گژھ امہ غلطی ہند عبرتناک سزا میلن۔ حقیقتہ آسنہ یمہ والی پنڈت تہ فاحشی تہ ناپاےدار حسین منز مرمن ہیچھ یمن دین و دنیا ضایہ کرنہ آسن۔ تہوے تہ کرِ ناوٕ یہ وضم مندرس زور۔" یہ وونان ونان کرِ تمہ گنڈا پیش تہ راجس تہ امس زنانہ پیٹھ مہربان تہ سعو آیہ سزا درأیی ییلہ قراونہ۔

پتہ روٗد سوال نیلہ پنڈی تس سزا دنک۔ راژن دوون زِ یہ ہیکہ نہ اتھ ہند خاطر سزا تجویز کرتھ۔ یہ گژھ شوید پنڈیتس نش واتناوُن۔ شوید پنڈت اوس "گندر پور" ونس منز روزان تہ دیان سیٹھاہ بوڈ بزرگ اوس۔ دیان نیلہ پنڈت ییلہ شوید پنڈی تیتس آشرمس منز واتناونہ آو۔ شوید پنڈی تن ڈیٹھس شاپھ تہ نیلہ پنڈت تس بنیہ اکھ کٹنی۔ شوید پنڈی تن ووٗنکھ زِ یہ کٹھی گژھ اُتھی وشیشور مندرس منز تھاونہ یِنی۔ اتھ گژھن کاہ انسان کاہ اتھ نکھ لاگتھ تھوو دِ تلینی۔ کاہ ہو انسان لاجس اتھ نکھ

کاہ تہٕ وانئہٕ وکھ منٛدرس شر۔ اَز تہٕ چھےٚ یہٕ کیٚنٛتھ اَتھ منٛدرس منٛز نیٖرِ لوٗکھ چھِیہٕ اَتھ کاہ اَوٚگُج لٲگِتھ ھُتوٗد تُلان۔ ہرگاہ اَتھ کاہ نٕفر کاہ اَچھ لاگِتھ دِیان تہٕ چھِینہٕ ھُتوٗد سے دوٗ ھتان۔ صِرف گرٕتھن کھٕتن انسانن ہُنٛز کاہ اوٗ نِکٕج اَتھ لگنہٕ

## ۵۔ اَتھٕ دارِ پٕچھو نے

یہٕ چھےٚ دراصل اَکھ کہاوَتھ تہٕ امیُک آگُر چھُ ہِنی حال تہٕ ناگراہ یہٕ رُشنٛد موشوٗر عشقہٕ قصہٕ۔ اَکِس خاص انسانہٕ سُنٛد قول آسنہٕ سبب تہٕ اَکہٕ قِسمُک خلاصہ آسنہٕ کہٕ وجہہٕ ہیکو اَمہِ اَتھ تہٕ تلمیح وٕنِتھ۔

دیان سدارام ناوُک اَکھ برٛٲہمن اوس آسنہٕ ہٕنٛد کوٚد سیٹھا تنگ آمت تہٕ کیاز سعہ اُس بٕنٛجھی ترٕ کرِ۔ خاندارس اُس پرٕیتھ وِزِ لانہٕ تانہٕ کران۔ وَتنہٕ چھُ پوان زِ سعو اُس سدارامس پرٕیتھ شامس باگِ سٕتھ سٕتھ لٹھٕ دِوان۔ اَتھ پیٹھ تہٕ چھےٚ سانہٕ زبٲنۍ منٛز اَکھ کہاوَت بنیمٕژ۔..... ”بٹنہٕ ہنٛد کو لٹھٕ شِتھ ! اَخرس آو سدارام نالہٕ کیٚنٛوتہٕ تٕزٕل۔ اَکِس ناگہٕ بٕنٛڈس پیٹھ دِژن ھٹیلہٕ ہٕن نشانہٕ تہٕ شُوٗنگ چھُس پیلہٕ بیدار گو ھٹیلس منٛز چھُن ژامت مُرِچھ۔ سدارامن کوٚر ھٹیلس گٕلی کٔنڈٕ تہٕ ڈراو کرِکُن سوٚنجُن زٕ اَز کھیا وناوُن یٕیمو سے سرِپھس اَتھ بد ذاتھ آشنہٕ۔ کرِ واَرِتھ کوٗرُن آشنہٕ آلو زِ یتھ ھٹیلس منٛز چھی لال جوٚہر، ھٹو کٕنٛٹھس کرِ دار بَرِ بنٛدٕ تہٕ ھٹیلس ژُر اوکنڈٕ۔ سدارامنہٕ آشنہٕ نیوٗ ھٹیلہٕ تہٕ ھٹو کرِ کٕنٛٹھس منٛز مُژر و وٕنس کٔنڈٕ۔ اَمہِ منٛز ڈراو اَکھ نا بیرِ اَڈ ہیوٗ لرٕکہٕ۔ بٹنہٕ سپٕز شادتہٕ بُڑ بُڑ دِرتن خاندارس آلو۔ ”دوٚہ لِکھس بیٚوٚرِ، اَز کوٚر اَمہِ دُیِن نیچ بیدار“ سدارامس چھُ خیال زِ اَمِس کھیٚلیہ سَرِپھ لہٰذا کوٗرنس ہیوٗر کھسنٕس نکار نہٕ وُنٕنس ــــــــ ”اَتھٕ دارِ پٕچھو نے۔ میانہٕ اَچھ مہٕ

وچھ نے ؟" سدارامس اُس نہٕ خبر زِ ہٕھیلہ منٛز نیبر لٔڑکہٕ سٕے لٔڑکہٕ اوس ناگٕ راے۔

## ۶۔ ناگٕ راین ذاتھ

دیٛپان ہٮ۪ مالہٕ آو کتھن بدخاہ زنانن ہُنٛد فریب یہِ وۄنِنہٕ زِ ناگٕ راے چھُ وسیتھ ذاتہٕ ہُنٛد ---- واتمٕ۔ اَتھ پیٚٹھ پٔرٕژھ تمہٕ ناگٕ رایس زِ سُہ وۄنی پننہِ ذاتھ۔ ناگٕ رایَن کرِیوس ساہ سیٚٹھا زِ تِمہ پٔرٕژھ سے ذاتھ۔ تمہٕ سیٚتۍ رٲوے بیہ! آخرس چھَ سُہ ہٮ۪ مالہٕ ہُنٛد سیٹھا اصرارہٕ پتہٕ پننہِ ذاتھ باوِتھ گڑھان تل پاتال غائب۔

" ہٮ۪ مال ناگراے" چھُ کشیر منٛز اکھ موشوٗر لُکہٕ داستان۔ اَتھ چھُ ولی اللہ متوٗ کٲشرِ شارن ہُنٛد پُرن تہٕ لۄکمٕت۔ ازکل چھےٚ یہِ نسخہٕ تہٕ وُزھمرا امہٕ داستانُک اَگر چھےٚ پنٛز کہ پانٛژھ کشیرِ نہٕ ہٮ۪ مال چھےٚ راجہ بلدیو شنٛز کوٗر آسمٕژ۔ پروفیسر حاجنی صابنہِ نومہِ شطر چھےٚ حاضر تہٕ یٔہے وجہ چھُ زِ امہ نقوی دوہ نہٕ ووٚے تلمیح تاریخی تلمیحن منٛز شامل۔

" قیاس چھُ یی زِ تہذیبی میلہٕ ژار پتہٕ گوو نہٕ آرین تہٕ ناگن پوٚرہ پانٛژھ سیاسی میلہٕ ژار پیٚمٕتۍ پوٚڑ ہیو وجہ آرین ہُنٛد نسلی خبط چھُ۔ امہ نسلی جُداگانہ ذہنیتُک اکھ تمثیل چھےٚ ساری لوک ادبس منز ہٮ۪ مال ناگ رایہٕ ہُنٛد المیہ رومان یُنٛہتھ چلہٕ وۄنی رووزہش۔ اگر یہِ پوٚز مانو (یہِ زن کینٛہہ مورخ نہٕ لیکھان چھِ) زِ ہٮ۪ مال اُس راجہ بلدیوٗ شنٛز کوٗر تیٚلہٕ چھِ یمن دون قومن ہٕنٛز اَتھ علامتی جُدٲیی قریبن ساڑ ژئے دٔری گژھان۔ ناگ رایہ سُنٛد تلپاتال گژھن گوو کشیرِ منز ناگ قومُک یا ژلُن یا گلُن تہٕ یا آرین سیتۍ رَلُن۔"

۵ شٔھٹیوولول نہٕ ژوٚل ناگی راے تل پاتال

شٔنس چھےٚ زالہِ دِوان از تہٕ مارۍ منز ہٮ۪ مال (مُظفر عازم)

ازٕ بیٚلہٕ کھاندر ژھانڈان کانٛسہ تل ہیٚدی نوسن، تس کُن چھِ تِہنٛد کہ

همدردٕوٕنان۔" ——— کیاسہ چھُکھٕہ ناگٕی راینٛز داہتھ ژھانڈان ؟ یانے یوٚت ژٕ ہیوٚورٕسی گٕرٕک ٹھٕکٕرٕ ژھانڈکھٕ' تیوٚت ہنٛی نہٕ ژٕ لٕے زانٛہہ تہٕ نیٚھٕر۔"

## ۷۔ یوٚہہٕے نلسان ہیٚیوٚ

راجہ نل سین اوس ۵۰ ۴۲ اکاٗلی سنس منٛز (۱۶۲۲ ق.م) کشیٖرہٕ ہنٛدِس تخٕتَس پیٚٹھ ہیوٚتھمُت۔ یہ رُود کشیٖرِ پیٚٹھ پیشہٕ ہٕنٛز ؤرٕہرٕ ین حکومت کران تہٕ اُمی کوٚر سُہ ظُلمُہ زِ اَکہ رِوایژ موٗجُب چھِہ اُمی سٕنٛدِ ظُلمہ قرٕ ہٕنٛ اَکھ لچھ لکٕہ موٗد میٚتی۔ دٕیان اُمی سٕنٛدِس مجلسَس لوٗگ نار تہٕ تتھی منٛز دٔود نلسان (نل سین) تہٕ۔

خونریزی تہٕ ظُلمَس کُن یَس شخصَس نلسانہٕ سُنٛد ہیٚیوٚ "شوق" آسہٕ تَس چھِ وَنان یہ چھُ یوٚہہٕے نلسان ہیٚیوٚ۔

## ۸۔ وانادت فصٕل

راجہ وانادت ہیوٚتھ ۵۳۱ سمٛہ بکرمی منٛز کشیٖرِ ہنٛدِس تخٕتَس پیٚٹھ (تاریخِ حسن) یہ چھُ سیٹھاہ نیک راجہ اوسمُت۔ اُمی سٕنٛدِ وَقتہٕ چھِہ ٔلکھ پانپرجاے اسیمٕتی۔ فصٕل چھُ تیوٚت جاِ ہیوٚمُت زِ اَز تام چھِہ کاشرٕ "وانادت فصٕل" تلمیح کرٕ ذِکٕر تہٕ اُمِس راجہ سُنٛد ناو یاد تھاوان۔ وانادت فصٕل گوٚو تیوٚت جاِ فصٕل یُتھ جاِ زمینہٕ نشہٕ ووٚمیدے آسہٕ۔

•

# کأشرِ مُسلمان حُکمرانن ہِنٛدِ وقتُک تلمیح

## ۱۔ تاٲزی بیٚنٛٹھی کان

تاٲزی بھٹ اوس بڈشاہ صابنہِ وقتہٕ اکھ سیٹھا غریب انسان۔ یِمۍ زن اوس تیوٚت پوٚرمُت زِ عُہدٕ لبہِ ہے تہٕ نہٕ اوس تیوٚت رسوٗخ یُس دِل زِ کانٛہہ پرژھِہے ہَس۔ دۄہان اَکھ اَس لوکہ چارس منٛز گیٚنٛدان گینٛدٕ اٹھی تیر چلاوٕنی ہیٚچھتھ۔ بڈشاہ صابس اوس اکہ دۄہہ یہِ فوجی کمانڈرن ہٕنٛز تیراندازی اِمتحان کرُن۔ سارِوے فوجی کمانڈرو ہیٚلہِ نشانس پیٹھ تیر لایہتھ ہیٚوکہٕ تہٕ تماشہٕ وُچھن والیو اَنٛدرٕ ڈراو تاٲزی بھٹ ژھیٚنٛہِ منٛزٕ زبچن منٛز نشانہٕ باوٕنہٕ۔ ماہر کمانڈرن زٹ کرنہٕ خاطرٕ دِیُت بڈشاہ صابن اَمِس تیر چلاونٕک اِجازت۔ خدایہ شُنٛد کُرُن زِ تاٲزی بٹن یِتھے کمانہٕ منٛزٕ تیر ترٛاو۔ یہِ پیو شیوٚدٕ نشانس پیٹھ۔ بادشاہ گوٚ خوش تہٕ کمانڈر جٔچل۔

> گاہ باشد ز حکیم روشن رائے
> بر نیاید درست تدبیرے
> گاہ باشد کہ کودکے نادان
> بہ غلط بر ہدف زند تیرے
>
> (سعدی شیرازی)

اَمی وقتہٕ آو تاٲزی بٹس بوٚڈ ہیٚشو فوجی عہدٕ دِنہٕ تہٕ یَتہٕ بنیوو یہِ سارِوے۔

کھسوٗتہٕ عبادِ اقتدارٕ وول۔ اَز تہٕ یُس ہانگہٕ منگہٕ کُنہٕ کانہہ سیزرِ گژھِ، تَس چھِ وَنان —
اُمبس کوٗ تازٕ بٕٹھی کان۔

## ۲- ہٕے تہٕ حاجِ بانڈین کرٕناو

ییٚلہٕ مرزا حیدرن کشیرِ ۱۵۴۰ءَ ہنٛز عارضی قبضہ کوٚر۔ اُمہِ وِزِ اَبراہیم شاہ تخت پیٚٹھہٕ تہٕ ھٹوٗن نوزُک شاہ ناوِ اَکھ کاشُر پادشاہ تختس پیٚٹھ یُس ہے ییٚتھ موٚہتھن ہیوٚ۔ دکومنکُ سورُے کارٕ بار اوس مرزا حیدر کران تہٕ کشیرِ اُسِن نزٕ سٕٹھے کرِ رِیتھ۔ اَکھ پانس، بیاکھ ابدال ماگرے یُس تہٕ بیا کھ ریگی ڈکس کیٚنٛتُ۔ نوزُک شاہ اوس کاشرن "خود مختاری" ہاونہٕ خاطرٕ تختس پیٚٹھ زُوہ لہٕ کران۔ عام لُکن موغلن ہُنٛد رُعبہٕ داب بیہناونہٕ خاطرٕ اُسہِ مرزا حیدرن بیٚیِہ کینٛہہ رِسکہِ خِرٕ اَلِی کاشرِ کرتہٕ پانس سیٚتہٕ رٕلاوِمٕتہِ۔ یِمن منٛز اوس خواجہ حاجِ بانڈے تہٕ اَکھ شخصا ڈیل سائلس نیبرن وِزِ اُسہِ موغل اَفسرٕ نٛزن بیگار نوان تہٕ عالمبن اوس موغلو خوچہ حاجِ بانڈیس ہٕنٛز بیگارٕ ہٕنٛد انتظام مَنٛزٕ ھوٗتمت۔ تہٕ توٚے ییٚلہٕ کانٛہہ ہٕنٛز بیگارٕ پیٚنہٕ واپس اوس یوان، سہٕ اوس بیگارٕ ہنٛز منٛدچھ چھلنہٕ خاطرٕ وَنان —
"ہٕے تہٕ حاجِ بانڈین کرٕناو۔" یانی ژشوچھ اوس نہٕ بیگارٕ بلکہ اوسُس موغلن ہٕنٛدِس بٕتہٕ سازندٕرِس سیٚتہٕ ڈل سائلس گومُت!

## ۳- ہاوتم سَہ کیچم خاٮٔی

مرزا حیدرن ییٚلہٕ کشیرِ سیٚٹھا سخ ظُلمُ کوٚر تہٕ کاشرِ کرِ سیٚپِیکِ سیٚٹھا بے ہمتھ کاشرن ہُنٛد پادشاہ نوزُک شاہ اوس زنتہٕ اَکھ لور دستار اہ۔ اُمہِ وقتہٕ آو کھتکہِ فیٚبیلکُ

سردار کیچم خان راز ویرِ طرفہ موغل فوجس پیٹھ حملہ کرِنہٕ۔ سُہ وُچھتھ گےٚ کاشرۍ تھوٚد وُٹھِتھ نہٕ کرِکھ موغلن خلاف بغاوت۔ درٕچھنہٕ واد لڑائیو پتہٕ آو مرزا حیدر رٕشنِد پھُٹنہٕ پھرانہٕ فوج وہصور چھ لڑائیہ منٛز مرزا حیدر ہیٚتھ ختم کرِنہٕ۔ اگرچہ اَمہ وقتہٕ موغل گالنس اندر چھُہ کاشرِو کیچم خان شُند کھُہ نہٕ جادِ کمال ہووُمت۔ اَما پوٚز کیچم خان سِنٛدِ حملہ سپٕتی اوس عام کاشرین موغلن پیٹھ حملہ کرنُک حوصلہ بڈیومُت ییٚمہٕ تاریخی واقعس ژھ ہنس تھاوِنہٕ خاطرٕ آسہ اَز نہٕ چھ تیمہٕ وِزِ "ہاوتم سُہ کیچم خانی" وَنان، یمیلہ کاشرِ آسہ فکرِ نارُن زِچھانہ جوبِ نگلہٕ وَنہٕ سپٕتی نَسہ ووت کار اَند ابلکہ پو بیٚیٚن ٹکن تہٕ اَتھ کامہ اند وانناوِنس پیٹھ زور لڑاوُن۔

## ۴۔ حبیب شاہن دستار

١٥٥٣ عیسوی سَنس منٛز بیوٚٹھ سُلطان حبیب شاہ کشیرِ ہٕنٛدِس تختس۔ غازی ژَک اوس اَمۍ سُنٛد وزیر اعظم۔ حبیب شاہس دِژاپہٕ نہٕ تیٚزرا انتظامی قابلیت زِ سُہ ہیٚکہ ہےٚ وار ییہس کالس تختس پیٹھ باین کرِتھ۔ غازی ژَک اوس ژُکٕ ہُنٛد وقتُک نبِھن ژینن وول۔ اُسُند وزیر اعظم آسنہٕ سببہٕ کوٚر ژَک خاندانن تیوٚت اثر و رسوٗخ پادٕ زِ عامہ ٹکن اَمس خبر شاید چھُہ غازی ژَکےٚ سون پادشاہ۔ پھٹن پھُٹن کوٚر راجہ حبیب شاہن اَکھ ڈٔری نہٕ آرکہ دوہ ییٚہ نیوٗس علی خان ژَکن، یُس غازی ژَکس بوے اوس سرِ دربار کلہ پیٹھ تاج تُلِتھ تہٕ تھوٚوُن پننِس باٗے لالس غازی ژَکس کلس پیٹھ۔ حبیب شاہ آو ژھیل بَرنہٕ تہٕ ژَک خاندان آو برِ سرِ اقتدار۔

پرٕیتھ تیتھس انسانس، ییمِس لورِ دستار موتبری سرِ عام وٕسِو ییٚنہٕ وَنہٕ چھُہ لُوکھ پوان زِ اَمِس کوٚر کھ ——— حبیب شاہن دستار!

# ٥۔ لوگھٕمٕ سٕہ سٕنزٕ وۄل

چَک خاندانٕکہ زوالہٕ پتہٕ روٗز کشیٖر برابر ترٛینٕہ ستاٹھ ؤرِہس تام وۄپر حاکمن ہٕنٛدِ تحت۔ وۄپر رودٕ کٲشرٕ ہن دٕلہ دٕلہ تُلان تہٕ تمن یہ سمجھاوان زِ تۄہیہ چھِوٕنہٕ ہیکہٕ تہٕ بٕڈ کانٛسہ وۄپرس خلاف کیٛشہ کرنس قٲبِل۔

"دٕپان کشیٖرِ منٛز اوس ہنٛدو عہدس اندر گرٛیسٕتو نِش پیٛوان پٲداوارُک شیٖیم حِصہ سرکارس کھٕن بٕرُن۔ امہٕ پتہٕ رودٕ کٲشرٕ مُسلمان پادشاہن ہنٛدِس زمانس منٛز پٲداوارُک نیٚصفا نیٚصف حِصہ سرکارس دِوان۔ امہٕ پتہٕ کوٚر موغل پادشاہو کٲشرٕ ہن گرٛیستہٕ ہن پہ وٕنِتھ پتہٕ کامہٕ زِ شہرٕچہِ آبٲدی خٲطرٕ چھُہ پٲداوارُک نیٚصف حِصہ کٲفی۔ لہٰذا آوٕ کماوُن والیٚن صرف ترٛیِن رٕنٕن ہنٛدِ خٲطرٕ پٲداوار تھوٚونہٕ تہٕ باقے حِصہ رٕود سرکارٕ وصوٗلی کران۔ پٲداوار کماوُن والیٚن آو دِنہٕ زِ تِم گُذارٕن وٕرِی پیٚچھٕ تورِ ہیٚتھ میوٗن ہیٚچھ۔ تتھٕ زمانس منٛز اُس سارِے زرعی زمین پیوان سرکٲرِ ملکیت مانٕنہٕ یِہ ۱۸۵۹ء تام اوس کاردار پیوان زمیٖنک بوڈ بار سرکارٕ اجنٹ مانٕنہٕ۔ اُمِس اُسٕ کٲفی اختیارات تہٕ سُہ اوس ژرٕ یِتھ سوٗنٕنہٕ زمین دِوان گرٛیستہٕ ہن باگرٕ تھٕ تہٕ اُمی سٕنٛز کام اُس یہ زِ سُہ اوس سرکارٕ خٲطرٕ جاد کھو تہٕ غلہ وصوٗل کرناوان۔ سُہ اوس پژٕ یِتھ ؤرِی یہ زمین باگرٕ اوان، اکس کُنِس، بییس منٛز باگرٕ تہٕ اکھ ووت پرٛوٗت نیچھو شٲمِل آسان اوس۔ اُسٕ ژور ایکرٕ زمین دِنہٕ پیوان۔ کاردار ہیٚلہٕ زمین باگرٕ نیچ کام ختم اوس کران۔ پتہٕ اوس پژٕ یِتھ کامس منٛز کیٛشہ شقدر تہٕ اکھ اکھ سٕنزٕ وۄل تھاوان۔ شقدرن ہٕنٛزٕ کام اُس فصلس رٲچھ کرٕنۍ، یتھٕ نہٕ کانٛہہ وُژھن اَنمہٕ منٛز ہیٚے۔ پژٕ یِتھ شقدرس آسہٕ سرکارٕ طرفہٕ اُٹھ کھارٕ دانہٕ تران۔ امہٕ ہرِ یاتہٕ اوس سُہ گرٛیستہٕ ہن نِش بیہرٕ وٕنۍ تہٕ تُلان۔

سزوۄل اوس شقدرن ہُند اُفسر تہٕ کھٲلہ پٔتہٕ کھٲلہ پھیرتھ گریستین بچارن اہر بیہناوان۔ گرٚیسیو اُسونس شخ کھوژان"۔۔۔۔۔۔۔۔

(ماخوذ از ویلی آف کشیر مُصنفہ سر والٹر لارنیس۔ صفحہ ۴۰۲)

چونکہ سزوۄل تہٕ شقدر اُسوٚ اُف تہٕ ہیکان کٔرتھ۔ اُہندِس ظُلمس پیٹھ چھہٕ ساینہٕ زبٲنی منز وارہ محاورٕ تہٕ ضرب المثلہ بنیٚ مٔژ۔ ہٕشلن نمن میٚنژ تہٕ کمن کرِ بچہ بنٕہ تہٕ پیادٕ پٕنٕ۔

کٲشرِ ین رۄد بیپروادن اوٚ ہُند ظلم یاد، یُس سینہٕ بہ سینہٕ چلہٕ وُن رۄد۔ اَز ہر گُہ کانہہ بد لحاظ، ظالم تہٕ جابر شخص کٲنسہ پیٹھ یا ظُلم و اتشاو یا خامخاہ کُنہ کامہ منز ٹھۄر بنہٕ، نظرن زاگہ روزِ۔ دپان چھِس"———— اوگھنم شہ سزوۄل یا اتہ ہتہ چھُم سزوۄل پٔنٕنٕ"!

فردوسی کشیر وہاب حاجنی چھہٕ اتھ ظُلمس پیٹھ یاٹھ وکھناوان ؎

لورِ زورٕ ووٕ ناوان، وایہ ناوان اُسو دانٛد
اوس شہلا بس مسأوی سوٚن دوگُن تے کھورٕ تہٕ شانٛد
اوس وُری بس کمہٕ ورِتھ دیُن پُشیہ آسان لوٕنہ وُنی
کِھٹ، کوکر، ژادر تہٕ داہ وۄہ نقدرُشوہ گہو تہٕ ٹھٕکٔنو
ماری سے وُری یس سزوۄل بنیہٕ شقدر کاردار
اُسو کھیتھ چٹھ گرٚیسیو تیس جانس کران نم لاہ لار
گامہ پٔتہٕ بہرِ سزوۄل اوس لوگمت رسم سال؟
پۄٹ تہٕ ژادر، کھٹ تہٕ نقدی تہمت وتاراج مال

# ٦۔ زیٹھ ونٕر لوٗ کھیٚوسال

دپان علمدارِ کشمیر حضرت شیخ نورالدین صاحبس دِژ اَکہ دوہہ اَکی شخصن دعوت۔ سُہ دٔرشن کاشکارٕ چھُ اُمِس شخصہ سُنٛد ناو "مُمہ ٹاک" لیوٚکھمُت۔ حضرت علمدار واتی مُقررٕ وقتہٕ بروٗنٹھے میزبانہٕ سُنٛد گرٕ۔ ہمو آسہ زٕ ہیٚنی متی پلوٗ لاگِتھ متہٕ تہٕ جسٕہ موٚٹا ہیو وُچھتھ موزنہٕ کانٛسہ تیمن کُن۔ (بلکہ آو تیمن بیزتہٕ بدلہٕ بےعزتی سان سلوٗک کرنہٕ داوٕژ والیو دوٚپ 'یہ چھُ شاید کُنہ تام فقیراہ یُس ساویٚنہ آمُت) حضرت علمدار ژرا یہ واپس مُقررٕ وقتس پیٹھ واتی زرقہ برقہ کرِتھ پوشاک لاگِتھ سالس۔ تیمن آو خدکھوتہٕ جاے تعظیم کرنہٕ۔ بیٚلہ بتہٕ آو تراونہٕ، حضرت علمدارن کٔڑ راوہ پٔنہٕ نس زیٹھِس پھیرنِس زیٹھو نٕر سوار تہٕ دوٚپنکھ ....... زیٹھ ونٕر لوٗ کھیٚوسال!"

مجلسہ منٛز حاضر لُکھ سپدی حیران زِ علمدارِ صاحب کیا چھِ یہ کران۔ تیمو فرمود کہ یہ دعوت اُسُے نہٕ مےٚ بلکہ میانِس پوشاکس، تکیازِ اَدٕ یہ مہٕ وِزِ یہ سالس آیاس میانِ پرانِ پلو وُچھتھ دِژ نہٕ مےٚ کُن کانٛسہ تٕہِ نظر۔ وۄنہٕ کیٚن نوو پوشاک وُچھتھ اَکھ سارِی معذرت چھِ کرنہٕ۔ میزبان تہٕ اہل مجلس سپدی شرمنٛدٕ۔

چونکہ علمدارن ہُنٛد یہ واقعہ چھُ کیٚنژن ریشی نامن منٛز تہٕ درج۔ اَدٕ سبب لکھوو اَسہ یہ تلمیح یتھ باگس منٛز۔ یہ پیٹھ چھِ علمدارِ کشمیر اَکھ تأریخی شخصیت تیٚنہٕ زن گوو زٕ یہ "بزرگن ہنٛد تلمیح" حصس منٛز آسُن۔

# موغل عہدکی تلمیح

## ۱۔ کیچلی خان بنُن

قلیچ خان اوس کشیرِ منز ۱۵۸۶ء پیٹھہ ۱۵۹۰ء تام موغلن ہُند ترٛیئیم گورنر (صوبہ دار)۔ اُمی سٕندِس وقتس تام آسہ کأشرکہ حرٔیت پسند موغلن ہُندِس تسلُطس خلاف شٕن وٕرِیَن گرا منظم تہٕ گرا گوریلا جنگ لڑان روٗدی متہ۔ مگر قلیچ خان سپُد کأشرین لیڈرن اندر پھاس ترٛاونس منز کامیاب تہٕ اُمی لڑاوی کأشرین سٕتۍ کأشرکہ تہٕ اُکھ خونریزی گوٚژھن ناو "امن بحال کرُن"۔ ییمہ کأشرکہ لیڈر تہٕ تہٕ موغلن خلاف روٗد دٔیمہ آسے اَکہ اَکہ بیٚٹھ دردی سان فنا کرنہٕ۔ مظلوم کأشرو تِھنٛز صوبیدارس پیٹھہ تہٕ گوٚو ہسس کیچلی خان ناو۔

اُمس تیٚنہٕ پتہٕ کانٛہہ غدار جابراہ کأشرین ماران مارأنی یِہ وَنہٕ زٕ نہ چھُہ امن بحال کران۔ تس چھِہ وَنان ـــــــ یِہ ہُسہ بٕنیو کیچلی خان۔

## ۲۔ آغر خانُن ہٕوس

محمد شاہنہ وقتہ سیٚٹھا موغل سلطنتُک سوٚہ شراوس لوٗگمُت۔ اُتھی وقتس منز آو کشیرِ اَکھ نایب صوبیدار آغر خان۔ یِہ اوس ہٕپُل۔ اَکِس وٕرِیس اندر اندر بیپارِی یِپارِی اُمس اَتھہٕ پیٚیِ۔ بیپارِ تیپارِ روٗد یِہ ٹیکس وصوٗل کران۔ اُتھی حقیقہ تھار

اَندرٕ ڈیٖپان ہیٚیلہٕ اُمی اَکِس کاشُرِس دوٚپ زِ ژٕ نٚے کوٚنہٕ چھُے ہَسی ٹیکس بوٗزمُت۔ تٔمۍ دوٚپ جناب کشیٖرِ شہر چھُنہٕ اَکھ ہوٚس تہٕ کُنہِ تہٕ، یہٕ کتھ دِمہٕ ٹیکس۔ آغا خانن ووٚنُس گوڈٕ چھُکھ یوٚت گُستاخ زِ میانِس تخمینس تہٕ چھُکھ کیٚھ کڈان۔ لہٰذا چھُے ژٕ نٚے اَتھ گُستاخی ہِنٛد جُرمانہٕ خاطرٕ برابر سٕے ٹیکس ادا کرُن یُس اَسہِ لوٚگمُت چھُ۔

اَلغرض واقعہٕ ہِس ہیٚوٚت بنیوو یہٕ تلمیح۔ اَزیٚس اَکِس نٔنہٕ چیٖزِس ٹیکس ادا کرُن پیٚیہٕ، یُس نہٕ تمِس آسی، سُہ چھُ وَنان —— "میٚلُے ہسہٕ گوٚ آغا خانُن ہوٚس!"

# پٹھان عہدٕکی تلمیح

## ۱۔ مرزٕ رضنہ ہُنٛز گاڑٕ آرٕ

مرزا رضا ناوُک چھُ اوسمٕت پٹھان عہدس اندر اکھ شہر باشا۔ یُس کیٚنٛہہ تام جُرمس پیٚٹھ سزا دِنہٕ آو زِ یہ گژھِہ سارِی شہرس گاڑٕ آرٕ نالہِ ژھینتھ اُڈٕ اُڈٕ کڈنہٕ یِین۔ چنانچہ یِیہ آو کرنہٕ۔ شامس بٲگ ییٚلہٕ اُکھی حالس اندر، پانس برونٛہہ برونٛہہ ڈنٛڈُرٕ وایِن والیو کرٕ واننو، اَمی کوٚڈ گردنہِ منٛز گاڑٕ آرٕ تہٕ ژاو پنٕہ ہیٚتھ گرٕ۔ سرکٲرِی اہل کارو دوٚپُس یہ گاڑٕ آرٕ چھےٚ سرکٲرِی مال یہ کر واپس، مگر اَمی ڈیٚتکھ ٹاکارٕ جواب تہٕ دوٚپنکھ "کیا پیٚٹھ رُسوٲیی ہیٚکہٕ تہٕ اگر شوکھس گاڑٕ سیٚتھین بنہٕ نیٚلہٕ گوٚیہ سرا سر تاوان!" تہٕ ژاو گرٕ۔

اَز چھِہ اُکھی مانیٚس منٛز بےٚ شرم سیٚتھ مٕنٛز تہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ مطلب یہ چھُ "رُسوٲیی ہُنٛد ماد چھنہٕ وُنی!"

## ۲۔ عُظم خانٕنۍ چیٚٹھ

عُظم خان اوس ۱۸۱۹ء تام شُرن ورِین کشیرِ ہُنٛد پٹھان گورنر۔ اَمی ییٚمےٚ "دھر" ٹِکو مٕنٛکو اکھ لٹھ ادی۔ تمےٚ گےٚ امیرس خلاف۔ بیربل دھر ژوٗل پُنٛن نیچو راجہ کاک ہیٚتھ کشیرِ کیٚنٛہہ سکھ راج اننہٕ۔ اَمی سُنٛد عیال (زنانہٕ تہٕ نوشہٕ) آیہٕ قُدہ گو

گوجوارہِ سُند گرٕ ژوٗرِ تھاو نہٕ واوَنہٕ۔ عظم خانس ییٚلہِ خبر لٮ۪گ زِ ذوالفقارہٕ ٹیکہٕ تہٕ کامرانٕ مُلک ہِشُندِ مُدتہٕ سٟتؠ چھےٚ ہیرٕبل دھر درِ ہٕتھ سُرکٕنی ییٚلہِ ژوٗلمُت۔ تٔمی اوٚن واسہٕ کاک ہرکارٕ تہٕ دوٗہنس، یِتہٕ آمنہٕ ہیرٕبل دھر سُند عیال ہاوکھ توٚتام چھےٚ پٔرہتھ دوہہٕ اَکھ اَکھ ساس روٗپیہ جرمانہٕ برُن۔ اَتھی خطرناک جُرمانس تھوٗو ٹکو چیٚٹو ناو۔ نوٚ دوہہ گژھِتھ ییٚلہِ ہیرٕبل دھر سُندی زامتُری (تمک چند مُنشیٛن) ہیرٕبل دھرُن عیال قدٕ مجوٗرٕ گٔرِ کڈٕ نوو۔ دھر صابَس آشنہٕ کھیوٗشیر گٔڈ کھسان کھسٲنی ناوِ ہشر ژہر تہٕ ہتہٕ۔ اَمی شِرو نوش آیہٕ کابُل سوزنہٕ۔ کیٛہہ کالہٕ گژھِتھ ییٚلہِ عظیم خان کابُل گوٚو، تٔمی سوٗز پانس برونٛہہ اَکھ رٮ۪تھ سہزرام دھر نقدٕ، جَبنِیہٕ اَکھ کروڑ روٗپیہٕ ہیہتھ کابُل۔ ییتھ اَمی کشیٖر روزِتھ جُرمانو تہٕ ٹیکسو سٟتؠ وصول اوس کوٚرمُت۔ اَتھی کھٔتیہٕ تھاو پیٹھ بٔنیوو یہٕ تلمیح۔

(سِکہِ ییٚلہِ پیٛتہٕ قبضہٕ کوٚر، اَتھ ہندی گورنر دیوان موتی رامن واتہٕ نوو ہیرٕبل دھر جیل تٔمینہٕ ہمار گژھِتھ سُہ بڑیوو)

# سِکھ عہدُک تلمیح

## ۱۔ کھوکھہٕ آوے

سِکھ راجس بیٚٹھہٕ کشیرِ اَندر پٔنٕتھٕم دور آسے۔ نظامِ حکومت سپُد دٔرہم بٔرہم۔ گٔکھہٕ تہٕ چھٹمبو قبیلو ہیٚوٚت کشیرِ دٕہ ملہٕ لوٗٹھ کرٕن۔ یہٕ سلسلہ رُوٗد گلاب سِنگھنِس وقتس تہٕ کیٛتژس کالس چلان۔ مال جاداد رٲوٕنۍ اوس سہلی مگر گٔکھہٕ آسہٕ کأشرٕ ین شُرین تام وَتہٕ پیٚٹھہٕ اغوا کران۔ اَمہِ شُرکہ لوٗٹس پیٚٹھہٕ ٹھوٚو کأشرو مالیو ماجیو کرٕ نبر نبرس پیٚٹھ بیم ٹھوٚونہٕ خٲطرٕ یہٕ تلمیح جٲری، ییٚتھ بوزِتھ شُرۍ آسہٕ کرٕ روزان۔ (گٔکھہٕ ہٕندِ کھوکھہٕ)

## ۲۔ لوگ ٹھٕمہٕ سہ سُتھرا شاہ

سِکھ عہدس تہٕ ابتدأیی ڈوگرٕ عہدس اندر اوس کھانٚدرن پیٚٹھ سرکٲری ٹیکس دِین پیوان۔ کھانٚدرٕ ٹیکس وصول کرنہٕ خٲطرٕ اوس "سُتھرا شا" ناوِ بدلحاظ کارِندٕ آسان۔ لوکھ آسہٕ سیٹھا میسکین۔ امہِ ٹیکسہٕ سیتۍ اوس "سُتھرا شاہ" ینِہ وٕتھ نہٕ تُلان۔ اگر کانٛہہ سُتھرا شاہس "خرمت" کرنے روزِ ہے سہ اوس تہٕ جہیزنہٕ ڈولہٕ منز کھسہٕ نہٕ دِوان۔ اَمہٕ سٕندۍ ہیے رزالتس پیٚٹھ چھہٕ سُتھرا شا لاگنہٕ تلمیح بنیومُت۔

# ڈوگرٕ عہدٕکۍ تلمیح

## ۱۔ ترٛوو ٹھمہٕ سہ شُوٗہ

کٔشیرِ اندر چھےٚ ہندو عہدٕ پیٹھے بیگٲرۍ چلہٕ وٕنۍ رٔوزمژٕ۔ اما پوز یِکیہ عہدس تہٕ ڈوگرٕ عہدٕ مس اندر ووت یہ ذلیل سِلسلہٕ آنٛدس۔ اگر چہ سنہٕ ۱۹۲۰ءٕ پیٹھ آو کاغذن اندر یہ سلسلہٕ چھُٹراونہٕ مگر عملن اوس بیگٲرۍ حال حال تام موجوٗد۔

گلاب سنگھنہٕ وقتہٕ پیٹھ کٲشرس ژھٕکس بیگار اوس آسان نیبرن تس اُسی نہٕ ڈوگرٕ حاکم یا تہندۍ ماتحت شٲنٛچھ سوزان بلکہ اُسی رٔتِتھ تسٕنٛدین آنگنس اندر اکھ زیوٗٹھ ڈانٛڈ ووہ دینہٕ یِوان۔ یِتھہٕ پٲٹھۍ اسے ژھپیتھ محکوٗم کٲشرِس پانٔنے ادس فِکرِ نِمان نہٕ از چھُ شوکٹس بیگار گژھن اٲکھ ڈٕنٛڈس اُسی لوکہ "شُوٗہ" وَنان۔

از اگر کانٛہہ کٲنٛسہ اشارٕ پٲٹھۍ آکہ کرٕ زٕ ژٕلے چھےٚ فلانٕ ژھیٖڑ دینٕ، شہ چھُس وَنان ———— "ترٛوو ٹھمہٕ سہ شُوٗہ!"

## ۲۔ بدری ناتھنہٕ اُدرٕ موویر

دیوان بدری ناتھ اوس مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ وقتہٕ کشیر منٛز وزیر اعظم۔ یہ اوس رشوت کھیونس شرٕ تیوٗت یلہٕ گومت زِ اگر اُکس فریقس نِشہٕ رشوت رٔٹِتھ تس کانٛہہ عہدٕ یا عطیہ دِیہ ہے، پگہہ اوس اُمی سٕنٛدین مخالف فریقس نِشہٕ رشوت

حاصِل کرِتھ، یِتھ کٔنؠ حُکمس بِلکُل وُلٹہٕ بدل حُکم کڑان۔ نتیجہ سپُد یِہ زِ سارٕی سٕے گٲرٕ مشینری دوٚہ کھٮ۪تہٕ پھٔکھ۔ اَمہِ سپٕدِ نہٕ یِمن حُکمن مٕنزٕ آو دِنہٕ زٕ کُنہ چھٕنہٕ اُمس اکیوٗ کٕنہ عمل اُدرٕ سٕے آسان زِ اکھ خلاف چھُ بیاکھ حُکم کڑان۔

اَز ہیٚلہ کانہہ حاکم یِتھی متضاد احکام کڈنس چھُ دِنان ——————

اَمہِ شاہ حُکم لٕوزِتھ تُہ بدری ناکھِتہٕ اُدرٕ سٕے موہرٕ

## ٣۔ بھمبولار

مہاراجہ گلاب سنگھنہٕ وقتہٕ اُس اکھ لوٚر جماعتھ، یِمن "بھمبو یا بھمبہ" دنان اٲسہٕ۔ یِمو اوس حکومتکہ شہرکؠ شرٕ لوٗٹنس پٮ۪ٹھ قدم تُلمُت۔ یِمن تہٕ دوہہ تہٕ لوٗٹہہ تس شُدٕ سٕے حال تسی پیشانٕ کرِتھ اُسو تٔس       پکہ نادان۔ نہ اَسہس دوان تھٲکہ کڑٕ تہٕ نہ پیٚت نظرٕ دِنہٕ۔

یہ حالِ بدعٕرکھ وٲن سانہٕ پرانیو "ہانٕز ہا اُمس بھمبہ لار"

## ٤۔ لارنٕس بٮ۪ٹھنٕ بوٚندوبست

مہاراجہ پرتاب سنگھنہٕ زمانہٕ آو کشیرِ ہنٕز زمینک بوٚنٕز بست (settle ment کرنہٕ۔ اَمہِ بوٚندوبستہٕ خاطرٕ آو والٹر آر۔ لارینس (walter.R. Lawrence) کمشنر مقرر کرنہٕ۔

پرتاب سنگھنس اوس فکرٕ تُہ آمُت زِ یُتام نہٕ زمینک کیٛو پٲداوارُک باضابطہ رِکارڈ تھٲوِنہٕ یِیہ کرنہٕ تام نہٕ یُتام زمینٕس تہٕ تیٚہندِ سالم وصولی چھٕنہٕ ممکن۔ اکھ ہیوٚ زٕنؠ یِیہ کٲمؠ یا لوٚبہٕ زور تہٕ ورتاونہٕ۔ بوٚندوبستک سارے کٲم آیہٕ والٹر۔ آر۔ لارینس

ھائِس ییمِس عام کأشرِ لارن صٲحب یا لارم صٲحب ؤنان چھِ، مٕنۍ کھوٚنۍ۔ اَمہِ ڈیُت محکمہٕ مال نوٚو ترتیب تہٕ اَمہِ محکمہٕ سٲرۍ پرٲنۍ شکل آیہٕ بدلاونہٕ۔ گریستین آیہٕ بوٚنٛدبستکو فائدٕ فِکرِ تارنہٕ۔ زمین آیہٕ مینِنہٕ، کاغذات آیہٕ تیٚار کرنہٕ، نقشہ آیہٕ بناونہٕ تہٕ گریستین آیہٕ زمین یا گرِ کتھ دِنہٕ۔ بوٚنٛدبستچہ کامہٕ خاطرٕ، یوسہٕ ستن ؤریین اَندر اَندر اَند آیہٕ واتناونہٕ، آیہٕ کینٛہہ ماہر وادی نیٚبر بیہچھ اَنناونہٕ تہٕ کیٚنژن آیہٕ ییٚتی تربیت دِنہٕ۔ لارن صٲحب اوس دوہ پھیرِ، اَما پوٚز کشیرِ منٛز روٗزِتھ ہیٚوٚن تیمۍ کأشرِ ین ہندِ مزاجٕچ پوٚر سام۔ تیمۍ چھِ کشیرِ اَتہٕ کین بسکینن تہٕ بوٚنٛدبستس مُتعلق تاثرات پننہٕ "ویلی آف کشیر" (Valley of Kashmir) کتابہِ منٛز لیکھمٕتۍ۔

اگرچہ لارن صٲحب سنہ ۱۸۸۹ء اَندر یور آو تہٕ بوٚنٛدبستچ کام اوس مسٹر وِنگیٹ (Mr. Wingate) سٕنٛدِ ذمہٕ یہِ ۱۸۸۷ء منٛزے شروع ییٚژمٕژ۔ لارن صٲحب گوو ستن ؤریین کام اَند واتناوِتھ واپس مگر کأشرِ مُتاثِر ٲسۍ تیمِس ہرگز۔ تِم چھِ وُنہِ تہٕ زمینکِس کُنہِ مسلس مُتعلق کتھ کرنہٕ وِزِ تہٕ کانٛہہ بار چھکاونہٕ وِزِ فخرٕ سان لارن صٲحبن ناو ہیوان۔

## ۱۔ رٕمہ ریٖشن آسے

زیٖچہ وائنس مہنٛدۍ دُعا خاطرٕ چھےٚ یہ تلمیح وَرتاونہٕ یوان۔ تکیازِ خیال چھُ زِ رُمہ ریٖشس چھےٚ حیاتِ ابدی بَخشنہٕ آمٕژ۔ ریٖشو سلسلس اندر چھِ رٕمہ ریٖوش ییٚنہٕ شمار یوان وانٛنہٕ۔

اول ریشی احمد ریشی

دوٚیِم حضرت اوٗیس آو

ترییِم ریشی زلکار ریشی

ژوٗرِم حضرت پلاس آو

پوٗنٛژِم ریشی رُمہ ریشی

شیٚیِم حضرت میران آو

ستِمس کوٚرہم ہش نادشی

بوٚڈ کُس ریشی منٛز کیا ناو

(حضرت شیخ العالمؒ)

کینٛہہ چھِ وَنان زِ رٕمہ ریٖوش گو حضرت خضر، مگر امہِ کاملچ چھےٚ نورِ نامس منٛز لیکھان "شیخ العالم پننِس اتھ منٛز کس منٛز چھُ احمد، حضرت محمدؐ تہٕ اوٗیس حضرت اویس قرنیؒ بے شک مطلب، مگر امہِ پتہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ زلکار ریشی گو حضرت علیؓ، میران گو حضرت عبدالقادر جیلانیؒ۔ رٕمہ گو خواجہ خضرؑ تہٕ پلاس گو حضرت موسیٰؑ مگر یہ چھُ نہٕ صحی چُناچہ امیک ثبوت چھُ پانہٕ شیخ العالمؒ سُندِس کلامہٕ منٛزٕ کینٛہہ شعرٕ کی چھِ ہاوان زِ زلکار چھُ داندٕک وَن ییٚمس حمل کالس منٛز اکھ کام تہٕ اکھ وَن

چھُہٕ) بسان اوسمُت۔ ژُمہٕ چھُہٕ رامودہ کامس اندر دُفنہٕ توارٖیخن اندر ثابت۔ پلاس (پلاسمن) چھُہٕ گوڈٕ ٔسو تحقیٖقہٕ تہٕ خلاصن رلوٗش شُند بوے توارٖیخن اندر درج۔ ییم ساری چھِہٕ حضرت شیخ العالمؒ صابٕ بس برونٹھ شایدرٕوحانی لحاظہٕ پایکیو اُسمتی نُوے چھِسے علمہٕ صاحبن خصوصیت سان پیٹھ ذکر کرمُت سے چھُہٕ البتہ میران لفظکُٹ باسان ہیوٗ لگان زٕ شاید اتھ صحی تلفظ چھُنہٕ برقرار روٗدمُت بیون باسان ہیکہٕ غلط تہٕ اُسِتھ۔

نگرنے ژُمہٕ ریشن آے ۔۔۔ مٔنے پُھٹھم چون تمنا
ارمان چیائی تم کس ڈرامے ۔۔۔ مٔنے نو دامے منشی نہ اتھہ

(محموٗد گامی)

## ۲۔ للہٕ ہُنٛد نلہٕ وَتھ

انتہائی زٕ بڑ کرامتہ سیتم ژالنس پیٹھ چھیٚ یہ تلمیح بنیہٕ چھِ تہٕ اکھ نفیس شعر چھِسے یوان ورتاونہٕ تہٕ۔

محمدالدین فوق صابُن بیانہٕ مطٲبق چھے للہ دید ۱۳۳۵ء یانی ۱۳۵۰ھ ہس زامژ۔ تہٕ شاید ۱۳۸۴ء ہس منز سورگہٕ واس سپزمژ۔ وٲرِیو وِس منز چھہ اُمس رنگہٕ رنگہٕ تٕکہٕ واٲلہ و پترٕ ییمژ۔ ینہٕ طرفہٕ پیٹھہٕ چانہر گُرتھ تہٕ اُسیس بدخاہ ہش کتھہٕ مٕیس اگوٗٹ کران۔ حد چھیہ یہ زِ تمہٕ ہُن وُریٕ برابر رُو ژٕ نشتر ہش بتہٕ شیرتہٕ وزٕ تسنٛد ہمسایس منز اکھ کٔنی (نلہٕ وتھ) تھوان۔ اکھ کنہٕ پیٹھ اُسیس پیٹھہٕ بتہٕ ہیتہٕ ژاہ اکھ تھوٗن تہٕ ہُن وُریٕ کرتہٕ للہ دیدہٕ کاٲنسہ نش شکایتھ۔ البتہٕ اوس للہ دیدہ ہُنٛد ہمسایہ وٲرِو ون اکہ دوہہ گۄرٕ وانہٕ وان۔ للہ دراے ہمہٕ نٔنٛگس یارہٕ بل۔ یارہ بل کاکنیو ووننس۔ اژ چھہٕ للہ نفیس سال کھیوان۔ ییمو چھیٚ رنگہٕ رنگہٕ چیا فٕٹ تیار کرمٕتۍ۔ یہ بوز تھ ووٗنکھ تمہٕ سہ

ہوٗنٛڈ ماژِ ی تَن ماژِ ی تَن کنٛھٹ

للِہ زلِہ وَٹھ ژلِہ ہٕ زانِہ

یانی دانِوان اُسمٕتہٕ تہٕ آسہ للِہ ہٕنٛدِس بانٛس منٛز زلِہ وَٹھے۔ (کینٛہہ لُکھ چھِہ وَنان زِ "کنٛھٹ" بدلہٕ گژھہِ آسُن "کوٗنٛڈ" تِکیازِ "کوٗنٛڈ" ڈیپھٕہ گوگاڈٕ۔ ہٕپاژی گو "ہوٗنٛڈ" تہٕ کنٛھٹ۔ تہٕ اَگر ہِشاوٕس منٛز دوٕ یہ لفظ "کنٛھٹ" لفظ آسُن چھُ غلط، تیٚلہٕ گژھہِ آسُن کنٛھٹ ماژِ ی تَن یا کوٗنٛڈ۔ للِہ زلِہ وَٹھ ژلِہ ہٕ زانِہ

## ۳۔ للِہ ہٕنٛز ستے

لوک عقیدِ چھُ زِ لل دیدِ اُس ہَش سیٹھا ظلم کران۔ نٕیٚنٛدرِ کوٗرِ اوس سیٹھا کریکھ۔ حالانکہ سوٚ اُس زبردس کسب دارِ پنہٕ جِس وال ہیٚوِ زاٗویل ہیٚوِ ہس کنان۔ تیوت زاٗویل محنت تہٕ کوٚرُس نہٕ ہٕشہِ سٕہ قبوٗل۔ کمالِ عقیدت چھُ یہٕ زِ دیان اَکہ دوہہٕ ژھنٛس یوت زاٗویل کوٗ تمت بییرِ نہٕ تمہٕ بدخاہ ہٕشہِ وییتھٕ وہیرِ سے چھُ نٕدرِ وٕ منٛز اَز نیران تہٕ گکن ہٕنٛد خیال چھُ تا ابد کھسُن نٕدری سٕر ومنٛز تہٕ للِہ ہٕنٛد کوٗ تمت ییرِ رهنِ للِہ ہٕنٛدِ وستراوِ منٛہ ظُلمچ نشاندہی تِمنٕہ نٕدری والین ہٕنٛدِس صوٗرتس منٛز کران۔ (پوٗز زانِہ خدا)۔

## ۴۔ آیا یہ واٗنِس کٕشیہ کانٛدرِس

یہ تہٕ چھُ لل دیدِ ہٕنٛدٕ سے واقعہ۔ عام خیال چھُ یہی زِ لل دید اُس مجنوٗنہ تہٕ حالتس منٛز ننگے نژان۔ اَمہ متعلق چھُ محمد دین فوق "خواتینِ کشمیر" کتابہٕ منٛز لیکھان "وَنہٕ چھُ یوان لل دید اُس وُری یانہٕ نژان۔ اَکہ لٹہٕ بیٚلہٕ حضرت میر سید علی ہمدانی کشیر آسے لل دید

ہیوٗت بدنہٕ کیٚن انگن چونکھر کرِتھ پنُن پان پرٛدس ہنٛز بھاوُن۔ کوٚتھ گۆو بھاوُن یِتھ

حقن امیرٚن ٹُپہٕ ژھس، ژٕ یمے اوٚمے نا از تان وُری یانہٕ آسہٕ ننُک احساس؟

لل دیٚد وٚنٛس، اَز تام اوس نہٕ میٚ اَندری یکھو کانٛہہ مرد تہٕ کانٛہہ گاشدار، ژٕ

آکھ میٚ گاشدار لبنہٕ، اَدٕ موکھ چھس ژٕ ٔے نِش پرٛدہٕ کران۔

؎ للہٕ ہُرژ ییٚلہِ ہنٛز بازرس دژایس

شاہ ہمدانن وُچھ میٚ ٲنی ژھاے

مرٛدس برژہٕ ٹھہ کٚن پرٛدہٕ سان آیس

یاوَن رایِس چھٕنہٕ میٚ ٲنی ماے (مہجور)

مگر عام لُکن ہُند خیال چھُ زِ ییٚلہِ لل دیٚدہٕ حضرتِ شاہِ ہمدانؒ پانس کُن

پیوان وُچھ، تیمہٕ موٚنگ اَکس دُکاندارس نِشہِ خاطرٕ کپُر۔ دُکاندار اوس کاٗمی تیمو ٹُپہٕ ژھس

از کمتھ کیٚنُت چھے ژٕ ٔے کپُر؟ لل دیٚد وٚنٛس "اَز توٗر کٔشیر اَکھ مرد خدا، یہٕ چھُ میٚ

پرٛیز ناوان تہٕ بہٕ چھس یہٕ پچھانان، اُمس نِش شوٗیہٕ پرٛدٕ"۔ پیٚتس کالس وٕ اُتی حقن

اُمیر رحیمن نکھہ۔ اَتہٕ اوس اَکس کانٛدرس شُند دَزٕ وُن تونٛدر۔ لل دیٚد لاے اُتھو ہنٛز

وٕ وٕھ۔ شاہمدان گیٚ تونٛدرس نکھہ تہٕ ڈیٚتُن لل دیٚدہٕ آلو۔ لل دیٚد کھُتھ زرقہ برقہٕ کرِتھ وُن

پوشاکھ لاگتھ واپس۔

## ۵۔ زِیٚنہٕ مشد چھوک نہٕ....

دپان حقن علمدار اُسہٕ نہٕ زیٚنہٕ وِزِ ماجہِ دودٕ مس مازان۔ اَیا پٹہٕ آیہٕ لل دیدہٕ تہٕ دوٚنٛس:

؎ زیٚنہٕ مشد چھوک نہٕ تہٕ چیٚنہٕ چھکک مشد چھان۔ یہٕ عارفانہٕ مصرع بوٗزِتھ چھے

ہیوٗت تمو دودٕ چیوُن۔ کیٚنٛہہ دپان تمو چوٚو لل دیٚدہٕ ہنٛز ببہٕ تہٕ کیٚنٛہہ دپان لل دیٚد دِژ

تیمن اوٚنگجہ زٕ ژہیٚنہٕ، یمو کینٛہہ دوٚد دوٚہتہ۔

زپستانِ مادر ننوشید شیر　　بہ طفلی ز شیخ آمدہ کارِ پیر

للہ عارفہ در کنارش گرفت　　چہ انگشت شیرش بداد اے شگفت

دو انگشت بی بی دو پستان شدہ　　لبن در مکویش ازاں آمدہ

(تاریخِ نثایق)

## ۶- بابس میر صابُن چھوکھ

بابس میر صابُن استان چھُ سوپور- اتہٕ چھےٚ یہِ رِوایت ذٕریعہٕ ٹُکرٕ سوپور یس یوسہٕ آسمانی بلایاہ پیہِ نفصانہٕ چھُنہٕ نار لگہِ، تیتھ چھےٚ باطنی پاٹھی کوڈ بابس میر صابنس منظور ژٕنی آسان- اتھی نار برات کڈنس پیٹھ چھُ لکھ ونان "یتھہٕ نارس چھُ بابس میر صابُن چھوکھ":

اُز تہٕ پیٚلہٕ کاشُر کاشہ بلاے دۄہن ورزنکر کٔن آش روزیہٕ یہِ بلاے آمژٕ آسہٕ، تمُس چھِ ونان "ہتا یارٕ ژکیا چھُکھ اُمس نیش ژھانڈان، اُتھہٕ بلایہِ چھُکھ بابس میر صابنے چھوکھ!"

## ۷- لکہٕ بوٗنہِ کجٕ

دپان للتادِت پادشاہ سِندِس زمانس منز اُس لکہٕ بوٗنہٕ، یُس بڑگمٕ ہلاکٕ ٹِک اکھ خوشوٗن گام چھُ- اکہِ خدا دوس زنانہٕ روزان- یہِ اُس ژھوپ تہٕ سیٹھا نیک ناو اوسُس دیہہ مال مگر کتھہٕ کمہِ کرنہٕ موٗتھ چھیس لوکھ تمہٕ پیٹھ ازتام "کجٕ داج" ونان دپان یہِ اُس لکن ہٕمیشہٕ کامہِ ماوحنہ وزاے کران؛ لکہٕ گرن ڈوان، آب مارانٕ تہٕ دانہٕ ہیبنہٕ ڈیتھ دوان- اما پوز لکہٕ بونس منز اُس آبچ سختی سیٹھا دور اوس یہان آب انُن- اکہِ دۄہ

وَنِدِس منز بیٚلیہ کیٚنۍ مٲنٛز کیٚمہِ تام گرِک نوٗٹ ہیٚتھ کولہٕ پیٚٹھ واتَن، اَتہٕ ؤچھُن اَکھ سہہا اُس ہیرٕ اَوِتھ۔ کیٚنہہ ماجہ گوہ نہٕ زرٕ ہ نہٕ خوف۔ البتہٕ وۄن سہہس ژِ کر فقط میٚتہ پیٚٹھ یِہ مہربٲنی زِ یُوتام فلاںٕنۍ گرِس بہٕ آبہٕ نوٗٹ تراوِتھ یِمہ یُوتام پرار بِیٚتی۔ تکیا زِ تم چھہ ژیٚنِہ موکھہٕ پھیشیاں پھیشیاں کران۔ یہ وٲنی نیٚنُو تیٚمہ آبہٕ نوٗٹ نہٕ آسے پوٚت کھۄرے اَتہٕ ؤچھُن سہہس بدلہٕ بُزرگاہ اَکھ۔ بُزرگس پرژھُن۔ توہہ ہا گُو وہیہ پٲرِی سہہا نظر؟ بُزرگن دوٚپُس آدِ ژٕ ہیٚتے کیاہ کری سہہ۔ کیٚنہہ ماجہ وۄنُس سورُے حال۔ بُزرگن دوٚپُس شُہ گوس سہہ۔ میٚتے کرِ یوُسے ژٕ ہیٚتے امتحان۔ منگ کیاہ گژھی؟ کیٚنہہ ماجہ دوٚپُس۔ پانس چھُس نہٕ کیٚنہہ ہاجتھ۔ صرف گوژھ ہیٚتہ گامس آب آسُن۔ ڈیان بزرگن وۄنُس۔ اچھا فلاںٕنۍ دوہ واتِی زِ فلاںٕنۍ جایہ، توہرِ واتِنے کیٚنہہ جانور، تِہِنز سیتو آسی اَکھ ہور کاوتہ۔ شُہ بیٚٹھِتھ کھٔنِہ نتِہِن نیبرٕ آب۔ یِمی سپُد مُقرر دوہ، یِہ واتِس کیٚنۍ مٲنٛز مقرر جایہ۔ جانور نہٕ آسے۔ ہاری کاوَن ڈیٚژٕ اَکِس جایہ دِگہٕ، تَتہٕ ڈرٕاو آب۔ ڈیان تیمیٚنے جانورن سیتو گیٚے کیٚنۍ مٲنٛز نہٕ ؤڈِتھ۔

٥ لوکہٕ بوٚ نیبِچی کیٚنچی

اَکیٚچی کوژن سوہ

سیٚتِھ جاناوارن ژچی

تیٚتھی میٚتے ور دِنہم دوہ

(علمدارِ کشمیرؒ)

یِتھہٕ سیہ کانہہ نیک ژرٕ تانہٕ ہمسایِن ہُنٛد مُفلسن تہٕ فقیرن بے غرض پانٛژھ اوچھِ روٗٹ کران، آسہ کاشُرن چھیٚنے تیٚمی پِشر کامہ ؤچھِتھ لگہٕ بوژنیٚچ یاد پیوان۔

# حالہٕ ہالکہ متفرقہ

# تلمیح

[ یتھہ عنوانس تحت اکثر کتھہ یا گرٕتی ییکو کھ نہٕ اسہ صحیح لفظن اندر تلمیح گنٔز ہتھ۔ توتہٕ چھِ اسہ یِم صرف رِکاڈ خاطرٕ دٔرج کران۔ (ادارٕ) ]

# ۱۔ لسہ کاوِ ہنز مازِ رتھ

لسہ کاوِ ہُنٛد خاوند اوس ٹھُکُل واچھر۔ رٲژِ پٔچھ اوس گرٕ یوان۔ گرٕ بیٖلیہ یِتھ آسہ ہیٚس صنوٗرۄز اوس کوکر پوٚتھ تمن دوٚن ژون ہُنٛد تہٕ کرناوان انتظام۔ گرٕ ڈاکٹر تنخواہ اوس کمسا ہہ سان پیٚہان، کوکرماز کھیوان تہٕ نکتن پیٚہ ہاوان زٕ شوٚہ چھہ سرکٲری تنخاہ دار۔ لسہ کاوِ تہٕ ژٔن اوس پوٚرِ کینہہ اکھتابہ کھسان۔ یارِ بل کاکنین نشیہ داہ کنہ تہٕ کرنہٕ آلوشیں وایوان آدِ ہے اوٚنُن فلانی جور، مےٚ کیٚت اوٚنُن فلانی چیز۔

دوہ زٕ دوہ گژھتہ اوس لسہ کاوِ ہُنٛد خاوند ڈوٚڈی بیٚٹھ نیران۔ امہ وِز اَس لسہ کاوٕ تمِس نیران دوٚرتان پیٚتہٕ پیٚتہٕ۔ یٔمہ ساتہٕ سہ روخصتہ ہیوان اوسُس لسہ کاوٕ اسہِس وَنان "نیٚتہٕ اگر یوزِ ہیکہ میون اَز شبس تہٕ روزِ ہیکہ اٲخر ژرٲری ژرٲو چھم پیتہٕ وأنی پیٚٹہ نش یوان۔ ٹھُکُل واچھر اوس یِہ ڈیٖچھتھ یوٚت چھیران زِ ادہ سہ چُھے دِل کیاز گژھتھ ناراض! یِہ ہُریمانہٕ شب دِتھ بیٚلہ نگمہ جلیہ نیران اوس۔ روخصتہٕ وِزِ اسہِس لسہ کاوٕ بلیہ وَنان "وُچھ، وُچھان کیا چُھکھ یِہ کور مٔن! ہمپارِ تِژ گژھتھ چُھکھ چون سنگ چھیران! واچھر صاٗبس آو یوٚہ کے عار ہیوٚتہٕ چھیوٚر بلیہ وایس۔

دوہ میہ اکہ آو لسہ کاوِ ہُنٛد خاوند یُژ کالی ہیٚتھ۔ ژوریا ژھ دوہ بیٚلہ گُذراوِتھ دژاد وایس۔ روخصتہ وِزِ آیہ لسہ کاوِ اُش ڈیکہٕ" پیتہٕ چھُکھ اوٚرِ یِہان، گوٚک چھُکھ تہٕ روزان ملوٗنے! واچھر صاب چھیوٚر بیٚلیہ سوٗچھن چلو ‘ یِژ کالی چھُس آمُت’ روزو اَز تہٕ۔ پگہ ہیٚوتھٕن نیرن تہٕ لسہ کاوِ ڈوٚل بُتھ۔ یِتھ نیٚتہٕ تہٕ پیٚمرن خانہ دار اَزتہٕ وایس۔ یِہ رکز اُمیہ، یِتھے کُنہٕ دوٚن یا ژٔن دوہ میٚہ بہانہ وٕنی وٕنی کاوان۔ یوٚتام واچھر صاٗبس معطلی ہُنٛد آڈر گرٕ سے ووت، امہ پیٚتہٕ گوٚ نہٕ زانہہ تہٕ ریٚتہٕ واڈن گرٕ نیبر۔

# ٢۔ لۆسیر کیٚن ہیٚنزاٛل

لۆسیر چھُہ وٕنِتھ بیاکھ کیٚنٛہ پہلہٕ گام کرتھ ویٚنہٕ وَتہ سرگیٚھواٛرس نکھہٕ اکھ گام۔ اَتہٕ اوس شخصاہ اکھ یُس گٲمی گامَس اَندر زیٚپر کھہٕ تہٕ کھوٚنٹھ اوس لیوان تہٕ بازرٕ سودا کرنس کیٚتھٕ گیاو شہرس۔ تکھ اَمی اَمس قدر کران۔ دوہا اکھ ہیوتھ شہر تَتہٕ اوس اَمی اکہ لَس پیٚچھ پاٹری میرا لہٕ کٔنِن وول۔ گٲمی یس آیہ پاٹری میہ اَلہٕ ہیٚنٛدوند کاچھ لَبنہٕ۔ ترٛےٚ پوٗشہ ڈبل کٔرِن اَلہٕ واٛلس حوالہٕ تہٕ ہیٚنٛدوند ژماٛژ تیٚمن جان پٔہرن اَلہٕ ہیٚنا۔ اَل اَس جان گۆب نکھس پیٚچھ پکناوان پکناوان گژھ اَمہ اَلہٕ اَمس کھکھاس۔ پیٚتھ تیٚھتھ تہٕ ووت اَل ہیٚتھ گرٕ۔ واریاہ دوہ گژھ ہیٚتھ اوس شہر کھوٚت۔ اَمیٚس آیہ کامکوٚلہٕ کُنٛدٕ تٔمس سَمکھینہٕ۔ اَمہٕ ہند گرٕ پیلہٕ واراہ لوکھ سمیٚہ یہ۔ گٲمی معتبر دوٚہتہٕ رکماہ سان واٛجن طاقچہ پیٚچھ اَل۔ اَل نکراہ کھہٕ تہٕ باگراؤ کھہ سارِنیٚ ہیٚنا ہیٚنا مگر اَمہ ہیٚنز دٔراو اَلہٕ بیول۔ تکو دوٚپُس ہے بابا، اَلہٕ چھےٚ گامَن منٛز سوٗ لیوٗ سوٗ لیوٗ آسان۔ ہُل کیٚنٛژھ گوٚژھ ناشہر کھالُن! زیرک زمان گوٚ اَلہٕ بیول وُچھِتھ شرمندٕ تہٕ آیس سَتھینہٕ۔ دوٚپُن مےٚ ہیوس دانہٕ ہَس نہٕ ژھا! نشاہ گوٚو اوس اَتی، تمہٕ نیوٗ وٕنِتھ

اَل اَسےٚ ہیٚنٛدوند ہپالے
پانژھ روپیہٕ شوبنَس ڈالے
زٔژن پوشن ہیٚنز نکھہ مٔلی ییے
لوزِ اَمرا کڈُتھ اَلی ییے

کاٛشہٕ کاوٕ گاٹلس اگر اَز تہٕ بازرٕ سوداہ کرنس منٛز بیس ترٕ، اگر گژھ پہر، لۆسیر کیٚن ہیٚنزاٛل چھےٚ ژھیتہٕ وترس منٛز وژلان۔ تہٕ وَننہٕ چھُہ لیوان زٔمیٚس ہیٚناگیہ لۆسیر کیٚن ہیٚنزاٛل۔

## ٣ - ہیٚرو مچامہ

ریڈیو کشمیر سرینگرِ پیٹھٕ نشر سپدن والین سلسلہ وار ڈرامہن منٛز یوٚس مقبولیت پُشکرہان سپدِس لیکھمنِس مزاحیہ ڈراما "مچامس" پیٹھ، سُہ سیرِزس بیٚیہ کُنہِ تہٕ ڈرامس نصیب۔ یہ مزاحیہ ڈراما سلسلہ چھُ وۄنی وارِیاہو ؤرِیو پیٹھٕ برابر چلان۔ مچامہ چھُ یمن سلسلہ وار ڈرامہن ہُنٛد اصلی زُو زیتہٕ وول کردار۔ تِکیٛن چھِ امِس مُتلِق مختلف تہٕ عجیب تصور۔ مثلن یہ گژھ ہم آسُن وۄکھ، یہ گژھ ہم کانٛہہ یاوٕ فرد مو کانٛہ آسُن، یہ گژھہم آسُن وِکھت انسان ہیٚمِس کُن وُچھِت کھوژُن آسہ لیوان۔ تہٕ یِتھی یِمی ادا تصور چھِ عام بوزن والیو کھٹِیر کٔریمتی۔

عام لُکھ ما پراریتن مچامُن اصل روٗپ وُچھنس بلکہ کھول تِمو یہ زیٚو پیٹھٕ تہٕ دِز دِز لنگس مختلف مانٛین منٛز ؤرتاوِتہٕ۔ مثلن کانٛہہ بٔڈ کورِ مس پریشان تہٕ تنگ کرن وول شخص وُچھت تِمہٕ دپان ——— یہ کیا سَنہ ہیرو مچامہ ہیو!

## ۴ - زونہٕ ڈبہٕ ہُنٛد ماہہ

"زونہٕ ڈب" چھُ مزاحیہ تہٕ تہٕ سنجیدہ تہٕ، اکھ تیٚتھ فیچر پروگرام یُس تیٚوت عام تہٕ مقبول سپُد زوارِیاہو گرِستیو نان اَمی فرض کٔرِتھ ریڈیو سیٹ مُلہ، محض زونہٕ ڈب بوزنہٕ کہِ غرضہ۔ یہ فیچر پروگرام چھُ وارِیاہو ؤرِیو پیٹھٕ دعہ ہرِس نشر سپدان۔ اکہ پھیرِ ییلہ ریڈیو کشمیر سرینگرِ پیٹھٕ نشر سپدن وول یہ سارِنٕے ہنٛد ٹوٹھ پروگرام کُمہِ تان وجہہ کیٚنی بند سپُد، بوزن والی سپد یہ سیٹھا مایوس۔ تِکیٛن ہُنٛد پیٚوکھس پیٹھٕ اصرار کرنہٕ پتہٕ آو یہ دُبارہ چالو کرنہٕ۔

اَمہ ہنزاچِھیہ فیچرٕ کٕ ساروے کھوتہٕ اہم اتہٕ ہرداعزیز کردار چھُ ماما - اَمہ ہنزٕ اَسناوُن واجیٚنۍ اداکٲری تہٕ زبٲنۍ ہُند اَڈٕ مجر، دوشوٕ وَسے چھیٚنہٕ چھیٚہ اَپچرٕ رچ شوکب آغہ صاحب نہٕ آغہٕ باسے تہٕ چھینہٕ کُم ہیوی اداکار کیٚنہہ مگر عام لُکن چھُ اَڈٕ مجرٕ سیٚتھاہ ماما جانے پسند تہٕ پیٚٹھ چھُ بچارہ ماما زوٗنہٕ ڈَبہ ہُند نوکر نہٕ اَمس یوسہٕ بٔڈ واریہ مَنزٕ مَنزٕ پیوان چھیٚنہٕ، تتھ چھُ جادے لُطف یوان۔ ماما یُس پارٹ اداکران چھُ لُکھ چھِہ تتھ مثالہ ژنگی دوہ ہٕرشِکس بول بوشِس منٛز وَرتاوَس لاگان یتھٕلَن بیٚیلہ اپالو ۵ اسٹیشس کھوت۔ زوٗنہٕ ڈَبہ ہُند ماما کھوت راتھ کیٚشُت پٔتس پیٹھ۔ آخرٕ صاحبن پرٛژھُس، اورکیا کرنہٕ کھوت تھٕ ؟ بوزن ماگژھاکھ! مامن دوپُس اَڈٕ مجہ زِیٚو، بہ چھُس وُچھن اپالو کوٚت ووت! لکو ھُکوٗ مامُن اپالو، وُچھُن یاد ضوٗرٕ وَرتہٕ دِزِ ورتوُ وُکھ- یتھ پاٹھی رۆدی لُکھ ماما سنٛز اداکری ہیٚتھ پارٹ، مثالہ بنٲوی ینہٕ اَدی عام کران تہٕ برٛونہہ پکناوان جاذ اسناوُناوُن واَلِس انسانس تہٕ چھِہ ماما وَنان۔

## ۵ - گڈوِلہ ہنٛز براَر

کَڈوِل گامس منٛز ایٚس برنگ پرگنٕک اَکھ گام چھُ، تتھ جایہ اَکِس ٹرار ریژھ۔ ریژھ چھیٚہ پوٗلاوس اَتھِر۔ براَر آیہ تنگ تہٕ روٗز ژوٗر۔ ہرکہہ وُشِن نشی نیبرے لُکھ اَمِس پھوتہ تُلان۔ اَمِس آوجانِ منٛزس پیٹھہ نہٕ ژلان ژلان واَرٕ کھریٹ ناوی گامس منٛز۔ اَتہٕ اَمِس تہٕ براَر ہنٛز ریژھ ہنٛز گانٛسہ خبر۔ اکہ دوہ یہٕ گو گڈوِلہ ہُند شخصا کھریٹ گامس منٛز ژھولانہ۔ اَمِس پیٚیہ براَر پیٹھ نظر۔ نظر پیوانی پیٚیس ریژھ باد تہٕ براَر کھاجِن ریژھ سیتۍ ژرٕن۔ اَتہٕ بوزٕ لکو تتھ جایہ براَر پھوتہ۔ شرمی جما تھال اَرسے یس پننہٕ ریژھ تُلان تُلان، براَر آو جیبیہٕ تہ چلاوُن برنگی ڈری یاوس منٛز دوہ بٹھ تہٕ موٗ تہٕ۔

۵ آغہ صاحب اوس سومناتھ سادھو، یُس پتہٕ دوہ ڈی یتھ ڈِنیہس منٛز چھپی۔

# ٦ - احسن صابٕنۍ ناو

احسن صاب اوس حاجنِکۍ اَکھ سیٚود ساد شخص۔ سیٹھاہ مسکین تہٕ شہلاب لدٕ بڈٕ۔ یہ اوس مُشرِ مُشرِ پانٕۍ پانس سیٚتۍ کتھہٕ کران۔ لۆکھ اُسۍ ژُور ژُور اُمۍ سٕنٛز اَمۍ خود کلامی منٛز ٹُکھاہ ژٕہتس ہیٚوان۔ اَکہ دۆہہ اوس احسن صاب پانٕۍ پانس وَنان ——— " ناو گرٕھا، اَما پوٚز نہ چھہٕ بٕکلی تہٕ نہ چھیٚنۍ پیٚچہٕ۔ اَمۍ تام بوزن وٲلۍ پرٕژھس، احسن صابا، ناوِ کُس ترٛیٚمہ چیٖز چھُ لگان یُس ژٕ نیار کوٗرٕتھ چھُکھ؟ احسن صاب گو زَن نیٚندرِ بیدار، مگر جواب تُلُن کُنہٕ کیٚنہٕ نہٕ ازِ بیٚلہٕ کٲشرٕ کھانٛدرس یا کُنہٕ کامہِ منٛز درکار چیٖز وُنٛز کاژَہہ چیٖز تہٕ موجود آسہِ تہٕ تس چھیٚہ وَنان ——— اُمِس ہٮ۪سہ چھیٚنۍ اَکھ کامہِ گمیٚژ احسن صابنہِ ناوِ ہشی تہٕ یانۍ سواے تصوُر چھُنہٕ اُمِس کانٛہہ مٲدی ذٔرۍ یہٕ۔

# ٧ - نبہٕ میٖرُن اَنہٕیر

نبہٕ میٖر چھُ قیاسن کُستام ظٲلِم زٲلدار اوسمُت۔ یٔمۍ یٔمِنہٕ وقتہٕ پنُن زٲل، لوٗٹہٕ، بیگار تہٕ دغل دوٗزی سیٚتۍ وُچھار کوٗرمُت اوس۔ " اَنہٕیر" چھُ یِتھہٕ محاورس اَنٛدر برابر تی مانہٕ تھاوان۔ یہ اُردو پاٹھۍ " اندھیر نگری" مرکب لفظ تھاوان چھُ۔ چنانچہ حکومتُک کار بار چلاونس اَنٛدر ییٚلہٕ ہمُش ہمُش وَرتاونہٕ ییٚہ یِمہٕ سیاسی یا انتظامی نابینٲیی وُچھتہ چھُ نبہٕ میٖرُن اَنہٕیر یا دیہان۔ زٲلداری عہدک چھُ لارن صحبنہِ وقتہٕ پتہٕ پیوتُن۔ لہٰذا تھوٚد اَمہٕ یہ تلمیح حال حالکِس تلمیحن اَنٛدر۔

اَمہِ حزاچیہ فیچرٕک سارُوے کھوتہٕ اہم اتہٕ ہردلعزیز کردار چھُ ماموٕ۔ اَمہِ ہٕنٛزٕ اَسناوَن واجیٚنٛز اداکٲری تہٕ زبانۍ ہٕنٛد اَڈٕ کجر، دوشہٕ وَسے چھِنہٕ چھہٕ فیچرچ شوب آغہٕ صاحبُن تہٕ آغہٕ بابے تہٕ چھِہٕ کم ہیوٚک اداکار کینٛہہ مگر عام لُکن چھُ اَڈٕ کجر شیٚہ ماموٕ جانٛہ پسنٛد تہٕ پیٚٹھ چھُ بچار ماموٕ زُونہٕ ڈٕبہٕ ہینٛد نوکر نہٕ اُمس یوسہٕ بلےٚ وٲری مٔنٛز کٔٹھی پیوان چھے، تتھ چھُ جادٕ لُطف یوان۔ ماموٕ یُس پارٹ اداکران چھُ تکھ چھہٕ نتھ مِثالہٕ اُنٛگہ دوہہ یُس بول بوشتس منٛز وَرتاوِس لاگان یتھٕ بیٚلہٕ اپالو ۵ اسٹیشنس کھوٚت۔ زُونہٕ ڈٕبہٕ ہٕنٛد ماموٕ کھوٚت راتھ کیٚنٛژ پَتس پیٚٹھ۔ آغہٕ صاحبن پرٕژھس، اور کیا کرتہٕ کھوٚت تکھ؟ بوزُن ماگرٕ ڈھکھ! مامَن دوٚپُس اَڈٕ کجہ زٕنیو، بہٕ چھُس وُچھُن اپالو کوٚت ووت! تکو تھُوو مامُن اپالو، وُچھُن یادضوٗرَوُرتہٕ دِزٕ ورتوُکھ۔ یتھہٕ پاٹھٕ رَوٚدُکھ تکھ ماموٕ اداکرِتھ پارٹ، مثالہٕ یمن سٲری عام کرُان تہٕ بڑہٕ شنہٕ پکناوان جاد اَسناون واجٕنِس انسانس تہٕ چھہ ماموٕ وَنان۔

## ۵- گڈوِیلہٕ ہٕنٛز برار

گڈوِل گامس منٛز یُس برنگ پرگنک اکھ گام چھُ، تمیکہ اکس برار ریٚژھ۔ ریٚژھ چھہ پہلاوِس اُتھر۔ برار آیہ تنگ تہٕ روٗز زٕور۔ ہرگہہ وُشفن ننٛز نبر یہے تکھ اُسیس پھوتہٕ ترلان۔ اُمس آو جانہٕ منٛس پیٚٹھ تہٕ ژلان ژلان واتُھ کھریٹ ناوِک گامس منٛز۔ اتہٕ اُس تہٕ برار ہٕنٛز ریٚژھ ہٕنٛز کانٛسہ خبر۔ اکہ دوہہ گو گڈوِیلہ ہٕنٛد شخصا کھریٹ گامس منٛز ژھولانہٕ۔ اُمس پیٚیہ برار پیٚٹھ نظر۔ نظر پیوانۍ پیٚیس ریٚژھ یاد تہٕ برار کھاجن ریٚژھ سیتۍ زٕزن۔ اَتہٕ بوز تکو تمیکہ برار پھوتہٕ۔ شرمُو جماعتا لارسے ییٚس پتہٕ ریٚژھ ترلان ترلان، برار آو جبیرٕ چلاوُن برنگی ڈری یاوِس منٛز دوہ پھٹ تہٕ موو تہٕ۔

۵ آغہٕ صاحب اوس سومناتھ سادھو، یُس نٕزِ دوہ دُنیہہ منٛز چھِپی۔

## ٦ - احسن صابنۍ ناو

احسن صاب اوس حاجنکٕ اکھ سیٚود ساد شخص۔ سیٹھاہ مسکین تہٕ شہلاب لد بڑٕ۔ یہٕ اوس ژھنڑی منزٕ پانٕنی پانس سیتۍ کتھہٕ کران۔ لوکھ اُسی ژورٕ ژورٕ اُمہٕ سٕنزٕ اِمی خود کلامی منزٕ ٹکھہ ژہتس ہیٚوان۔ اکہ دوہہ اوس احسن صاب پانٕنی پانس وَنان ——— "ناو گرہا، اما پوز نہ چھہ بٔلی تہٕ نہ چھیٚے پنچہ! اُمہٕ تام بوزن والی پرژھس، احسن صابا، ناوِ کُس ترٛیم چھیٚ چھُہ لگان، یُس ژھیٚے تیار کورمُت چھُہ؟ احسن صاب گو زَن نِنٛدرِ بیدار، مگر جواب تو گُس نہٕ کینٛہہ۔ از بیٚیلہِ کانٛسہِ کھاندرس یا کُنہِ کامہِ منز درکار چیٖزن ہٕنزٕ کارٕ چیٖزٕ تہٕ موجود آسہٕ نہٕ۔ ننس ہیچھ وَنان ——— اُمِس ہٕتہٕ چھیٚے اکھ کامہ، گمژھ احسن صابنہِ ناوِ ہٕنزٕ ترٛن یانی سواے تصوُر چھُہنہٕ اُمِس کانٛہہ مادی ذریعہٕ۔

## ٧ - ننٕہ میرُن انٛہیر

ننہٕ میر چھُہ قیاس کُستام ظالم زالدار اوسمُت۔ یٔمی ہٕنٛزِ وقتہٕ پٔزن زالہِ ، لوٚنہٕ ، بیگارِ تہٕ دغل دوٗزی سیتۍ دُجارٕ کورمُت اوس۔ "انٛہیر" چھُہ یتہِ محاورس اندر برابر تی مانہِ تھاوان۔ یہٕ اُردو پاٹھو "اندھیر نگری" مرکب لفظ تھاوان چھُہ۔

چنانچہ حکومتُک کارِ بار چلاونس اندر بیٚیلہِ کُنہِ کُنہِ وَرتاونہٕ بیہ ایٚمچہِ سیاسی یا انتظامی نابینایی وُچھتہٕ چھُہ ننہٕ میرُن انٛہیر یا دپان۔ زالداری عہدٕچ ہٕچ لارن صحبنہِ وقتہٕ پیٚتہٕ ہینٛو مُت۔ لیٚہذا اتھ وُ اسہٕ یہٕ تلمیح حال حالکین تلمیحن اندر۔

## ۸۔ نبہ چھوٚبن خشتن ہٲج مہرازٕ

یہ اوس اَکھ ڈیلہ بوٚڑ دانا، یِس حرف لگن ہٕنٛدِس چھندس کُن نظر اوس۔ پانہٕ زانہٕ ہیٚکہٕ نہٕ کٲنٛسہ ہیٚتھوٚن دِتھ۔ اَکہِ پوٚز گژھن اوس وَزان یِ بہٕ چھُس بٔڈ پایُک لیڈر زِ مےٚ ہیٚکہٕ زان ہٕتھاوِنۍ چھیو بٔڈ دولتھ۔ اَمہِ عہدس اَندر بیٛہنو اُتھ پیٚٹھ نیٚچِوٕ نہٕ قہوٕ پیالہ پیالہ چایہ ناوِتھ گوٚڈن گژھن نیش جان رقم وصول کٔرتھ وَرۍ یَس تام سوٚ کلیوو اَمس یہ رقم۔ ختہٕ بَن کٔرِتھ بٔلِیہ قہوٕ سماوار جوراہ نہٕ دِژٕن گژھن دعوتھ۔ تَتھ لگِتھ کینہہ خرچہ سرائے کرِنہٕ۔ زِ تھوٚپھ اَے اَکہِ نیٚچو چھہٕ تِس اَیہ پرُس خشتن حال کرُنہٕ۔ اَز کس سنا چھہ تس خشتنہٕ۔ بہاے کتھ کران کران بیٚیلہ تکھ خطرہ شُند گَرَ ژاے اَتہ چھہ دچھان سُئے پرشک کوٹ بلِیہ خشتن ہٲج مہرازن پٲٹھ گژھ پرژھس۔ "اَہنوٚ یارِ اَمس اَے پرُس اَسہ ہیٚتھوٚن دِتھ گوٚڈ نہٕ اَز کتھہٕ پیٚٹھ پانٛرو وَتھ تُلۍ یہ دُبارہ؟" تیٚلہ ختو بَن دوپ تھ "ہُنا یار، تقسیم ژھر ژھر۔ بہٕ چھُس پتھ کیٚنٛہہ نہٕ عوامس پیٚٹھ نہٕ پتھ کینہہ نہٕ۔ وونۍ ہتھ وٚ توہی نہٕ بدلہٕ میانۍ نِس یتھ تھاوِس پیٚزہِ نہٕ فضیحت کالی لوکن منٛز وَنۍ توٚ بٕہ اَمہِ بیٛہنو بہنو وُنت نیٚچو"

اَز بیٚیلہ کانہہ اَکھ سے تقریب دوہ تہٕ کَہ ہیٚتھوٚن دِتٕن ہیٚتھ —— تس چھہ یوٚہے تلمیح لاگنہٕ یوان۔

## ۹۔ نظم بیرنۍ پالسی

نظم بیرنہٕ پالسی ہنٛدِ کر چھہ درجنہٕ واد نو مونہ ریڈیو کشمیر سرینگرہ پیٚٹھ نشر سپدی مِتہٕ۔ نظم بیر اوس سماجی مسلن پیٚٹھ پنُن مخصوص انداز بیان ورتاوِتھ۔

کنٛھٕکس زبانہِ منز فکیٖہ تارانی نہٕ تہٕ کیا زانکھ احمقہٕ نیٖظہٕ بیپرٕ زٕ پالسی کیا چھےٚ یہ لوٗزانی
اوس کنٛھہٕ بچھور اَچھ ژٕ ہٕ نیٖظم صابنہِ "عقلہٕ تہٕ عظمت" تسلیم کران۔ (تفصیلہ
خاطرٕ پرٕو ژیٖتہٕ "کاشُر ادب" اکتوبر ۱۹۷۶ء)

## ۱۰۔ سونہٕ شالُن پروپگنڈا

سنہ ۱۹۴۷ ہیٚنٛہ کیٚسے یہ وارِ ہِیو لیڈر صابن کوشش زِ ہانٛچہِ حلقہ کمیٹی منز گژھن ہیٚنٛہ انسان چھوکر ممبر بنٛنہ۔ امابوٚز تمن رود یہ ارمانے۔ نتیجہ دراو یہِ زِ یمٛنہ کمہٕ کاتیٚہہ ڈولا، پٕوراہ، اوٚباہ یا نابکاراہ ہانٛچہ انسان اوس تمہ آدہ ممبر بناونہٕ، یمن منز سونہٕ شالہ تہٕ اکھاہ اوس۔ ممبر صابو اوس لیڈر صابن ہیٚنٛہ مشکہ ادرِ ہانٛز اندرِ وار یاہ انگریزۍ لفظ مثلن قرضہ کالمی، ایٚجنٹ پروپگنڈا بیتر ہوٚز کرٕ ہیتہ۔ یمن ہُنٛد مانہ کانٛسہ ممبرس معلوم اوس نہٕ۔ مزاکس کاتہہ ممبرکہ تہٕ کس کانٛسہ پروٚنس نشہ ہیتہ ہُنٛد مانہ معلوم کران۔ تکیازِ تمہِ سیٚتھ یہ ہیٚتہ شہ ممبر ٹیچھ ماچہ ہُنٛد مانہ۔ اکھ حالس منز کور حلقہ کمیٹی فاصل زِ خلافٕ کُو ایٚسسٹنٛٹ گژھہ لوکی نیشہ برطرف کرنہٕ یُن تکیازِ سہ چھ پروپگنڈا کران، اکھ پیٹھہ آدہ تلو گو محکمک ڈایرکٹر صابن، اکھ مُدت ہیو تحقیقات کرنہٕ۔ حلقہ صدر ژالہ پانہ نشہ پھر۔ باقی ممبر وتہ دِتہ تھیچھ۔ بیاکھ سور سے لوٚدہ پیو زِ بچارس سونہٕ شالس پیٹھ۔ یمس پیٚٹھ چیس اَمس نہٕ زِ پروپگنڈا کیاہ گو۔

ڈایریکٹر۔ وَن سا شالہ صابا، تمس ملبری اشی ٹنڈس کیازِ چھیوٚ تو ہی خلاف؟

سونہٕ شالہ۔ جناب یہ چھُ کران پروپگنڈا۔

ڈایریکٹر۔ خوب! کیا پروپگنڈا چھہ کران؟

سونہٕ شالہ۔ جناب، پروپگنڈا چھ کران۔ پروپگنڈا، تمہ کھوتہٕ کیا جُرم؟

ڈایریکٹر۔ نہ سایہٕ کس خلاف چھ کران، کیاہ پروپگنڈا؟ اگر پروپگنڈ ہُس چھا مانہٕ تہٕ کینہہ؟

سونہٕ شالہ۔ جناب۔ مہٕ چھے میانِس حلقہ صدرس خبر مانہٕ اَمیُک کیا گو؟ نہ سٕتے۔ آسہ کوٚر ریزولیوشن پاس زِ چون اسسٹنٹ چھ کران پروپگنڈا تہٕ بس ——! اَتھ کیا چھ پرژھن تہٕ کیا گو، تہٕ ہہ کیا گو۔ پروپگنڈا گو پروپگنڈا۔ بییہ نہٕ زٕ سے ہیوس حاکمس امیُک مانے پتاہ آسہ، سٕے اَن پرس کیا آسہ خبر؟

ڈایریکٹرن ژروو اَمُن تہٕ کوٚرن کیس داخل دفتر۔

یتیمہ ووز کانہہ شخص، کانہہ کتھ زانہٕ درایی پیر پیر کرِ، تس چھہ وَنان "امس ہتہ چھ گومُت سونہٕ شالُن پروپگنڈا ——"

## ۱۱۔ جمہٕ نیا یکین شاہی

جمہ نیایک اوس اکس مرازِ ہِ گامس منز حالِ حلال تمام زندٕ۔ یہ اوس بڑٕ زندٕ دل انسان۔ گذار کینہ اوس سفید پوش۔ اما پوز ینہِ نقلی شان تھزٕ تھاونہٕ خاطر اسیہ امہ کینہہ تیتھی چیز مثلن سماوار، دسترخان بینتر عامس آیتن تھاوِی میتی، ز یوٚت..... یوٚت ییم چیز ینہٕ اسی یوان۔ تتہٕ تتہٕ اسی لکھ جمہ نیا یکینہ غیب اُصی ہشندی تعریف کران۔ گرٕ اوس جمہ نیایک ٹھبا بس بیٹھے چلان۔ دپان اکہ لٹہ دوٚد تمِس مکانس، نار بتشنگ اسی دوہ تھان تہ جمہ نیایک بوٚٹھ انگنس منز وفعدار یا اُٹھتی نوک جینیپہ۔ لوکھ اسی وُدان بِوان۔ امس دوپُکھ "دٔنی کمین کیا چھکھ بہ کران اگر یہ ژُھنیا؟ جمہ نیا یکین دوٚنکھ "یہ تہ سگ اکھ شاہی!"

اَز ییٚلہِ کاشہٕ بیٚنیٚو سفید پوٚشی زٕدٕر تھاوِتھ، نیٚبرٕ کۍ ٹیپ ٹاپہٕ سیتۍ
دُنیا دارٕ ی ہاوِ نہٕ تِمو جِہ وَنان —— "یِہ ہیٚمسہ چھُہٕ جمہٕ نیا یکنہٕ شاہی
کران"۔

## ۱۲۔ جبار بابنۍ ہینٛدۍ وٕنٛدرٲچھ

جبار بابہٕ چھُہٕ حاجنٛک اَکھ بُڑ اوسمُت۔ اَمہِ اَمی ہینٛد وٕنٛد پوٚکھر نٛدٕ وٕمٕتۍ
یا مُتھہٕ ہینٛد وٕنٛد ذرا اَتہِ گٕیہِ یہِ روٗد تیمن یانہٕ رٲچھہٕ۔ یُسے وَتہٕ گیٚتھ ایارٕ کٕراوُس
یٚکان تُس اوس جبار بابہٕ ہینٛد وٕنٛد زٕدٕر زانیتہٕ بتٕہ دارٕ ی کران۔ ہینٛد وٕنٛدن مَنٛز بٲگ
اَکس چار پایہٕ پیٚٹھ، بییلہٕ یہِ دوٕہ وادٕن وَتہٕ پکہٕ وٕنہٕ من ہانٛز ھہ لوٗگ لاگیتہٕ بیٚنیٚو
بہیوٗدٕری تہٕ شب بیدارٕ ی ٹھیکہٕ ناوِنہٕ۔ کیٚنٛژو جوانو کوٗر مشوٗرٕ زِ جبار بابُن چُھ تیٚمہٕ کیٚتھ
کٕنٛژو بیٚیہ بنٛد کرُنہٕ۔ چنانچہ اَمی رٲژ گٕیہِ زٕ ور جوان تہٕ لوتہٕ لوتہٕ تُلُکھ جبار بابہٕ چار پاے ہیٚتھ
تہٕ وٲتہٕ نوٕ کھ مشدِ مَنٛز بانٛگہِ ہیٚنٛز جایہِ۔ پانہٕ ڈرایہِ واپس۔ ہینیاہ ہینٛد وٕنٛد خوش شہٕ
گٲکھ تینشیاہ کھیکھ۔

صُبحس ییٚلہِ بانٛگہِ بانٛگ ہیٚنٛز دِینیٚو، اَمِس آیہِ اَتہِ کنہٕ مَنٛز یانس نکھہٕ
چار پاے لیٚنہٕ۔ جبار بابہٕ گو چار پایہٕ پیٚٹھ نٕنہِ سنگاہ بانٛکھہِ ٹھوٗد وٕتھتھ تہٕ لوٗگ
بانٛگس وَنِنہٕ —— "ہیو دلاہ کُسو چھُکھ ہینٛد وٕنٛدن مَنٛز بانٛگ پران؟"
بانٛگس گَو پٕراہ ہیوٗ۔ بانٛگ ژٕلُن تہٕ گَو چار پایہٕ نکھہٕ ہیوٗ، اَتہِ ڈٕچھُن جبار بابہٕ تہٕ
دوٕپنس "ژٕ ہا چُھکھ پاگل، ژٕ کیتہٕ پوٗرُ ژٕ مے چھُکھ موٗرٕ دِ ہینٛدٕ کۍ بانٛکھہِ مشدِ مَنٛز
وٲتنووُمُت"۔ ییٚلہِ جبار بابس ہوش آو، تمہٕ لوٗگ اَتھہٕ مورنہٕ۔ تہٕ کیا زِ اوٚنٛت تام
اوس ہینٛد وٕنٛد زٕدٕروتس بسنہٕ نوٗن ڈیٚتمُت۔ تہٕ تمہٕ دوہہٕ پیٚٹھہٕ اوس نہٕ شہٕ ہیٚنیہٕ
بہیوٗدٕری ہینٛدٕ کۍ زانیہہٕ نہٕ دٕہم دِوان۔ •

سونہٕ شالہ۔ جناب، پروپگنڈا چھُ کران۔ پروپگنڈا، تمہ کھوتہٕ کیا جُرم؟

ڈایریکٹر۔ نہ سائٔتہٕ کَس خلاف چھُ کران، کیاہ پروپگنڈا؟ اٰخر پروپگنڈ ہُس چھا مانہٕ تہٕ کینہہ؟

سونہٕ شالہ۔ جناب۔ مہ چھِ میأنِس حلقہ صدرِس خبر مانہٕ اَمیٖشُک کیا گو؟ نہ مٮ۪ٚ آسہ کوٚر ریزولیوشن پاس زِ چون اسسٹنٹ چھُ کران پروپگنڈا تہٕ بس ——!

اَتھ کیا چھُ پرٛژھُن تہٕ کیا گو، تہٕ ہُمہ کیا گو۔ پروپگنڈا گو پروپگنڈا۔ بیٚیلہٕ تہٕ ژٕ سٮ۪ٚ ہٕمیوس حاکمس اَمیٖشُک مانسے پتاہ آسہ، مٮ۪ٚ اَن پرِس کیا آسہ خبر؟

ڈایریکٹرن ترٛوو اَمِس تہٕ کوٚرُن کیس داخل دفتر۔

یٮ۪ٚمہ وِز کانہہ شخص، کانہہ کتھ زانہٕ درأیی پیٚر پیٚر کرِ، تَس چھِ وَنان " اَمِس ہتہ چھُ گوٚمُت سونہٕ شالُن پروپگنڈا ——"

## ۱۱۔ جُمہٕ نیایکِنہٕ شاہی

جُمہ نیایکُ اوس اَکِس مرأزہ گامس منٛز حالِ حلال تامیم زِندٕ۔ یہ اوس بٔڑ زِندٕ دِل انسان۔ گُذار کینژاوس سفید پوش۔ اٰما پوٚز ینیہٕ نقلی شان تھٔوُن بتھاو نہٕ خاطرٕ اُسہ اَمہ کینہہ تِتھی چیز مثلن سماوار، دسترخان بینتر عامس اَیتن بتھاوی میتی، زٕ یوٚت...... یوٚت ییم چیز ینہٕ اُسہ یوان۔ تتہ تتہ اُسہ لکھ جُمہ نیایکِنہٕ فیاضی ہٕنٛز تعریف کران۔ گرٕ اوس جُمہ نیایکُ بٔڈیاپس پیٹھے چلان۔ دٔپان اَکہ لٹہ دوٚد تمِس مکانہٕ، نار ژُشنگ اُسی دوہ بھان تہٕ جُمہ نیایکُ بیوُلھ اَنگنس منٛز دھنعدار پأٹھی نوک چیلینہ۔ لوکھ اُسہ ژٔدان یوان۔ اَمِس دوٚپُک " دُنی کیٚمن کیا چھُکھ یہ کران؟ اَتھ پرٛژھی؟ جُمہ نیایکِن دوٚنکھ " یہ تہٕ گو اَکھ شاہی!"

ازٕ بیٚلہٕ کاٚشہٕ بٔنِتھ سفید پوٗشی ژٕدرِ تھاوِتھ، ییٚلہِ ٹیپ ٹابہٕ سیتۍ
دُنیا دارٕی ہاوِ نتِس چھِہ وُنان ——— "یہٕ ہِسہٕ چھُ جُمہٕ نیا یکِنہٕ شاہی
کران۔"

## ۱۲- جبار بابنۍ ہیٚنٛدٕ وٕنٛدرٕ آچھ

جبار بابہٕ چھُ حاجنٛس اکھ بُڈ اوسمُت۔ اُمۍ اَسی ہیٚنٛد وٕنٛد پوٚن کھرٕ وٕنٛدٕ ہمتی
یا مہتہٕ ہیٚنٛد وٕنٛد ذرا ییٚٹی گۍ یہٕ روٗدٕ تیمن پانہٕ رأچھ۔ یُسے وُنۍ کٕمتا ایارِ اوس
پکان تِس اوس جبار بابہٕ ہیٚنٛد وٕنٛد ژٕدر زانِتھ بٔنۍ وٲری کران۔ ہیٚنٛد وٕنٛدن منٛز بٲگ
اکِس چار پایہٕ پیپھٕ، بیٚلہٕ یہٕ دوہ واوٕن وُنۍ پکہٕ وِہ من ہانٛز ھ لوگ لاگِنۍ تہٕ بٔنِتھ
بہٕ ووٚدری تہٕ شب بیدأری ٹھیکہٕ ناوِنہٕ۔ کینٛژٕ جوانو کوٚر مشورٕ زِ جبار بابُن چھُ تہمٕ کیتھ
کٔنٛہ پیپہٕ ہیٚنٛد کرنہٕ۔ چنانچہ اُمی رأژٕ گۍ ژٕ ور جوان تہٕ لوتہٕ لوتہٕ تُلکھ جبار بابنۍ چار پاسے ہتھ
تہٕ وانہٕ نو وٕکھ مشدٕ منٛز بٲنٛگ ہشر جایہٕ۔ پانہٕ ڈرایہٕ واپس۔ ہیتیاہ ہیٚنٛد وٕنٛد خوش
گٲکھ تیتیاہ کھیکھ۔

صُبحس بیٚلہٕ بٲنٛگہٕ بانگ ہیٚش دِنہٕ، اُمس آینہٕ اَنہٕ کٕنٛہ منٛز یانس نکھ
چار پاسے لیٚنہٕ۔ جبار بابہٕ گو چار پایہٕ پیپھٕ نٮ۪ سنگاہ بٲٹھ ٹھوٚدٕ وٕتھتھ تہٕ لوگ
بانٛگس وٕنِنہٕ ——— "میو دلاہ کُسو چھُکھ ہیٚنٛد وٕنٛدن منٛز بانگ پران؟"
بانٛگس گمہٕ پراہ ہیوٚ۔ بانگ ترٕاٹن تہٕ گو چار پایہٕ نکھہٕ ہیوٚ، اَتہٕ وُچھُن جبار بابہٕ تہٕ
دوپنس "ژٕ ہا چھُکھ پاگل اَتہٕ کتہٕ بوز، ژٕ ہے چھُکھ مورد ہیٚنٛدک بٲٹھ مشدٕ منٛز
وأتنو وُمُت۔" بیٚلہٕ جبار بابس ہوش آو، شہٕ لوگ اُچھ موٚرنہٕ۔ تہٕ کیا زِ اوّت تام
اوس ہیٚنٛدٕ وٕنٛد ژٕدرو تس بسنہٕ نوٚن ڈیتمُت۔ تہٕ تمہٕ دوہٕ پیپھٕ اوس نہٕ شہٕ پنٛنہٕ
بہوٗدُری ہیٚنٛدک ناشہٕ تہٕ دٕم دوان۔ •

اَزیُس اَکس کُنہِ چیز بس رأچھ کران کرأنی پننہِ دُشمن وُڈاوَن، تس چھِہ وَنان ـــــــ "اُمِس ہتہ کر کھِ جبار بابہِ ہیند وند رأچھ!"

## ۱۳- اُمر دینہِ گوٗلی

اُمر دین اوس اسلام آبادس اندر اکھ وَثیقہ نویس۔ یُس پننہِ اِیرہ رسوخ کہ وجہ اسامین پانس کُن رٹان اوس۔ اُمر سُند ہر کُچھ سٕہ ٹھا موشوٗر۔ بیمہ منز چھُ یہ اکھ ٹُر جاوُدے زِلُو کھوتمُت۔

اُمر دینُن بیان چھُ زِ بیٚلہِ اسلام آباد مارشل لا گوٗ، جلوسن پھُٹرا وِنہ خأطرٕ کرِ سرکأری فوجن اَتھ روٗس گولہ خرچ۔ اُکھ گولہ گیہِ کارس منز چھیسو شوٗٹھ تہٕ۔ مےٚ تیتھ اکہ کوچہِ منزٕ بُچھ تہٕ نام لأے اَکی سیہ ہتن گوٗلی۔ بیہِ ژامس اَکس مکانس منز، گوٗلی تہٕ لٔج اوٗری اُژنہٕ۔ بہ کھوتُس گوٚڈ دوٚیمِس تہٕ پتہٕ ترٛیمِس پورس تہٕ گوٗلی تہٕ لٔج مےٚ پتےٚ دَوُنہٕ۔ مےٚ تیتھ دار کٔینہِ دوہ ٹھ تہٕ ژراوُم بجہ ات۔ گولہ تہٕ کوٚر لجن کُن آسے۔ مگر ژٕیمہ پورہ بون وسان وسأنی ژاس بہ بیٚلیہ دٔیمہ پور چیہ دار کٔینہِ مکانس اندر گوٗلی بیٚلیہ ترٛیمہ پورہ پیٹھ شیشہ ٹُے زمینس پیٹھ تہٕ کوٹھ بیٚچھوو۔

اُمی گولہ ہنٛد کہ پأٹھۍ بیٚلہ کانہہ چیز کأنسہ انسانس پتہٕ لگہ، تس چھِ "اُمر دینہِ گوٗلی" تلمیح ژٕہ تس بیوان۔

## ۱۴- گٔنہ پن پوڈر

یہ تہٕ چھےٚ حأجنہ تلمیح۔ پتہٕ کالہ اوس گنے نأوٕر وُپا اکھ پٔتمِس تِنہِ نأوہ اکھ کھوٗراہ ہمسایہ اوس۔ دوہ نہٕ وےٚ اُسی پأنژن دہن دہن روپین ہُند

وانیٹھ کران ۔ دوہ نوبی اوس تمہ ژنگہ ووتھ نا اسہ دانا ۔ اکہ دوہ پیہ ووٚن گنہ ین تنس زنٔس سے ماخبر بڈین مو پرنوین کیا زِ تار یہ مس گلان ؟ تمن دوپُس " شاید آسکہ حباب سو پچنہ سبہ تلکس مس گلان " ۔ گنہ ین تھٕنجے پہ اشار بوز ۔ تمہ دوپ تنس " اد سہ اگر سے تہ مس گلہ سے تہ مانن تکہ نٔیلہ ہا گمنہ ہیوٚ کاٚل " ۔ تمن دوپُس " کیازِ نہ پہ بوز یہ تزدو تمن زن نیو تھ وشہ تہ دوٚنوٚ تنس گھر س ـــــ " مگر سہ مس کیتھہ گنہو جب میٚے ؟ " تمن اوس حال ہا لیے " بال صفا پوڈر " وانس کینٹ او نمت ۔ گنہ ین ووش بوز یہ گو سہ وانس پیٹھہ تہ اوٚن پہ پوڈر ۔ گنہ ین لوٚب پہ پوڈرو چھیتھ زِنتہ خزانہ ۔ سہ لوگ بار بار کلس پہ پوڈر مٹھنہ ۔ آخرس نیا دتس وادیاہ مس ۔ لوکھ گئے اموٚشہ
کلک پہ حال بدو چھیتھ اسہ زِ پہ بیقل کیتھ گنہ بنہ ہس گا لنہ سینتو کاٚل ۔
پہ تلمیح چھے تس اپس پیٹھ ورتا دنہ یوان ۔ یُس گنہ ہیو پاٹھو ہکا نہ حبا زِ لیہ

## ۱۵ ۔ اسلام شہن سوچ

سری نگرس اندر چھے ہر ہمیشہ پنچ سختی اسیمژ یتھہ غلہ دار اسو مینچ چھیہ تام شہرین ہند خون چوان نہ حکومت چھے روز پریشانہ تماشہ وچھان نتہ غلہ دارن سنچ اٹھ کران ۔ یوتام سہ وق ووت ییلہ شالی سٹور محکمہ بنیوو ۔
غلہ کسٹالی ہند اکہ وقتہ اوس سلام شاہ نقشبندی اسسٹنٹ گورنر ،
یمیس غلہ دارن نذورک کر پنچ کام متہ ٹھکو گہ ۔ سلام شہن کوٚر غلہ دارن تیتھہ نسکو یُس تمن پیر پختہ پیپر ژہتس روز ۔ اد ہن کا سہ ناوٚن دار ۔ اد کڈن ادٔ ادٔ کینہہ لڈیو ٹھیل کیٔشن دیادِن ژو تس پیٹھ کچھ ۔ منجھر یس اکس غلہ دارس نش یُس ذخیرٕ اوس سہ آٹھ نوون ، پیمہ سیتو غلہ رود مہیا ۔ نرخ گو تیوٚت بون یُت نہ لکن گمانے

اوس۔ ذخیرٕ دٲلِی گے رُسوا، تہٕ عاشس ژوٚل ڈراگ۔

اَمہِ غلہ امدادٕ نِ پیٹھ روٗد لُکن سلام شہٕ ہن سوتھ چھ یاد۔

## ۱۶۔ کامہٕ صابُن ناگ

زٕ ژور وٕری برٛونٹھ گوٚو برنگ علاقس منٛز داوٗک۔ زراعتس گٔے بیٛٚ تُنگہٕ تہٕ لُکن پیو تریشہِ واہن قاں کرٛیشُن۔ یَتھ برنگس سوٗ نہٕ ہُشِندٕ پٔژنگ وننہٕ آمُت چھُ، شہ گو وٕجارٕ۔ لُکن آو جانٕ پَنٕنس پیٹھ۔

اَمہِ دورانس منٛز اوس دروِیشاہ حاتم تہٕ یِمس کامہٕ صاب اوس ناو تہٕ یُس شاید وُنہِ زندٕے چھُ۔ درویشن کرٛنوو اعلان زِ ہر کہہ برنگ پرگنکہ لوکھ یِژھن، یہٕ کرٕ تِہُنٛدِ خاطرٕ آمُک شہٕ انتظام، یُس نہٕ زٕنہٕ سپد سور۔ لوکھ اُسو سٕتھ چھنٛدریمٕنٕ۔ تِم آیہٕ کامہ صابس نِش تہٕ ووٚنہس: "حضرت، اُسی چھِ وُنہ رٕگمتی۔ توٚہیہٕ دِیُو تہٕ کرو، فقط گوٗژھ اَسہِ آب۔" کامہٕ صابن دوٚپُکھ "توٚہیہٕ چھُ پرٛیٚتھ گامس گرٕ پَنٕنٕ گرٕ، اکھ اکھ نَفر یا ژٕ ژن پانژن دوہن منٛز نِش سوزن مگر روٗزِ نہٕ بیمان۔ صوف ناوی گامس منٛز چھُ اَسہِ اکھ ... ، نَصَنٕنٕ، تِمہٕ منٛز دمہ بہٕ نیوکتہٕ آب کڈٕتھ۔ یُس نہٕ زانہِ سور، صوف چھُ کو کرنا گتس ... اکھ گام۔" لُکھ اُسی برٛونٹھے تیٚار آمتی۔ تِمو ہون درویشہٕ سٕندِ مشورٕ تہٕ کامہٕ پتہٕ ... لایکھ پرٛیٚتھ گرس اَنواری۔ دوہس راتس روٗز ناگ کھننُک کام جاری۔ اما پوز اتہٕ ژراو آمہٕ چھوٚکلاہ اکھ، یُس نہٕ ناگہٕ ہیرٕ ڈراوے۔ ڈوٗ ڈُس رٕتس سینہ کھو تہٕ سوٚن ...نہٕ باوجود تہٕ ژراو نہٕ اتہٕ نیوکت آب یَتہٕ کول ہیکہ ہے بنِتھ، بلکہ کٕرہِ کو پاٹھ ڈراو ... آب یوت اکھ انسان ہیکہ ہا ژٕ ڈیش چیتھ یا پیاے رٕتھ۔ ییٚتھ پاٹھو روٗد لوکن آبٕچ ارمان دِلن منٛز ے، تِمن باسیوو درویشہ سٕندِ کرنہٕ گرو تہٕ تلہ تلاو ہاونی سوندٕ سے

پچو، تہم رودی تہتی وجاہ، بیتھو بڑو تہہ اسی، بلی راؤ کھہ ہینتے اوت۔

—— زوجان زنتھ بیسلہ کہ شیہ کہینو حاصل بیہ تہ، دپان چھس

—— امیس ہیشہ گو کامہ صائبن ناگ!

اوس۔ ذخیرٕ وٲلِی گےٚ رُسوا، تہٕ عاشس زوال ذراگ۔

اُتھی غلہ امداُئی پیپھٹ روٗد لُکن سلام شہُن سو چھ یاد۔

## ۱۶ - کامہٕ صابُن ناگ

نٕہ ژور وُری بڑونہہ گو برنگ علاقس سخ داوُک۔ زراعتس گےٚ بیٚے بُنہ تہٕ لُکن پیو تریشہِ دامن تان کرٕشُن۔ یمہ برنگس سو نہٕ پُشند پٕنگ وَنہٕ آمُت چھُ، شہ گوٗ وُجار۔ لُکن آو جان مُنس پیپھٹ۔

اُتھی دوراِنس منز یوٗ درویشاہ حایتھ یمس کامہٕ صاب اوس ناو تہٕ یُس شاید وُنہٕ زِندے چھُ۔ درویشن کرنوو اعلان زِ ہر کہہ برنگ پرگنکو لوکھ یژھن یہ کرہ تہٕ ہند خاطرٕ آوُک شہ انتظام، یُس تہٕ زِنہِ سور۔ لوکھ اُسو سخ چھندرییمتہٕ۔ تمہ آیہٕ کامہٕ صابس تہٕ وونہس: "حضرت، اُسی چھہ وُجارٕ گمتہٕ۔ تُوہی یہ ڈٕنو تہٕ کرو، فقط گواژھ اُسہ آب"۔ کامہٕ صابن دوٗنکھ "تو یہ چھُ پرٕیتھ گامس گرٕ ہیٚنہٕ کرٕ، اکھ اکھ نفر یا ژٕن پاژٕن دوہن منٛے نِش سوزن مگر روُزِ نہٕ بمان۔ صوف ناوی گامس منز چھُ اُسہ اکھ نفرٕ، تمہٕ منز دمہ بہٕ تیوت آب کڈٕتھ یُس نہ زانہہ سور صوف چھُ کو کرناگس تہٕ اکھ گام۔ لُکھ اُسی بڑو تیجھے بُنیمرٕ آمتہٕ۔ تموٚ موٗن درویشہ سُند مشورٕ تہٕ کامہٕ پیتہ تہٕ لاگِکھ پرٕیتھ گرس اَنوارٕی۔ دوہہ پتہٕ راتس روُز ناگ کھنہٕ سُنٛد کام جٲری۔ اماپوٚز اتہٕ دراو آبہٕ چھوٚلاہ اکھ، یُس نہٕ ناگہٕ میر دراو پے۔ ڈوٚڈس ریتس، سنہٕ کھو تہٕ سوٚن سنہٕ باوجود تہٕ دراو نہٕ اَتہٕ تیوت آب یتھ کول ہیکہٕ ہےٚ بنِتھ، ییلہ کہ ییرکو پاُکھ دراو نیٚت آب، یوت اکھ انسان ہیکہٕ ہا ژیش چیتھ یا پیالہٕ رٕتھ۔ بیتھ پاُکھ روُد لُکن آبٕک ارمان دِلن منزے، تیمن باسیوو درویشہ سُند کُنہ گرٕ تہٕ تلہ تلاو ہادِی سعدٕ سے

پچُز، تیمہ رُودی تہتی وُجایا، بیتو بزدہ تہہ اُسُ، اُلرا اُو کہ مہنتہ اوت ۔

ـــــ زُوجان زُٹہتہ بیسٹیلہ کا تُنسہ کہینو حاصل بیہ تہ، دہان چھس

ـــــ اُمیس ہستہ گوٗ کامہ حسابُن ناگ!

# کتابہٕ

یمن ہُنْد اَسہِ اَکہ نَتہٕ بییہ ضوٗرٕ وٕرتہٕ کِنہ مُطالہٕ کرُن پیو۔

## (ا) کأشُر

۱۔ کأشرِ نغمٕرِ بِکتاب — پروفیسر محی الدین حاجنی

۲۔ مقالات — پروفیسر محی الدین حاجنی

۳۔ لکہٕ رس — پروفیسر محی الدین حاجنی

۴۔ کأشرِ مثالہٕ — مرحوم نور محمد

۵۔ کأشرِ محاورٕ تہٕ مثالہٕ — پنڈت آنند کول باامزئی

۶۔ کأشرِ لکہٕ کتھٕ (۵ حصہ) — کلچرل اکیڈیمی

## (ب) رسالہٕ تہٕ اخبار

۱۔ نیب (کینہہ شمارٕ) — امین کامل

۲۔ چمن (کینہہ شمارٕ) — فیلڈ سروے آرگنایزیشن

۳۔ شیرازٕ — کلچرل اکیڈیمی

۴۔ سون ادب — کلچرل اکیڈیمی

۵۔ کأشرٕ اخبار (کینہہ پرچہ) — کشمیر کلچرل آرگنایزیشن

(ج) مذہبی تہٕ نیم مذہبی کتابہٕ

۱۔ وتستا مہاتم (قلمی نوسخہ) — مملوکہ موہن لال آتش

۲۔ بھاگوت — اردو ترجمہ

۳۔ مثنوی معنوی — حضرت جلال الدین رومیؒ

۴۔ رامائن — مملوکہ موہن لال آتش

۵۔ کیشمہ کاشر جنگ نامہ — چھاپ غلام محمد نور محمد تاجران کتب

۶۔ تاریخِ اسلام

(د) اُردو کتابہٕ

۱۔ تلمیحات — محمود نیازی

۲۔ فصاحت و بلاغت (چند اوراق) — مولانا وحیدالدین سلیم

۳۔ تاریخِ حسن — غلام حسن شاہ کھویہامی

۴۔ تاریخِ کشمیر — محمد الدین فوق

(ل) انگریزی کتابہٕ

1. A Dictionary of Kashmir words & phrases.
   By J. Hinton.
2. The Wit of Kashmir.
   By Sudershan Kashkari

3. Valley of Kashmir.
By Walter. R. Lawrence.

## (۴) مُتفرقہ

(۱) موتی لال ساقی سٕندی لل دیدٕ تہٕ علمدار رحہ صابٕن متلق کینٛہہ مضموٗن، ییم مختلف کِتابن منٛز چھاپ گٔمتۍ چھِہ۔

(۲) سون ادب (کلچرل اکیڈیمی) منٛز چھاپ سپدٕ مٕتۍ کینٛہہ مضموٗن۔

(۳) کالیداس شٕند کُمار سٔمبھو۔

